# جہنمک پٔنُن پٔنُن نار

(کأشر ناول)

اختر محی الدین



کتابہٕ ہُند ناوٗ : جہنمُک پٔتن پٔتن نار (ناول)

مصنف : اخترؔ محی الدّین

لکھن وٕری : 1975ء

گوڈنیک چھاپ : مئی 2002ء

تعداد : 500

کمپیوٹر کتابت+ سرورق : T.F.C کمپیوٹرس مندر باغ، گاؤ کدل، سرینگر

طباعت : الحیات پرنٹو گرافرس فون : 473818

مول  (عام ایڈیشن)

250 روپیہ (لائبریری ایڈیشن)

پبلشر
# بُک بینک

نزدِ اسلامیہ کالج، حول سرینگر

میلنٚگ پتہ:

کِتاب گھر، لال چوک، سرینگر

تس نوجوانس نذرانہٕ

یُس یہِ سماج پاک کرنہٕ خاطرٕ

گوڈنیُک بندوٗق چلاوِ

اختؔر

۵ رفروری ۱۹۷۵ء

تٔمِس تاوَن تیٚمِس ییے سُند ازروُن
بٔ کرٕ کِتھٕ گٔژ مگر اتھ ستۍ تعاوُن
میٚہ وُچھ پتٔ مٮ۪ن بٔہن ؤرین ییتے اوت
مسلط گو زنا پرور تمدن

(غلام رسول نازکی)

# I

''ہوٗنۍ ہیوٚت انسانس ژوٚپ''

یہِ اُس نہٕ خبر۔

''انسانن ہیوٚت ہوٗنس ژوٚپ''

یہِ اُس خبر یوسہٕ اخبار وٲلۍ شاہ سورخی منز چھاپان اٚسۍ تہٕ لُوک اٚسۍ ہیرِ ہوٗکرۍ کرۍ یِتھ اخبار یرنہٕ گرٛھان۔

پرٛانہِ کالہٕ اگر زانہہ کٲلۍ اسمانس گوٗن اوٚبر کھسہِ ہا تہٕ روٗد پیوان اوٚبرُک رنگ زردِ ہا کرِکھ اُس گرٛھان زِ کتہٕ تام چھُ خوٗن گومُت تہٕ اِوکنۍ چھُ سٲرِے قدرت وولیمژ۔ مگر یِیمہِ وقتچ میہ کتھ تُج تتھ منز نہٕ اُس قدرت وولان تہٕ نہٕ اخبار وٲلۍ تکیا زِ ہوٗنس ژوٚپ ہیٚنۍ اُسنہٕ ووٗنۍ کانہہ خبرٕی روٗزمژ۔ ووٗنۍ اٚسۍ لُوک ہوٗن کھوان ——— کھوان تہٕ کھیتھ تھبکان۔ یِد وَے زانہہ کٲلۍ خبر نیرِ ہا زِ کرتار سنگھن کھیوو ہوٗن حلال کٔرِتھ یا غلام رسولن کھیو جٹکہٕ کٔرِتھ تتھ پتھ اُس اٚکِس یا بیٚیس فرقس ژِکھ کھسان تہٕ یِژھ خبرتہِ اُس تیٚلی چھپان ییٚلہِ اخبار وٲلِس کرتار سنگھس یا غلام رسولس سیٲسی زک واتناوٕن آسہِ ہا۔

شیٖن اوس امی کالک اخبار نوٗیس ۔تس اوس سماجس منز عزت ۔کافی ہاوسس منز اوس سُہ بڈِ بڈِ کتھ کران تہٕ واٖز وانن پیٹھ اوس تہندِ خاطرٕ گیبسٹ کنٹرول آرڈر پھٔژرا ونہٕ یوان ۔شیٖن اگریٚژھِ ہاز ہٕنزٕ متس کرتار سنگھس ہار ناوِ ہایاہٲری ٕمتس غلام رسولس زینہٕ ناوِ ہا تکیاژِتس اوس تگان پننہٕ نِس اخبارس منز وَنُن زِ کرتار سنگھن کھیٚو حلال یُدوَے تمی جنگلے کھیومُت آسہِ ہا یا غلام رسولن کھیٚو وحشکہٕ تکیا زِ سیکولر جمہوریت چھِ تمی سٟتۍ قائیم۔

امہِ کنۍ اوس شیٖن سُند ناو بوزتھ سارنٕی ہتر کھسان تہٕ سُہ اوس حاکمِ اعلا سُند سارِوی کھوتہٕ ٹوٹھ جرنلِسٹ۔

ییمہِ دوہہ سأنی کتھ شروع چھِ گژھان امہِ دوہہ ییلہِ شیٖن کافی ہاوس ژاوا ایکسن گوتھوٗ دوٗتھ ۔شیٖن آو بڈٕ لاوٗبالی پأٹھی تہٕ کوٚرُن ایکسس سٟتۍ اَتھ واس ۔ایکسن ہووبہرس اِشارٕ تہٕ تمی أنی کافی۔

"ہیلو ایکس،" یہ اوس شیٖن ونان کُرسی پیٹھ بِہان بِہان۔

ایکسن وہرأوی دٔند مگر اَمن آواز کڈٕ ن نہٕ۔

ایکس اوس وُنہٕ بِہانی زِ ہمہِ کُرسی پیٹھ ؤژھ نینسی تہٕ کُنی دوِ آیہِ ٹیبلو مُنزی مُنزی تہٕ وأژ شینس نشہِ ۔پٔنن زأوِیل تہٕ زیوٚٹھ اتھ پلنووُن تس کُن تہٕ سٟتۍ وونُس امن گیبن درمیان۔

"ہیلو شیٖن، بہٕ أسس بور گأمژ۔

"نینسی!" شینس ژُج ہُنی حارانگی ہنز کربکھ ہش نیرتھ۔اکہِ اتھ روٚٹُن نینسی ہُند اتھ تہٕ دوییم اتھ تہندس کمبرس پیٹھ تھأوِتھ لوٚمُن تس پانس

کُن تہٕ بہناوٕن پانس کھوورِ طرفہٕ۔

"زندگی چھنہٕ زنانہٕ ہندِ وجودٕ ورأے رَکھنہٕ" شینن ووٚن نینسی پھیکِس پیٹھ اتھٕ تھاوِتھ فلسفہٕ تہٕ نینسی گیہ یہِ بوٗزِتھ اسن گژ۔

"زنانے چھ مردِ سنزِ زندگی ہُند بہتر حصہٕ" یہِ ووٚن ایکسن شینن سندِس فلسفس تقویت دِنہٕ خاطرٕ۔

"مگر میر تج چھ اتھ سورُے رومانس ختم کران" یہِ ووٚن نینسی ٹیبلہٕ ٹلہِ شینن سنزِ رانہٕ پیٹھ اتھٕ تھاوِتھ۔

"میر تج چھ پزٕ پاٹھی اکھ پزٕسی ٹیوٚنسٹی چوشن۔ شینن اوس ونان نینسی ہُند اَتھٕ رانہٕ ہندِس ہیرٕ مس ژھِس کُن کھاران۔ "میہ چھُ أزکہِ لٹہِ اتھ موضوٗعس پیٹھ اکھ زبردس آرٹیکل لیکھنک خیال۔"

"بہٕ چھس پانہٕ پزٕ ھان اتھ موٗضوٗعس پیٹھ قلم تُلن" نینسی ووٚن شینن سنزِ رانہٕ پیٹھ اتھٕ تُلنہٕ ورأے۔

"یہ سماج ترقی پسند لأنہٕ پیٹھ انٛج کأم چھ سبٹھاہ گوٚب" یہ اوس ایکس ونان۔ "تہٕ یہِ کأم ہیکہِ صرف تہندُے اخبار کٔرِتھ۔ نوجوانن چھ اتھ ہنٛدٕ سبٹھاہ ووٚمید وابستہٕ۔"

"ہنڈرڈ پرسنٹ کرَیکٹ" یہِ ووٚن نینسی کھوورِ اتھٕ مس شیران شیران۔ تس اوس بُتھس ووشلُن ہیوٚہ کھوٚتمت تہٕ شینن اوس أچھ وُٹھ زنتہٕ جنتہٕ پیٹھی آکأشی وٕڈوٚ کران۔

بُہر آو کافی ہیتھ تہٕ تھاوُن ٹیبلس پیٹھ۔ کتھ تام زنتہٕ کھوٚژِتھ ٹُل نینسی

''ابسأڈ تھیٹر''۔

نینسیٖ ہندِ ووتھنہٕ گوا یکس خوش۔ شینؠ وۄتھُس۔ ''بہٕ چھُسنہٕ أہندِ ستۍ آکھ رژھ ہتہٕ اِنسپا یر سپد ان۔''

''بی سنِس کُس مزٕ چھُ''۔ ایکسن وۄنُس۔

''وُہؤ ری کم گرٕھ آسُن۔'' شین اوس زنتہٕ پانس ونان۔

''کُہی تام شُراہ'' ایکسن وۄننس۔

شینس آو أچھن گاش ہیۄ ہ۔ ''از اوس اسہِ پارٹی پیٹھ گرٕھُن تیٚلہِ سوزَ کھ بہٕ گرِ کہ تہٕ پانہٕ لاگہٕ بمار''۔ یہِ ونان آو شینس اسُن۔

''تہٕ بہٕ وۄنُس کو کرپۆ ت ہیتھ''۔ ایکسن وۄن مأہر حکیم سُندی پأٹھی تہٕ پننہٕ نِس اتھ جٹس پیٹھ ترووُن پانٔے تھدِ کھنگالہِ۔

''اچھا میٚہ چھُ وُنہٕ ایڈیٹوریل لیکھُنٕے'' یہِ وۄن شینن ووتھان ووتھان ''شامس أٹھِ بجہٕ پتہٕ آسہٕ بہٕ موکلٕتھ''

''بڈ یو ہُر باقی زانہٕ بہٕ پانٔے''۔ ایکسن وۄنُس۔ ''تہٕ تھأوی زیو گر یک انتظام ٹھیک''

''اچھا ــــ گڈ لک'' شینن وۄن بڈٕ ہٹہِ زنتہٕ کافی ہاوس منز بہتھ سارنٕ لۄکن۔ نینسیٖ تہٕ تہند یو ستۍ باجوتہٕ بۄ ز۔ نینسیٖ ترٲ ولۄت ٹیبلس تل کُن تھوکھ مگر تہندی ستۍ بأج لگی بیٚیہٕ بحثس ستۍ آوٕری۔

ایکسن کُر پےمنٹ۔ رژھِ کھنجہٕ روٗ دِ نینسیٖ ہندِس ٹیبلس نشہِ وودنی۔ اتھ بہتھ لۄکو دُیتہٕ أمِس کُن کانٛہہ توجہ۔ ایکسس باسیو یہُند بحث مغز

کھپأے تہٕ پۆت پھیر تھ دژاو۔

سڑکہِ پێٹھ وأتتھ توٚرتس فکرِ زِ وندٕ چہٕ ۔ بجے گٔیہ پٕزی پأٹھی ژیر۔

سڑکن چھَ تیژانہِ گٹہٕ آسان زِوانہٕ والیو چھَ لایٹ آسن آن گرمٕژ۔

سُہ ژاو سڑک کڑاس گٔرِتھ بارس منز۔ کونٹرس پێٹھ بِہِتھ چێیَن بِلکل نیٹ پیگ جوراہ تہٕ دژاو۔

تٔمی پھِر کارسێوٚ دُے سنگیت سبنٹر گُن۔



# II

ایکسس گوتمہِ وزِپنہِ بیقلأ زی ہُند احساس یێلہِ سُہ بارٕ منزٕ نیر تھ کارِ نشہِ آو۔ کارِنکھہٕ أسی ٹا کارٕ بجلی گاشس منزٕ ژورزٕنی ووٚدنی تہٕ تٔم أسی ڈیزی ستہٕ کتھٕ کران۔

''کہے چھُے ناو؟'' اکھ نفر اوس ڈیزی پٕڑ ژھان یُس وأنسہِ کنہِ واریاہ زیٹھ اوس۔

''بڑٕ شرم دار کورِہن چھَ'' بیا کھ اوس ونان''۔

''بلکل چھَ ایکس صأبس ستہٕ شکلہِ رلان'' ترٛیم ووٚن۔

''اِدمیہ کتہِ أس راے أمس چھَ کوٗرتہِ کاثہہ!'' گوڈنکی ووٚن۔

''نہ ساتہٕ یِہاَے ہےٚ چھَس''۔ ییٚ ووٚن زانن آیہٕ۔''میہ وُچھ یہِ دوٕیہِ ترٛییہِ لٹہِ مأژس ستیٚ یِیتھی کارِمنز''

''اِدسا'' زِٹھی ووٚن''تہٕ یہ ونان پیٚیس ایکسس کُن نظر۔اسن چالہِ پٔراژ وہراَوِتھ ووٚنُن تس''یہِ جناب چھَ بڈٕشرم دار''۔

ایکسن ووٚن نہٕ کہنٛہ۔کارِمنز ژاوتہٕ کٔرن سٹارٹ،أندری اوس پانس مژھ ماز کھوان بروٚنہہ پہان پِکتھ ووٚنُن ڈیزی کُن۔''بوزتھٕ؟ اتھ چھُنہٕ کہنٛہ کرُن۔ کُنہِ پأٹھی بڈٕس تل تھاوُن تہٕ ژٕ چھنہٕ طرفُک بوٹُن دباوُن۔صحبس نیرن وزِ واپس تلُن۔''

''سُہ ماچھُ ویوٚتھ زیادٕ'' ڈیزی پرٛژھس کھوٚژی کھوٚژی۔

''ترٛٹھ چھَس ۂہرس۔ژیہ ہووٕنےٚ أتھی کُن۔'' ایکسن ووٚنُس شرارتہٕ سان۔''میہ چھَ پتہٕ دگ کران۔'' ڈیزی ووٚنُس معصوم پأٹھی انہِ گٹس منز۔ایکسن دِیُت نہٕ اتھ کتھِ کہنٛہی جواب۔تِمو کٔر نہٕ امہِ اور بیٚیہٕ کہنٛہی کتھ توٚتام یوٚتام تِمو أکِس بنگلس نشہِ وأتِتھ کارر کأو۔کارِمنزٕ نیروُن ووٚن تِمو ڈیزی۔''ژٕ روز منٹس کھنڈس بہٕ دِمہٕ اندرٕ نظر''۔

یہِ ونِتھ ژاو بنگلس منز۔

ڈیزی کٔرن وأنجہ تھرٕتھرٕ تہٕ نٔربن زنگن تہِ۔سوٕ أس انہِ گٹس کھوژان۔سوٕ أس گرِ تہِ انہِ گٹس کھوژان۔اتھ اوس تس سوٗرے علاقہٕ وأناکھہیوٚہ باسان۔بنگلہٕ درواز پیٹھٕ کنہِ أس شیشہٕ کنِہ گاشہٕ لتھ ہش نیران۔ڈیزی أس أتھی کُن نظرتہٕ زنتہٕ أتھی کُن وِچھ وِچھ ژُوان أس۔دروازٕ آو

ہکہٕ ہمٔراونہٕ ۔ ایکس دژاو دوران دوران ۔ کارٕ ہمٔرأون دأرتہٕ ڈیزی وۄنُن ۔ '' ووتھ ۔ یہٕ تھووتھٕ یاد؟ ٹیپ رکارڈر کتہٕ تھوٗتھ؟ —— آ، یہٕ گوبڈٕس تل کُن تھاوُن تہٕ اتھ تھاوُن بوٹن دبأوِتھ —— ازٕ چھ بہٕ چائٔی چالاٗ کی'' ۔

ایکسن تھوو ڈیزی پھیکس پپٹھ اتھ ۔ ڈیزی أس سأرٕے پأنس تھرتھرٕ لٕس أس ترتہٕ لجمٔر تہٕ وحشت تہٕ اوٗسس ۔ دوٚشوٕے وَجھوٕ کنٕ اوٗسس سورٕے پان الہٕ ؤتھرکی پأٹھی نٔتان ۔

اندر أژتھ ترٕاو ڈیزی شینس کُن نظر تہٕ شینن ڈیزی کُن ۔ زنتہٕ دوٚشوے اکھ أکس تولان أسی ۔ شینس پھوٚل ؤٹھن پپٹھ اسُن تہٕ وۄنُن ایکسس کُن ۔ '' ؤیلو جناب '' امہٕ پتہٕ وۄنُن ڈیزی کُن '' بہیو بخارِ نشہٕ وشنیر گژھِ '' ۔ امہٕ پتہٕ بییہٕ ایکسس کُن ۔ '' ہے پگہٕک ایڈیٹوریل مابوز کھ؟ از چھی میہ ایڈمنسٹریشنکی سأری زچہٕ پرٕنٔی کڈٕی ٕتی ۔''

یہٕ ؤنتھ ترٕأون تھدِ اسَن کھنگالہٕ ہنا ۔ امہٕ پتہٕ ڈیزی کُن ۔ '' ژٕ کیازِ چھک مند چھان یہٕ چھُ چونٔے گرٕ ۔ یتھ مأل گرٕ ژھی تہٕ منگی زِ '' ۔

'' أمس چھوٕ میأنٔ مند چھ گژھان '' ایکسن وۄن زنتہٕ ووتھان ووتھان ۔ ڈیزی أس کلہٕ بون کُن ژٕھنتھ ووشلیمٔر ۔ ایکسنٔ کتھ بوٗزتھ دِژتمہٕ تٔلی ٹارِلس کُن نظر زنتہٕ دپان أسہٕ ٕس تام بہہٕ تہٕ، بہٕ چھس کھوژان —— کھوژانیٕ یوت بییہٕ نہ کیہنہٕ ۔

مگر شینن وۄن تھ ۔ '' اچھا بڈٕ ژٕ تیلہٕ ۔ بہٕ کرٕ پانٔے أمی سٕنز خدمتھ ۔ او، مگر میأنٔ اکھ کأم چھے اپأری کرٕنٔی ۔ یہٕ ایڈیٹوریل ترٕاو پژٕبسس پپٹھ ۔ تہٕ أسہٕ

کأتب پڑ اران''۔

ایکس ووٚتھ تہٕ ہیٚرن سکھر کرنٕ ۔ڈیزی ہُر ییہِ وأنجہِ ہنٛز دبُرا ے۔ شینن کوٚ ڈاتھ تہٕ پلنوٗن ایکسس کُن ''تھینک یوٗ ویری مچھ'' ایکسن ووٚنُس زنتہٕ ختہِ کران ''ایٹ یُور سٔروس''۔تہٕ یہِ ژٕنتھ ہیوٚتُن نیرُن ۔شینن دراس دروازس تام۔ڈیزی تہٕ آویمن دوشوٕنی پتھ کنہٕ نظراہ۔ٹیپ رکارڈر کوٚ ڈُن تہٕ تھوٗن ژوٚ رژوٚ رِٹی پایہِ تل۔یتھ نکھ سو بیہتھ أس۔

ایکس دڑاو، کار گٔیہ سٹارٹ ۔ڈیزی باسیو پٔنن پان وأنا کھس منز کنٕ زوٚن ۔خوفہٕ ستی ہیوٚتُن تس پیشاب یُن ۔وأنج أسس نہٕ بہانٕی۔شینن ژاو درواز کوٚ رُن بند۔ڈیزی نِشہِ وأتتھ تلُن أمِس کلہٕ تھوٚ دتہٕ گرنس مونٕ ۔ستی ووٚننس۔''یہ گووونٕ چون گرٕ''۔امہِ پتہٕ تجُن ڈیزی تھوٚ دتہٕ اتھس تھپھ کٔرتھ پھرِناوٗن سارٕی کمرن۔''یہ گواسہِ شونگنُک کمرٕ۔یہِ گوٚکچن ۔یہ گو باتھ روٗم۔ییتہِ پتہِ چھُنہٕ کُہنہی۔صرف ژٕتہٕ بہٕ۔گرٕ ھ کڈ پانٕے کیاہ کیاہ چھُے کھیوٚن۔ پتہِ تہٕ اوآرام۔میہ چھُ وُنہٕ واریاہ لیکھُن''۔

شینن تہٕ آو ڈیزی کُچنس منز تہٕ پانہٕ آو بیہہِ ڈرائنگ روٗمس منز ییتہِ کاغذو ہرآ وِتھ أسی۔

ڈیزی دِژ سأرسٕی نظراہ۔تس أس خبر کیازِ وأنج شُپھی واوکران ۔تس اوسنہٕ کُنی مأل۔سوژا یہ باتھ روٗمس منز پیشاب کرنہِ۔اوٕ نیرتھ دِژن وارٕ وارٕ بیڈ روٗمس کُن نظر۔اتِکی پرٕدتہٕ بستر کوٚ رُس خوش۔یہِ أس دنیادار گرس منز۔یہِ پچ لوتی واپس تہٕ وأژ ڈرایسنگ روٗمس منز۔شینن اوس کیاہ تام لیکھنس

ستۍ آوُر۔ تمۍ کُرنہٕ ڈیزی ہتۍ کہنٛہی کتھ۔ ڈیزی ہیٚتھ بیٚیہٕ تتھۍ کرسی پیٚٹھ یَتھ
پیٚٹھ گوڈٕ بہتھ اُس۔ وارٕ وارٕ تلُن ٹیپ رکارڈر۔ کینژٕس کالس اتبتھ بہتھ ییلہٕ
نہٕ شینن اُمِس کُن کہنٛہی توجہ دُیت، ؤژھ سولوتی تہٕ ژایہٕ بہٕڈ روٗمس منز۔
ٹیپ رکارڈر تھووُن بہٕڈس تلہٕ کنہٕ تہٕ پانہٕ ہیٚٹھ اُ کتھ کُن۔

کینژٕ کالی بوٗز تمہِ شیٖنن سندِ پٔکنٛچ آواز۔ سو گیہٕ تھوٚد ؤتھتھ تہٕ بہٕڈس نکھ
گرٛ ھتھ دبووُن ٹیپ رِکارڈرُک بوٹُن۔

شیٖن ژاو۔ ڈیزی ہندِ یکدم تھوٚد ؤتھتھ بہٕڈس نشہِ گرٛ ھنہٕ ستۍ گوسُہ پننہِ
مردانگی پیٚٹھ خوش۔ تمۍ بہناوڈیزی بسترس پیٚٹھ۔ پانہٕ تہٕ بیوٚٹھ۔ اورٕ چ یورٕ چ
میٹھ کتھا کرِتھ شوٚنگ، ستۍ ساوِن ڈیزی۔

صبحس ییٚمہِ ساتہٕ ایکس آو، ڈیزی اُس چاے چیتھ موکلیمژ۔ شیٖن تہٕ
اوس تھکتھٕ ژھیٚنتھ زن تنگ آمُت تہٕ یژھان اوس ایکس گوٚ ژھ جل پہن یُن
تہٕ ڈیزی نیُن۔ تس اُس یہ تہِ فکر زِ آشیٚنی بیٚترٕ گرٛ ھس نہٕ اورٕ پیٚنٛز وأتتھ۔

ایکس نہِ ینہٕ ستۍ گو شیٖن خوش زِ بلاے وسہِ نکھ پیٚٹھ تہٕ ڈیزی تہِ گیہِ خوش
تکیازِ تمہِ اوس تہِ سوُرے کوٚرمُت یہ ایکسن ووٚنمُت اوسُس۔ سو اُس زنتہِ
امتحان دِتھ شُر ہش ووٚنی رِزلٹس پراران۔

ڈیزی اوس صبحس صبحاے ٹیپ رِکارڈر بہٕڈ تلہٕ کڈِتھ ڈرائنگ روٗمہٕ چہِ
ٹی پایہٕ تل تھوومُت۔ ایکس ہٕژ روو شینن درواز۔ ایکس ژاو۔ شیٖن گو
سیٚو دے بیڈ روٗمس کُن تہٕ ژاو نوٚسرٕ بسترس منز۔ ڈیزی وژایہٕ ایکس
ڈرائنگ روٗمس منز زنتہٕ بُتھ بِتھ۔ تمہِ دِژ خوش خوشالہٕ ایکس کُن نظر تہٕ

ایکسس توٚ رنظرِ سِتی فِکر زِامہِ چھ کأم أنزرأ وٕمٕژ۔ ایکسن دِژ شیٖنس ڈرایِنگ روٗمہٕ پیٹھے آواز۔ ''اسہِ چھا اجازت۔'' ''أندرآیہِ شینہِ سٕنز آواز''۔ یہِ سوزی تون ڈیزی أکس سیکنڈس یوٚ رٕ''۔ یہِ بوٗزتھ گیہ ڈیزی دوران پانٕے تہِ یِیلہِ واپس آیہِ أمس اوس بُتھ ووزُل نار ہیوٚ ہ۔ امہِ ووٚن ایکسس گُن۔'' یہِ چھُو یکیاہ'' تہٕ یہِ ونان کوٚ ڈُن ٹیپ رِکارڈرٕ ٹی پایہِ تلہِ تہٕ پلنوٗن ایکسس گُن، ایکسن دبووأوٕ رکوٹس تل۔ تہٕ دوٚشوَے دژ اے۔

کارِمنز بہتھ گرنہ ڈیزی اکھ کتھ تہِ۔ ایکسن تہِ ووٚنُس نہٕ کہنٛہی۔ یوٚ تام یم ڈیزی ہُند گرٕ نزدیک وأتِ۔ اتھ ترأوا ایکسن ڈیزی تہٕ سٕتی ووٚننس۔

''شامس یِزٕ سنگیت سنٹر ضروٗر، تمی ساتہٕ ونَے۔

ڈیزی ترٛ أوتھ دبأوا ایکسن کارتیز گرٕ گُن۔ سُہ اوس کنہِ پأٹھی گرٕ وأتتھ ٹیپ بوزُن یژھان، سُہ اوس سخت بے تاب۔

★★★

# III

آنگنس منز کارِہُند صداہ بوٗ زِتھ گیہ مسز ایکسٚ تھوٚ دٕ وُتھتھ۔ تمہِ دِژ شیٖشہٕ دارِ مٔنزی نظر۔ ایکسٚ اوس کاراکہِ انٕدٕ تھأوِتھ گیٹ بند کران۔ مگر شیٖن کتہِ چھُ'' مسز ایکسہِ ووٚن پأنس۔ سوٗ أس پریشان تہِ تہٕ بے تاب تہِ۔ سو أس ایکس سٕنز وحرکژ وتلہٕ اندازٕ یژھان کرُن زٕ کأم چھا اندٕ ہمٕژ کنہٕ نہ۔

وندٕ کہِ امہِ صبحٕ أس کم کاسہٕ وُنل۔ یدوے یہِ أس علامت امہِ کتھِ ہنز زِ دوہس کرِتا پھ مگر امہِ ساتہٕ أس مسز ایکسہِ یہِ وُنل کھران تکیازِ سو أسنہٕ ہہٕکان ایکسس صاف پأٹھی وِچھتھ تہٕ اندازٕ کرِتھ۔ تس پیٚو لامحال توٚ تام پرارُن یوٚ تام ایکس کمرس منز کھوٚت۔ کمرس منز اَژٕوُن دِژ مسز ایکسہِ ایکسس بتھس کُن نظر مگر اتہِ توٚگُس نہٕ کہنٛہی پرُن۔ تس اوس ٹیپ رِکارڈر اتھس کنتھ۔ کمہِ تام جذبہٕ وژھ مسز ایکس۔ "اوکے؟" "ہوپ سو" ایکسن وُنُس۔ "ژٕ لاگ بریک فاسٹ، توٚ تام کرَن بہٕ یہِ رِوائنڈ۔"

مسز ایکس دور ییہ نایٹ گوٚنس فیتہٕ گنڈان گنڈان کچنس کُن۔ ایکس بیوٗٹھ کرُسی پیٹھ۔ لوٗکُٹ پیگ ٹیبل تھووُن ٹی پایہ نکھہٕ۔ ٹیپ رِکارڈر تھووُن اتھ پیٹھ تہٕ بیوٗٹھ ٹیپ رِوائنڈ کرنہِ۔ اتھ اوس اکہِ اندٕ ٹیپ پلے۔ ایکسن کھوٚل کیسٹ تہٕ ٹیپ جان پأٹھی سنبألتھ بوٚرُن نِوسرٕ تہٕ کوٚرُن رِوائنڈ۔

بریک فاسٹ اوس بِلکل تیار تہٕ مسز ایکسہِ اوس سُہ صرف اَننٕ یوت۔ سو آیہ سأری چیزٕ أکسی ٹرےِ پیٹھ تھأوِتھ تہٕ ژأیہِ کمرس منز۔ تتھے تمہِ چیزٕ ٹی پایہِ پیٹھ سجاوِنی ہیٚتہٕ ایکسن کوٚر ٹیپ پلیسر آن۔

کیسٹ اوس پھیران۔ ایکس تہٕ تہنٛز مسز أسی کن دِتھ بوزان مگر امہِ منزٕ أس نہٕ کہنٛہی آواز نیران۔ ایکسس اوس شرارت کھسان تہٕ مسز ایکس أس بے تاب گژھان۔ ٹیپہ منزٕ أس کھش کھِش آواز نیران، أخر آیہِ ہنگتہٕ منگہِ ڈیزی ہنزٕ شُری آواز۔

"توہہِ کیازِ أنی وأس بہ یور؟"

یہِ سوال اوس زنتہٕ اچانک ،آوازِ منز اُس تھرتھر ۔یہِ سوال اوس زنتہٕ کانٛسہِ پرٛژھنہٕ بجایہ ٹیپ کرنہٕ خاطرٕ ونہٕ آمُت ۔ایکس توٚرفکرِ زِ ڈیزی چھُنہٕ کُنہِی توٚ گمُت ـــــ مگر ـــــ مگر اتھ ستی آیہ مردانہٕ آواز ۔یہ اوس شیٖنٛ تہٕ ونان اوس "لول تہٕ بیٚیہ نہٕ کیہنٛہ ۔بہٕ کیاہ ونےٚ چانہٕ دادِ کیاہ اوس میہ گومُت ۔میون قلم ژٕیے پیٹھ فِدا۔میانہِ زندگی ہُند مقصد چھُک ژٕ"۔

یہِ بوزتھ اوس ایکس خوش گژھان ۔تمہِ اوس زنتہٕ وحشی جانور پنجرس منز بند کوٚرمُت ۔ٹیپ اوس چلان ۔ڈیزی اُس زنتہٕ شیٖنٛ سندی جواب بوزنہٕ ورأے اکہِ اکہِ تمہ سوال پرٛژھان یا وَنُو رِکارڈ کران یم ایکسن گوڈٕ اُس کرنٲوِمژ ۔شیٖنٛ اوس تمِے جواب دِوان یم ایکس وومید اُس ۔اگرچہ ڈیزی ہنزِ ناتجربہ کٲری کِنۍ ایکس شرارت کھسان اوس مگرخوش اوس زِ شیٖنٛ اوس طوطہٕ سندی پاٹھی تی بولان یہِ ایکس تس بولناوُن یژھان اوس ۔امہِ پتہٕ تہٕ اتھ ستی آسہٕ تژھہ تہٕ آوازٕ تہٕ کتھٕ یم بیان کرنہٕ شایان چھنہٕ تہٕ یمن پیٹھ مسز ایکسہِ خبرکیاز شرارت کھسِتھ نیرِتھ ژوٚل۔

"برٛوٚٹ ۔اکھ رژھ نہٕ اُمس آرِ جنالٹی ۔ہوٗے ونان سارنی"۔

ایکسن دِیُت نہٕ جوابی ۔مسز ایکسہِ تہٕ گرژھوپہ ۔تس رٲووونی اتھ ٹیپس ستی دلچسپی ۔تمہِ ہیٚژ چاے بناوٕنی ۔مگر ایکس اوس کُنہِ دِتھ ظٲہرلطف تُلان یا ظٲہر بوزُن یژھان زِ بیٚیہ کانٛہہ کتھ مانیرِ۔

مورد مشین اُس پنٕنۍ کٲم کران ۔ژ کرٕ اُس پھیران تہٕ کمرس منز تمہِ تمہِ آوازٕ پھٲلاوان یم سٲری انسان دباونچ کوٚشش کران چھِ ۔ٹیپ اوسنہٕ زیادٕ

زیوٗٹھ زِ سارسیٖ رالتس پوشہِ ہامگر ضروٗ ری کتھ آسہٕ گوڈٕ نِکبنیٖ دہن منٹن منز زنتہٕ تتھ کٲنٛژ سپز ہٕژ ، باسان اوس ڈیزی ٲس صرف امتحان دِوان تہٕ امہِ پتہٕ ٲسس نہٕ بیٚیہٕ کہنٛہی دلچسپی۔ یمو دہو منٹو پتہٕ آسہٕ صرف شیٖن نہِ آوازٕ یِوان تہٕ مٔنزی مٔنزی ڈیزی ہنز بامبر ہٕژ تہٕ خوفہٕ ستؠ دباونہٕ آمژ شُری آوازٕ۔ امہِ ساتہٕ اوس مسزا ایکسہِ ہنگتہٕ منگہٕ نیرتھ ژلان۔ ’’بڑ وٗ ٹ‘‘۔

مگر ایکس اوس ژھوپہ ٲرتھ، پھیرٕ ونہ ژکرِ کُن وِ چھان۔ کیا ہتام سونچان۔ کھوورِ اتھہٕ بے مٲل پٲ ٹھی ٹوسٹ تلُتھ تتھ ژوٚپ کڈان۔ ہنگتہٕ منگہٕ آوٹیپ زنتہٕ ژھیٚنتھ۔ پٔتم آواز ٲس ڈیزی ہنز۔ ترٕ ٹھ.................‘‘۔

ایکسن رُکاو مشیٖن۔ کیسٹ کوٚڈُن تہٕ اتہِ وچھُن ٹیپ سوٗرے موکلیومُت۔ تٔمی ؤٹھ اتھ پٔتم داو۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن گتہٕ ڈبس منز بند۔ گتہٕ ڈبس پیٹھ لیٚوکھُن۔ ’’شیٖن‘‘

تہٕ گوالمارِ کُن۔

المارِ ٲسی ترٛیہ خانہٕ۔ اے، بی، سی۔ ایکسن تھوو یہِ پیکٹ ’’بی‘‘ خانَس منز پیٹھ کنہِ، المارِ کوٚرُن قلُف تہٕ آو واپس۔

’’بناٲوی توٚتہٕ ووٗنی اسہِ ِکرٕ ژھ گرم گرم چاے‘‘ ایکسن ووٚن آشنہِ۔ تمِن اوسنہٕ اکھ اَکس ستؠ کتھ کرنَس زنتہٕ موٗنہہ سمانیٖ، یا وَنو تمِن اوسنہٕ اکھ اَکس و نٔنے کینٛہہ۔ مسزا ایکسہِ بناو چاے۔ ایکسن کھیوو آملیٹ تہِ امہِ پتہٕ چیٚن چاے۔

’’ٹینڈر چھِتہٕ ٹایپ ٲری ہتؠ‘‘۔ یہ پرٛ ژھ ایکسن حالانکہِ لتس ٲس خبر زِ ٹینڈر چھِ ٹایپ ٲرِتھ۔

''ہوٗں''مسز ایکسہِ وۄن یتے یوت۔

''تیٚلہِ گژھتہٕ ژٕ پانے یم چیف صاأبس ہیتھ''۔ وۄن ایکسن۔ سُہ اوسنہِ ازٕ تٕہ منز ژٕ یر تام گرِ نیرُن یژھان۔

''ژٕ گژھ'' میہ چھُنہٕ زُ ٹھیک' یہِ وۄن مسز ایکسہِ بڑٕ بد دلی سان۔ ژٕ چھک نٔروسٕ''۔ ایکسن وۄنُس اسان اسان''ژٕ کھبہ کام پوز اکھ ٹیبلیٹ .........تہٕ پتہٕ گژھ چیف صاأبس نشہِ۔تتہِ کیاہ چھُ کرُن؟تس چھ خبرٕ یم گُہندی ٹینڈر چھۓ ژ یہ چھی تتہِ تژ اونی یأتی''۔

تیٚلہِ گژھتہٕ پانے''مسز ایکسہِ وۄنُس بُمہٕ تمہِ طریقہ چاران چاران زنتہٕ سنٕ کلہٕ دوداوُسُس۔

''اتھ گژھِ آسُن فیمیل ٹچ''۔ ایکسن وۄنُس اسوٕنہِ ہونجہِ۔تتھ چھُ پننٕ چارم۔

یم اَسی وُنہِ یہِ مسلہٕ اَنز رأنی زِ ٹیلی فونن بجأوگأنٹی،ایکسن وۄن آشنہٕ گُن۔''میون ؤنی زبس سُہ چھُنہٕ ییٚتہٕ''۔

سوٗ ژھس اورٕ''ژٕ یٕ دوتھ،میون ؤنی زبس بہٕ چھسنہٕ ییٚتہٕ''۔

''دوتھ دوٗنی۔اِد مہ آس نان کاپریشن کران''۔ایکسن وۄنُس زارٕ پارٕ کران۔مسز ایکس اَس ٹیلی فونس پیٹھ انگریزی چالہِ کأشر کران''۔میہ چھُنہٕ از زُ ٹھیک۔نہ،تیٚوٗت چھُنہ۔اکھُتے پیٚیم وُنی اوری نیرُن۔تھینک یُو۔ آ____باتھ روٗمس منز____اکھ منٹ''۔

یہِ وٕنتھ تھووٗ مسز ایکسہِ ماوتھ پیسس پیٹھ اتھ تہٕ وۄنُن پھسرا یہِ منز

ایکسں۔ ’’ایکس منسٹر۔ایڈیٹ‘‘۔

’’اچھا۔اچھا۔یُوٗری دِن۔یہِ لگہِ بکار۔‘‘ یہِ ونان روٗٹ ایکسن رسیوٗر اتھس منز تہٕ ووٗنُن۔’’ہیلو۔شکریہ شکریہ۔ڈِنر؟——اِد مسز یہِ——سوٗاری——ضرورضرور۔ اکھتٕے ماپیٚیہِ اسہِ تہِ تہُند ضرورت۔تیلہِ وَنہٕ وِمسز ایکس پانٕے۔تھینک یوٗ——اوکے۔‘‘

یہِ وٕنتھ ترٛ وون ٹیلی فون تہٕ اَمہِ پتہٕ ووٚش۔مسز ایکس اُس دزان ییتھے ایکسن ریسیوٗر ترٛ ووسوٕ ژھس یہاَے پٕنز ہش۔’’ژ یہِ کیا زِکرتھ اُمس سٕتۍ کومٹ مینٹ؟‘‘

’’گرٕژھُن چھُ ضروری‘‘۔ایکسن ووٗنُس۔

’’بہ گرٕژھے نہٕ۔گرٕژھے نہٕ‘‘۔مسز ایکسہِ کوٚر صاف جواب۔’’یہِ چھُ ایڈیٹ۔اُمس چھُ اُسس ٹچہٕ ہندی پاٗٹھی پھک یِوان۔میہ اگر گوڈنچہٕ ہندی پاٗٹھی زہر تہِ دِکھتوتہٕ گرٕژھے نہٕ‘‘۔

گوڈنچہٕ متلق یژھ کتھ بوٗزتھ ڈوٚل ایکسں بتھیکٕ رنگ مگر ژٕھس کھنڈس ژہؠ کھنڈی ووٗنُن آشنہِ۔’’ژٕ چھک شُری کتھٕ کران۔یہِ چھے نہٕ فکرِ تران زِیمن ٹٕلنڈرن منز کاٗژاہ لگہِ اہنز کتھ بکار‘‘۔

’’یہِ کُس چھُ ووُنی؟‘‘ آشنہِ ووٗنُس۔’’گوٗج نیرتھ کُنڈ کیاہ لوٗ؟‘‘ تہِ اُ ذنہٕ زانان ایکسن کُرس نصیحت۔بادم کُنڈ چھےٚ ژٕنۍ گرٕژھتھٕ تہٕ دنٛد مانجنس لگان،تابحال یہِ ایکس منسٹر۔یہٕ تہِ چھا فرق کانٛہہ پیوان؟ اکی رنگہٕ تہٕ اکی شکلہِ چھِ ساٗری منسٹر۔یُس گوسہ تہِ چھُ پیٚیتھی۔یُس وٗنہ بنٕنے چھُ سہ تہِ چھُ

ونکہِ پتھے منسٹری کران۔ بۍ ہیکے ونِتھ زِ وُہہِ وہری کُس بنہِ ییِتہِ منسٹر۔ سُہ آسی وِنہِ کھورِ نبٔھی ژٕہان مگرلاٗنہِ آسہِ گنڈنہٕ آمُت"۔

"میہ چھنہٕ سیاستس سٔتؠ اکھ رژھ تہِ دلچسپی۔" یہِ اُس مسز ایکس ونان۔ "مگر اَمِس سٔتؠ گژھنہٕ کومِٹ منٹ کرٕنۍ۔"

"ژٕ گژھتہٕ سینٹری انڈر ویرلاٗ گتھ۔" ایٚکسن وۄنُس پننِس کنۍ ژھل۔ مسز ایکسہِ آو اُسُن تہٕ اسان اسان وۄنُس۔ "اَمِس کتہِ چھےٚ تیژ سافِسٹی کیشن داندس۔"

مسز ایکسہِ ہندِ اسنہٕ سٔتؠ گو ایکس خوش۔ تس اوس زنتہِ وُنلہِ گٹہِ منز افتابہ دژ امُت۔ تٔمۍ دِژ شیشہ مٔنزی نبر کُن نظر۔ نیبری اوس پٔزی پاٗٹھی تاپھ۔

اٗخرمون مسز ایکسہِ ٹہنڈرن چیف صاٖبس نشہِ فیمیل پٔچ تہِ دیُن تہٕ شامس ڈنرِس پتھ تہِ گژھُن، ڈنر شروع گژھنک تہٕ ختم گژھنُک وقت بیترِ اُس ایکس منسٹرس تہِ پتاہ، مسز ایکسہِ تہِ خبر تہٕ ایکسس تہِ مولوٗم۔ لہٰذا اوسنہٕ نوِ سرٕ اتھ پتھ بحث کرٕنک کہٕنٛہی ضروٗرتھ۔ اور اوسنہِ ٹیپ رِکارڈر تہِ سٔتؠ نیُن تکیازِ ایکس منسٹر اوس گوڈے "بی" المارِ منز بند۔



# IV

وٕنڈس منز چھُ تاپھ دأر بند تھاٗوتھ شیشہ کنۍ وچھُن خوش کران۔ کمرس منز گژھِ آسنۍ بُخاٗری وٕہان تہٕ گرم کمل گژھِ کوٗٹھین پتھ آسنۍ، اِدِ چھُ پٔش

ژھسدِ نس تل ہارِ ہند بول بوش بوزُن خوش کران۔

مسز ایکسہِ اوس مس سنبھالتھ پریشان تژ وومُت ۔امہِ پتہ اوسُن پتلون چورمُت ، کارڈی گانس پٹھ اُورکوٹ لاگتھ اُس سو مستانہٕ مژ ہش کریم کلر کارِ منز چیف صابس نشہِ ٹھنڈ رہتھ گامژ ۔ ایکس اوس کمرس منز کنُے زۆن ۔ کیٖژس کالس شیشہ دارِ منزی تاپک نظارٕ وِچھتھ وۆتھ سُہ تھۆدتہٕ گو المارِ نشہِ ۔ دار مژ راوتھ دِژن اَتہٕ تریشوٕنی خانن نظر ۔ یہِ چھُ گوڈے وننہِ آمُت زِ المارِ چھِ ''اے، بی، سی، ترییے خانہٕ تہٕ تژ یشوٕنی منز چھس کیسیٹ ۔ ''سی'' خانس منز چھِ تمن پروگرامن ہندی صداہ بند آمتیٕ کرنہٕ یم وزِ وزِ مختلف ریڈیو سٹیشنو پیٹھ براڈ کاسٹ سپدِتھ مقبول سپدی متیٕ چھِ ۔ یتھی ٹیپ اوس ایکس تتھبن پژھبن ہندِ یتہٕ وقتہٕ پلے کران یمن منز ایکس پنُن پان تعلیم یافتہٕ تہٕ مہذب ثابت اوس یژھان کرُن ۔ ''بی'' خانس منز اُسی تم ٹیپ یمن منز ایکس منسٹر، صحب ، حاکم اعلاتہٕ شین بیترِ ڈیزی ، روٗبی ، لوٗلی بیترِ ہتیٕ اُسی تہٕ ''اے'' خانس منز اُسی تم یمن منز پانہٕ ایکس یژھن کٹربن ہتیٕ اوسمُت چھُ ۔ لوٗکچن ، ناپوختہٕ انہرِ شن کوربن اوس سُہ ''کٹر'' ونان۔

ایکسن دِژ اُتھی خانس تھپھ تہٕ اورِ کڈن ژور کیسیٹ ، اُکس اوس پیٹھ لیکھتھ ''ایکس + ڈی'' تہٕ بییِس ''ایکس + ایل'' تہٕ ترٛیمِس ''ایکس + آر'' ژوٗری مِس اوس لیکتھ ''ایکس + جی''۔

اُمی وول یہوے ٹیپ ۔ باقی تھاوِن بییہ المارِ ہندِس ''اے'' خانس منز تہٕ دار کرِن بند ۔ اُندری اوس سونچان۔ ''ہتساپہ گُڈی اُلِج نہِ زانہہ تہٕ

بکار"۔ کیسٹ کھوورِس اَتھس منز ہیتھ تُل اُمی پیگ ٹیبل پیٹہٕ رِکارڈ پلیسر ژٕچھنس اتھس کیتھ پیٹہٕ تھوُون بڈٕس نکھہٕ۔ ٹیلیفون پیٹہٕ پکنوُون اوٚتے۔ پکلو بدلاوتھ ژاو بسترس منز پیٹہٕ کھورُن یہوے ٹیپ مشینہٕ۔ مورد مشینہٕ آیہٕ حرکت۔ ژٕ کرہیٔرن پھیرٕنِ۔ ایکسن شوٚرروٗرن پیٹہٕ دتیٔن ڈوٚکھ۔ ٹیپہٕ منز ہیٔرن آواز ییٚنہٕ۔

"7/جولاے۔ ایکس وِتھ گڈی۔ اتیچ تُھرٹین پیٔرس"۔

ایکسن وَچھ اُچھ پیٹہٕ تصورس منز اوٚنن 7/جولاے۔ تمہٕ دوہہ اوس سخت گرم۔ منز ایکس اُس خبر کیاز لڑایہٕ پیٹھ آمادٕ ہش۔ گٔر تام مون تمہٕ شاپنگ کرنہٕ خاطرٕ نیرُن۔ یہٕ نہٕ زِ تو ہند اوس کانٛہہ پرواے مگر انسان چھُ موٚکُر کھوان، اما ژوٚرِ ژوٚری پیٹہٕ گڈی اُس بلہٕ کلی شُر۔ اگر نزدیک کانٛہہ ہمسأے گرٕ آسہِ ہاتہنزٕ سارے کریکہٕ بوزِ ہا۔ خونہٕ ستہٕ اوس بسترٕ پیٹہٕ خراب گومُت۔ "ڈیڈی —— ممی" بے زوٚٹیپ اوس کریکہٕ دِوان۔

اُچھ وُٹتھ پیٹہٕ تکیس ستہٕ ڈوٚکھ دِتھ اوس ایکس خبر کیاہ کیاہ سونچان زِ ٹیلی فونس آیہٕ رِنگ۔ ووٚٹھ کٔڈتھ کوٚر ایکسن رِکارڈ پلیسر بند پیٹہٕ تلُن رِیسیور "ہیلو" یہٕ اُس نیٚنتی۔ یہٕ اُس شینس ژھانڈان۔ ایکس ووٚتھُس۔ "بہٕ کیاہ تو ہنُد پی اے چھُسہٕ؟ —— دوست؟ —— دوست چھک ژٕ پیٹہٕ۔ ٔ کھٕنھی نہٕ۔ تس اُس کأم۔ سو یہٕ پگاہ صُبحس —— اِدٕ یہٕ ٹیکسی چھا دزٕمژ —— او کے —— بہٕ پژارے تیٚلہٕ —— لنچ کرٕ وٚ پیٚتھی —— باے"۔

ٹیلیفون تژٕ اُوتھ ووٚتھا ایکس تھوٚد۔ رِکارڈ پلیسر منزٕ کوڈُن ایکس + جی

کیسبٹ تی تھوٗن المارِ منز۔ اوٕر کڈن ''سی'' المارِ منزٕ ژور کیسبٹ تہٕ تھاوِن پیگ ٹیبلس پیٹھ۔ اکھا بورُن رِکارڈ پلیسرس تہٕ کورُن آن۔

یہ اوس کرناٹک موسیقی ہُند اکھ مقام۔ یہ اوس شیطان لوٗ رہیوٕ ہ زیٹھِ زیوٗٹھ۔ ایکسن تھاو اتھ آواز مدھم تہٕ پانہٕ بیوٗٹھ نِوسرٕ بسترس منز۔ آنگنس منز گٔیہِ کارِ ہنز آواز۔ ایکسن لاج ٹلی نیندٕر۔ اکہِ منٹہِ پتہٕ گو أہندِس دروازس ٹھک۔ ایکسن ووٚن۔ ''کم اِن''۔

نینسی ژایہِ تہٕ دوران گٔیہِ ایکس سٕندس بسترس پیٹھ۔ تس پیٹھ پان تر اوتھ ووٚنُن۔ ''بہٕ کٔ ژاہ ایکسایٹڈ چھس از۔ لولی لایف''

ایکسن کوٚرُس نہٕ اوٕر رسپانڈ کہنہی تہٕ صرف پرٛژھنس۔ '' خاص چھا کینہہ دلیل؟'' مشرقی بندرگاہ۔ ایسٹرن پورٹ'' نینسی ووٚن لوکٹس شری سٕندی پاٹھی ژرِ پوٚپ کران۔ '' میہ چھ پرٛنسن ایرٹکٹ سوٗزمژ تہٕ لیوٗ کھمت چھُن یوٗت جلد ممکن سپدی تیوٗت وات۔''

''نٔین چھا کینہہ؟ ایکسن پرٛوژھس۔

''أکھ سوٹ کیس، نینسی ووٚنُس۔

''بس ——؟ ، ایکسن ووٚن۔

''بہٕ کوتاہ ہیکہِ پکناوِتھ۔ نہٕ وول گرٛھیا کانہہ آسُن کنہٕ نہٕ۔

''ٹکٹہِ کیاہ چھے ڈیٹ، ایکسن پرٛژھس سنجیدگی سان۔

''یہ چھِ اوپن'' نینسی ووٚنُس۔

''اگر نہٕ وألی بہٕ أرینج کرکھ'' ایکسن ووٚنُس'' ژٕ ہیککھِ پرووایڈ کرِتھ''

''کونٹل ـــــ نینسی وۄن گیٚو گژھان گژھان۔

''تیلہِ پڑارکیثہ دوہ۔ پرنس لیکھ زِ پارٹی واتی۔ وۄن ایکسن، مگر میہ ستۍ ٹرٕمز!''۔

''اکھ کتھ ونےٚ ایکس'' نینسی وۄنُس ووٚنی اورٕ سنجیدٕ سپدتھ۔ ''پرٕنس چھُ پزٕی پأٹھی پرٕنس، تہنزٕ ٹرٕمز چھَ ہمیشہِ فیر آسان۔ تتھ چھے میأنی گارنٹی۔ مگر ژیہِ تہِ چھے گارنٹی دِنی۔''

''میہِ کیاہ گارنٹی چھَ دِن؟'' ایکسن پرٕژھُس۔

''ننہٕ وأنی گژھن رِلایبل آسنۍ'' نینسی وۄن۔

''ہنڈرڈ پرسنٹ گارنٹی'' ایکسن وۄن۔

''کرمیہِ تیٚلہِ لَو'' نینسی وۄنس سینس پیٹھ پان ترأوتھ۔

''لَو چھایِوان سُو یڈأ گتھِ کرنہٕ'' ایکسن وۄن اسونہٕ ہونجہِ، بییٚہِ تہِ گرتھ ژیہِ ہےَ چھے پرٕنس نشہِ گژھنۍ ووٚنی۔

''پرٕنس چھُ میون گرٕ۔ مأے اون ہوم'' نینسی وۄن۔

''تہٕ أسی ــــ؟ ایکسن پرٕژھُس۔

''ریستوران،'' نینسی وۄنُس فلفِور، أکس جایہِ چییٚہِ چایہِ پیالہٕ ہنا، بییٚس منز کۄرِ لنچ، بییٚس منز ڈرِنکس۔''

''تہٕ یتھ ریستورانس پیٹھ کیاہ چھے کھنبَس مأل'' ایکسن وۄنُس۔

''ہیوی لنچ، تیتھ لنچ یتھ بہٕ انسپایر گژھہ''۔

''تلی تَو تیٚلہِ کھیاوٕ شامس ڈِنر''۔

''مسز ـــــ؟

''رالتس پیٹھ اوٗ ری۔''

''لَولی ـــــ لَولی ـــــ'' وۄن نینسی۔'' تہٕ یہِ گُس چھُ ٹیپس منز باکہٕ باک ہِش کران۔ ''کرناٹک میوٗزُک''، ایکسن وۄن تہٕ ونان ونان ترٛ ووُن تھدِ کھنگالہٕ۔

امہِ پتہٕ کِتس کالس بیٹھی ایکس تہٕ نینسی اتہِ! تتھ ہتی چھَنہ اسہِ فلحال کانٛہہ دِلچسپی۔ یا مسز ایکس گیاٹنڈرن فیمیل پٹچ دِنس منز کامیاب؟ تہِ وَنَس ـــــ تہِ چھَ ہنا فُرصت۔ فلحال وِچھو اَسی تھپہٕ تھوسہِ مایہِ کأنسہِ کردار سُند پۄت کال اتھِ۔ اسہِ چھَ خبر زِ یہِ کتھ اندواتناوَنس چھَ تأجلی مگر وقتس کیاہ کرَو وقت چھُ پننہِ حسابہٕ تہٕ پننہِ مزٕ پکان۔ (وقتس ؤنی زبونہٕ کینٛہ، وقت چھُ خدا۔)





## V

ییٚمہِ شہرُک یہٕ تذکرٕ چلان چھُ اتہِ وأژ دوہہ اکہِ جمہوریت تتھس أکس مقامس پیٹھ ییٚتتھ اتھ اکھ خطرناک موڑ ژُٹن پیوو۔ عالمس ؤژھ کربکھ زِ ایکسی ڈنٹ گومگر مکار جمہوٗرنواز ویٚم اتھ پکناونس پیٹھ تاینات أسی کٔڈ یہ امہِ موڑٕ تلہٕ بڈٕ چالاکی سان۔

یُدوے یہٕ جمہوریت ـــــ بے دین تہٕ بے اصول آسنہٕ کِنز ـــــ

زہنۂ گرِ پٹھے بہمارتۂ لاغرأس تاہم أس راے زِ وقت گذرنس ستۍ ستۍ ماکرِ یہِ
صحت تۂ وُژھ پأدِ۔ اما امہِ موڑ تلہٕ اگرچہ یہِ زندٔ ے دڑ ایہِ تو تہِ گوس روٗح
چھو کہٕ دأوی ــــــ یم چھوک أسۍ سڑٕ نی تۂ پوشہٕ وٕنی۔

اتھ جتہٕ جُشس منز دڑ اوتُر پیتاہ اکھ۔ تیمی پٹُن پھیوٚک کمرتۂ سورُے
زُوامہِ نظامہِ کہ بچاو باپتھ داوس لوگ۔ جمہوٗرنواز وٕگراُ ہنز یہِ قوربأنی قبول
تۂ یہوےژورُ کھامہِ شُہرک حأکمِ اعلا۔

اُہندِ حأکمِ اعلا بنن ساتۂ پٹھے پھیوٚرساری حکومتکُ توجہ دون طأیفن
ؠُکن۔ اکھ طأیفہ گوجتۂ متمن، چرسہٕ شودن، جنہٕ پیرن تۂ نیم یاپوختہ پاگلن ہُند۔
یم آے سرکأری حُکمس تحت قو طب مانہٕ۔ یم آے پرٕ ہتھ قسمہٕ چہِ پابندی نشہِ
مُچھِ تڑٕ اونہٕ تہِ یمن مُتلق آو اعلان کرنہٕ زِ اللہ تعالا چھُ یمن پڑٕ ژھت عالمی
ماملَن پٹھ فأصلہٕ کران۔ چنانچہ یہِ تہِ آو بہناونہٕ زِ یہندی سفأرشہِ تۂ وصالتۂ
نبیوو "عوامُک محبوب لیڈر" خدایہِ سُند محبوب تہِ تۂ تس آیہِ حکومت حوالہِ کرنہٕ۔

## وِتُعزُ من تشاء و تُذِلُ من تشاء ؀

دوٚیم طایفہ اوس تمن کوربن ہُند یمہٕ ہاے سکوٗلن تۂ کالجن منز پرٚان
آسہٕ۔ یہندِ خأطرٕ آے سکوٗلن تۂ کالجن نبرٕ کنہِ بُک شاپ، ٹک شاپ،
ریستوران بیترِ کھولنہٕ تۂ تِھمن بُک شاپن، ٹک شاپن تۂ ریستورانن منز آے
نوجوان لڑکہٕ نوکرتھاونہٕ یمن پڑٕتھ رہتۂ گُستام افسرکمہِ تام دفترٕ منز تنخاہ دِوان
اوس۔

منز ایکس (خبر تمِن دوہن کیاہ ناو اوسُس) اُس یمِنی دوہن کالجس

منز پران۔ یہِ اَس قدٕ تھز۔ بُتھِ زرد، مستس اَس کھووِراند سُم کڈان۔ پرٛنس لیکھنس کرِتھ اَس درمیانے تہٕ مزازِ کنۍ اَس ترٛٹھ کوٚراہ زِ اگر اَمس خاندر کرٕہن یہِ کرِ ہالتس خذمتھاہ، شُری رچھِ ہا، بڈٕ گرٛٹھِہ ہاتہٕ مرِ ہا۔ اہند مرنہٕ وَدٕہن أہندی شُری تہٕ بس تمِ تہٕ دنیاہ وہٕوٕ ژ۔

یہاۓ مسز ایکس اَس اکہِ دوہہ کالجہِ نیران زِ اَمس پییہِ الغاۓبہِ ٹک شاپس کُنِ نظر۔ اتبتھ اوس جواناہ اکھ وودنی۔ سُہ اوس اَمس تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ بتھس پیٹھ اوسُس حقارتُک وٹھ کمجار رہیوٚہ۔ مسز ایکسہِ ژھنہٕ اَچھ زٕ بون کُن۔ اَمس باسیوٚ و یہ جوان عجیبٕ۔ یہ اوسنہٕ گوڈنیکُ موقہٕ زِ کاۓنسہ جوانن اَس أہندس بتھس پیٹھ ڈٕرتھ نظر ترٛاوِمژ۔ یوس کوٚر گرٕدژ ایہِ تس چھِ سأری مرداَچھ وہراوِ وہراوِ وُچھان آسان۔ اکھُتے چھُس کانہہ کانہہ دکہٕ ہناتہٕ دِوان زنتہٕ الغاۓبہِ، کانہہ چھُس چاری پاٹھی اَچھ ناٹھ تہٕ کران تہٕ کانژھا رونکھس ژمچہِ ہناتہِ ہوان۔ وونۍ کاۓتہٕ ہن ستۍ کرِکورِ موہنیو صُبہٕ شام لڑاۓ۔ مگر مسز ایکسہِ باسیوٚ اَمس جوانہٕ سُند اُسن عجیب۔ اتھ اسنس منز اوس زنتہٕ یہ جوان ظاۓہر کران۔

”چون عاقبت کیاہ چھُ؟ ژ چھک میانہِ موچھِ منز .........“

مسز ایکسہِ وُون پانۍ پانس ستۍ۔ یہِ پیوٚ ووٕستھ تہٕ ہُرتھ۔ تہٕ یہِ ونان تُجن بییہِ زنتہٕ الغاۓبہِ اَمس کُن اَچھ۔ مسز ایکسہِ آسہٕ اَچھ وتچھِ وتچھِ تہٕ اَچھر وال زٕ تٕٹھی۔ اہنز نظر اَس یہاۓ ترٛتھ ہش گژھان۔ مگر جوان زنتہٕ اتھ سینیوٕ وی نہٕ۔ سُہ اوس اَمس کُن وُچھان تہٕ پرٛاژن پیٹھ اوسُس شیطانس

اُسن۔

مسز ایکس پیٚچ سیٚو ڈُے أندرۍ أندرۍ أس أمِس ووہوانٕ۔ گرٕ اوُسس میل ڈوڈ میل دوٗر۔ اورتام أس یہ ہمیشہ پکان پکانٕ گژھان۔ صُبحس أس کالج تہٕ پکان پکانٕ کھسان تکیازِ گری کنہٕ أسنکھ نہٕ تیژ سوٗرتھاہ زِ أمِس برٕہن کالج بسہٕ خاطرٕ فیس۔ مول اوُسس معمولی کلرک تہٕ پتہٕ اوس عیال بار۔ بوزٕوہے تہٕ شوقہٕ نہٕ کینٛہ بلکہ مجبوری کنہٕ اوس کورِ پرناوان تکیازِ اَن پڑھ کور ہن اوسنہٕ بالغ گژھتھ کانٛہہ تہٕ مازان۔

گرِ واتنس تان اوس مسز ایکسہِ ٹک شاپک یہِ جوان مُشتھیٕ گومُت۔ کالجہٕ پتہٕ گرٕ تام پکان پکان أس سو أندرۍ أندرۍ خبر کمو خیالو مُنزی گذریمٕژ مگر یتھے سو گرِ نکھہٕ سڑکہِ اپور ترٛچ کوشش کران أس تتھے زن لوٗکہٕ ژیلہٕ ژیلہِ منز لس کستام ستّی کنُے دکہٕ لوٚگ۔ تمہِ دِژ نظر تہٕ بروٚنٛٹھ کنہِ وُچھن سُے جوان تہٕ لس پژاژن پتہٕ سُے شیطان اُسن۔ جوانن ووٚن أمِس حقارت بُرتھ نیٚزی سان۔ ''مأنی دِی زبو۔''

مسز ایکسہِ ووٚنس نہٕ کیٚنٛہہ۔ سوٗ ژٕ سڑکہِ اپور تہٕ ژایہِ گرٕ۔

امہِ دوہہ پتہٕ اوس یہِ جوان مسز ایکسہِ صُبحس گرِ پتہٕ کالج تام تہٕ شامس کالجہٕ پتہٕ گرٕ تام پتہٕ پتہٕ آسان۔ سُہ اوس مُنزی أمِس ستّی ستّی پکان، مُنزی أمِس بروٚنٛٹھ گژھتھ ٹھہران تہٕ پوٚت نظر دِتھ أمِس بُتھس کُن اَسونہٕ ہونٛجہِ وُچھان تہٕ مُنزی أمِس پتہٕ پتہٕ پکان۔ مسز ایکسہِ أس أہندِ ستّی أندرۍ دزان مگر وُنتھ أسس نہٕ ہبکان کیٚنٛہہ۔ امہِ اوس پننہِ جایہِ مقرر کوٚرمُت زِ اگر یہِ

لڑکہ اُمس ستیٚ کُنہِ جایہِ کانٛہہ ولٹہٕ کتھ کرِ یہِ والبس چینہٕ ستیٚ بُوتھ۔مگر یہِ جوان اوسنہٕ زانٛہہ تہِ اُمس یہِ موقہٕ دِوان۔یوٗ تام اکہِ دوہہ مسز ایکس کالجہٕ دڑ ایہِ تہٕ نبر کنہٕ وُچھن یہِ جوان پانَس برونٛٹھ کنہٕ کھڑا۔سُہ ووٚتھ مسز ایکسہ، گُن۔ میہ اُس توہہ ستیٚ اکھ ضروری کتھ کرٕنۍ۔

مسز ایکسہِ اُس شرارتہٕ ستیٚ تھرتھرٕ۔سو وژھس:" ون کیاہ چھےُ وَنُن"۔نہ میہ دوٚپ ہورگُن پہن کروَ کتھ، جوانٕن ووٚن اُچھ زِبون گُن ژٕھنٛژٕ تھۍ تہٕ" ہورگُن" ہووُن پُلسہٕ تھانَس گُن۔

مسز ایکس گیہِ پُلسہٕ تھانَس گُن گرٕھنس آمادٕ۔ظأہر یہِ زأنتھ زِ اگر یہِ کانٛہہ بےوطیرٕ کلامہٕ کرِ بہٕ کرَن پُلسس حوالہٕ۔سو چھےٚ بےخوف پأٹھۍ اُمس ستیٚ۔

تھانَس نکھہٕ وأتتھ سرٕکہِ پیٚٹھ ژٕھنہٕ پتھ برونٛٹھ وُچھنہٕ ورأے جوانٕن مسز ایکسہِ نرِ زِ گردنِ منزٕ تہٕ رٹٕن نالہٕ متہِ۔مسز ایکسہِ اوسنہٕ وُنہِ فکری تران زِ کیاہ گوٚو، ہُپأری گیہِ تھانہٕ منزٕ کربکھ۔" ہے، ٹھہرو۔

جوانٕن ترٛأو مسز ایکس یلہٕ تہٕ اُتھۍ منز درایہِ تھانہٕ منزٕ پُلسہٕ وألۍ جوراہ، یمَن اُرکھ دوشونی تھچھ تہٕ ژأنکھ تھانَس منزٕ۔

مسز ایکسہِ اُس تھرتھرٕ تہِ تہٕ شانٛش تہِ۔سو والہِ ہاأمس جوانَس مسلہٕ زندَے کھیٚیہ ہس ژیہِ ژیہِ۔سو وَنہِ ہا تھاندار صأبس سورُے زِ یہِ کیتھ بدماش چھُ تہٕ کتھٕ کٕنٛز اُرأمۍ شوٹھِ وتہِ پکنَس کامن۔سو دیہِ ہا کربکہٕ تہٕ اُمس جوانس کرِ ہارسوا۔سو اُس پُلسس کھوژان مگر اُندری اُس خوش زِ یمو وُچھ پانٔے

سوٗرے کیہنٕہ ۔ تھانَس منزٕ ژتھِ اَس تس رائے کم جاۓ اوٚش تہٕ ترٛ اونس یتھ زن تھانیدار صاۓبس تہندس معصوٗمیتس پیٹھ عار ییہ ۔ مگراتھ ساَرسٕے میوٗل نہٕ مسز ایکسہِ موقعَہ ۔

اَندرٕ اوس تھاندار ٹیلیفونس پیٹھ کستام ونان ۔ "جناب" آ ۔ کنویکشن "امہِ پتہٕ پرٛ ژھن مسز ایکسہِ ناوتہِ ووٚنُن ٹیلیفونس پیٹھ ۔ تمہِ پرٛ ژھنس کلاس تہٕ رول نمبر تہٕ ووٚنُن ٹیلیفونس پیٹھ ۔ تمہِ پتہٕ ترٛ ووٗن ٹیلیفون تہٕ مسز ایکسہِ کُن ووٚنُن بڑٕ شٹھنیارٕ سان ۔ "بہیوٗ ہُتھ کرُسی پیٹھ" ۔

مسز ایکس بیٹھ کرسی پیٹھ تہٕ ہیٚژن بیانہٕ دِنٕچ تیاَری کرنٕ ۔ تس اَس رائے زِ تھاندار تُلہِ وُنٕی قلم کاکد تہٕ ہیٚیہ لکھُن ۔ تس اَس یہ تہِ رائے زِ پُلسہٕ واَلی زٕ روزن اَتی تہٕ میاَنٕی ساَرٕے داستان بوزن مگر کہنٕھی سُپدٕ نہٕ ۔ مسز ایکسہِ ہیوٚت نہٕ کانٛسہِ بیانہِ ۔ تھاندار بیوٚٹھ روزنامچس کیاہتام لیکھنہِ ۔ پُلسہٕ واَلی دڑاے ستی واپس تہٕ جوان بیوٚٹھ اَکِس اندس کُن ۔ اتہِ اَس ژھوپہ ـــــ ترٛہ ژھوپہ یژھ زن دوہے آسان آسہَ ہا، کانٛہہ کتھاہ اَسنہٕ عجیب یاغاَر موموٗلی ۔

کینژٕ کاَلی رُکییہ کرٛہنٕی کاراکھ تھانہٕ کِس آنگنس منز ۔ تھاندار ووٚتھ مسز ایکسہِ کُن ۔ "وُتھیوٗ" ۔

یہ ونان ووٚتھ پانہِ تھوٚد تہٕ دڑاو مسز ایکسہِ برٛونٛہہ برٛونٛہہ آنگنس منز ۔ کارِ مژ رووٗن پٔتیم درواز تہٕ مسز ایکسہِ دوٚپُن ۔ "بہیوٗ ۔ "

مسز ایکس ژایہِ تہٕ بیٹھ کارِ منز ۔ کار دژایہِ ، پُلسہٕ والیو ترٛاۓ واسنہٕ ہنا ۔ مگر

خاص اُسناہ ئہِ کیھہٕ، تتھے اسناہ ییُتھ کانٛہہ تہٕ انسان گنہِ تہٕ وقتہٕ ترٛاوِ۔

سڑکہِ پیٹھ وأتتھ پھیر کارِ ژھنن گن موڑ رتہٕ دژاہِ تیز۔ مسز ایکسہِ اوس باسان زنتہٕ ژھنہٕ کھووری کُلیٚ کُٹ چھِ ہکہِ پتھ گن چھاونہِ یوان تہٕ کھوڑ بُزی گژھان۔ بڑ ونٛتھ کیٚنٛچ سڑک اُس تارکولہِ ووٚنی ہَش زنتہٕ ییر وسان تہٕ کارِ تلیٚ کنی غائب گژھان۔ مسز ایکس اُس یژھان زِ ڈرایورگوٚ ژھ تس ستیٚ کتھ کرُن۔ سوٚ ونہِ ہأتسی سوُرے کینہٕ۔ مگر ڈرایور اوس خاموش، سُہ اوس ساروِی حسبوٚ کار چلاوان تہٕ چلاوان اوس بڈٕ تیز۔

کار ژاہِ اُکس ڈیڈ۔ اتہِ پیٚچ سیوٚ دُے ڈیڈِ اندر بنگلہِ کِس دروازس گُن، دروازس نکھ رُکیہِ۔ ڈرایور دژ اوٚتہٕ مہِ طرفہٕ مژ روٚون دروازِ تہٕ مسز ایکسہِ ووٚنُن، ''وٚتھیو جناب۔''

مسز ایکس دژاہِ کارِ منزٕ تہٕ پأنی پانے پیٚچ بنگلہٕ دروازس گن۔ درواز اَژوٚن وُچھ تمہِ وِزس قالین وٕتھرتھ، ژھنہٕ کھووری مخملی صوٚفہٕ تہٕ لبن پیٹھ بڈٕ بن لیڈرن ہندی بڈی فوٹو۔ ییُتھے تمہِ قالینس پیٹھ کھور ترٛووتہٕ سوچُن ہیوٚتُن زِ میہ کوٚت چھُ گژھُن۔ اَندری دژ اوا کھ ـــــ نوجوان تھوٚدتھوٚد، شکیل، تہذیب یافتہ تہٕ حلیم۔ یہِ ووٚتھ مسز ایکسہِ گُن۔ مہِ چھا اجازت تو ہہ وتھ ہاونس۔ مسز ایکسہ ووٚنُس نہٕ کینٛہہ، نوجوان پوٚک بڑ ونٛتھ برونٛتھ تہٕ مسز ایکس پتہٕ پتہٕ۔ یم ژاے کھووِرِ طرفہٕ اُکس کمرس منز۔ کمرس منز اوسہٕ کینٛہہ۔ لبن ستیٚ اُس سبز مخملکی صوٚفہ سیٹ، منز باگ اُس ڈوٚنی ہچہِ ہنزِ گول ٹی پاے، داربن اُسی گوٚبیٚ تہٕ زِیٹھی پردِ تہٕ پتھرس اوس کنُے قالینہٕ۔ تالوٚس اُسی جارالا اندی۔

نوجوانن ڈاۂلی دار بن ہندی پرٕ دٕ تہٕ گُٹھس ژاو گاش۔ سُہ بیوٚٹھ أکس کرُسی پیٹھ یوس گول ٹی پایہٕ نکھہٕ پھن اُس۔ سگریٹ زولُن لایٹرٕ ستۍ تہٕ دٕہِ بنگولہٕ تژ اوتھ ووٚنُن مسز ایکسہٕ کُن۔ ''تھاویو تشریف۔

مسز ایکسہٕ اوس ازتران فکرِ زِتس چھُ بوٚٹس کھورٕ گجرٕ تہٕ ووٚنی چھُ ہوٚل گوٚمت۔ تس توٚراز فکرِ زِتس چھ پرٕانہٕ فاشنکی پلوناۂلی، یم پرانین علاقن منز صاف باسان چھ مگر یتھس بنگلس منز داین تہٕ نوکرن ہٕندی پلو ہی باسان چھِ۔ مسز ایکسہٕ گو ازاحساس زِ سو چھِ غریب کوٚرتہٕ وٕنکس چھُ امیر گرس منز۔ سو ہیٚٹھ صوٚفس پیٹھ اڑ ڈینجی تہٕ ہیٚتین اُسس منز شکایتکی لفظ سوٚمبراونی۔ مگر نوجوان ووٚتھُس اورٕ ے۔ ''میہ چھُ ناو—— میہ چھُ افسوٚس توہہٕ ووت میانہٕ ستۍ تکلیف۔ خاۂر بہٕ منگہٕ اتھ سأرسی مأفی۔''

مسز ایکسہٕ توٚرووٚنی فِکرِ زِ توٚ ہند عاشق چھُ حأکِم اعلاسُند نیچو۔ تس توٚر یہٕ تہٕ فکرِ زِ حأکم اعلاسُند نیچو چھُ پوٚرمت لیوٚکھمُت، تہذیب یافتہ، لوکٹ نوجوان تہٕ شکیل۔ مسز ایکسہٕ گو سٕرکہِ ہُند سوٗرے واقہٕ مُشتھ۔ تس کوٚر پنہٕ نس عاشقہٕ سُند لٹہٕ لٹہٕ یہٕ وُنُن خوش۔ ''بہٕ چھُس مأفی منگان۔''

نوکر آو چاے ہیتھ، حأکم اعلاسٕندی نیچوی بنأوپانٕے چاے۔ تُمی پرٕ ژھ مسز ایکسہٕ، مدریرکو تاہ چھو تژ اوان۔

مسز ایکسہٕ گرٕ ژھو پہٕ تَس اُسنہٕ خبر کو تاہ گژھہٕ وُنُن۔ سو اُس وو شلیمٕژ۔ حأکِم اعلاسٕندی نیچوی تھوٚوتس چایہِ کپ بروٚنٹھ کنہٕ۔ بیٚیہ پلنأوی نس بسکوٹ۔ مسز ایکسہٕ اوسنہٕ نکار تگان کرُن۔ تمہٕ چیٚیہٕ چاے۔

چاے چیتھ ووٚنُس حأکم اعلاسٕندی نیچوی'' اگر توٚہہِ جلدی چھ توٚ ہی ہیکو نیٖرتھ۔ڈرائیورترٛاوِتوٚہہٕ گرِ۔

مسز ایکس اُسنہٕ ووٕنی اُمِس اکھ رژھ تہٕ کھوژان۔ یہِ اوسنہٕ کھوٚرتہٕ رذیلہٕ۔ یہ اوس بڑٕ تیزی سان کتھ کران۔ یہِ اگر مسز ایکسہِ زور پہن کرِ، سو ہیکہِ وُنہِ کینژُس کالس اُمِس نشہِ بہتھ۔ گرِ ونبکھ پریکٹیکل اُسس کران۔ تمہِ اوس واریاہ لٹہِ ماجہِ یہِ بہانہٕ ووٚنمُت ییٚلہِ سو کالجہِ نیٖرتھ زانہہ کانٛہہ وسین ستہٕ یُٹا کی گژھ ہا۔ اَزتہٕ ہیکیٚس وٕنتھ۔مگر یورَے ماونہٕ پننہِ نس عاشقس زِ بہٕ ہیکہ بہتھ۔ بلکہ اُمی سنٛز موج یا مول وچھِ! تم دپَن نا مسز ایکسہِ ژٕ کیٚچ چھکھ تہٕ کوس چھکھ۔ژٕ کتھٕ کُنی چھکھ سأنس نیچوس ستہٕ کُن زٕنی۔ ژٕ گرہنہِ یہِ دربدر۔

مسز ایکس اُس بوزان، حأکم اعلاسُند نیچوٚ اوس ونان۔'' اکوے طماہ چھُم تہٕ تُلی تومیہِ کُن اکھ نظر''۔

مسز ایکسہِ بوٗزتہٕ اتھ منز آسنہٕ ہرجہٕ کانٛہہ بوزنہٕ۔کلہٕ ٹلن ہنا تھوٚد پہن۔زاٹھی اُچھرِ وال کھأرن ہیٚور پہن تہٕ وتچھِ وتچھِ اُچھ پھرِبن حأکم اعلا سٕندس نیچوس کُن۔سُہ اوُسس اورِ مُدَے گنڈتھ۔تہند بن وٹھن پیٹھ اوس اُسن۔ یہ باسیوس اعتمادُک تہٕ یزتُک اُسن۔ یہِ اُسن کوٚر مسز ایکسہِ خوش۔ اُمی اَسنن نیٚو تو ہند دل زنتہٕ بو کہِ کڈتھ۔اُمی اسنن کُرسو عشقہِ کہ زالہِ بند۔ تہٕ اُمی اَسنن نبوو وزیرِ اعلا سُند نیچوٚ مسز ایکسہ ہُند مدنوار۔ امہِ عشقچ گتھٕ گنیہِ۔کریکھ گیہِ ہنہٕ ہنہِ ساأرسی۔حأکمِ اعلا ہن بوزلس ژاٗیہ فکر تکیا زِ یہ ہن اُسنہٕ تہند بن منصوبن ستہٕ واٹھ کھبوان۔مسز ایکسہِ سندی مأنٛلی ماجہِ بوٗز۔تمو

وۄ د۔ تَم دڑاے کورِ کنہِ جایہ کتھ گنڈنہٕ۔ مگر اندان اوسکھ نہٕ کُنہِ جایہِ۔ حأکم اعلاہن کۄر نچوٗس روبہِ داب تہٕ ہتی دۄ پنس ژ کرو ہلا یتھ نیرنچ سکھر۔

مأدان ہیوٚتُن تنگ سپدُن۔ مسز ایکس ہیرٕن پریشان گژھنہٕ۔ حأکمِ اعلاسُند نیچواوس نیرن وول تہٕ یپأرۍ اوسنہٕ کانٛہہ مسز ایکسہ پٔنن گرِنٕس تیار۔ مگر حأکم اعلاسُند نیچواوس دِلہٕ بۄڈ۔ تٔمی دأیرِ وو زِ تۄ تام نیرِ نہٕ وہلا یتھ پیٹھ یۄ تام نہِ مسز ایکسہِ ہُند انتظام کرِ۔ تٔمی ژور پانٛنے کمہِ تام دفترُک اکھ کلرک، یَس ایکسٕ ناواوس تہٕ تس کۄرُن مسز ایکسہِ ستی خاندر۔ اِد دڑاو پانہٕ وارِ کارِ وہلا یتھ۔ دپان خاندرس پیٹھ دُیت حأکم اعلاہن تہِ مسز ایکسہِ کیا ہتام گُلہِ میوٚٹھ۔



# VI

ایکسٕ اوس کلرک۔ کلرک چھُ سرکأری دفترن منز عوامہٕ باپتھ پھترت انن وول افسر تہٕ افسرٕ سندہ خأطرٕ نالایق چپرأسی۔ ایکسٕ تہِ اوس عام کلرکن ہندی پأٹھی گنہٕ پھٹ شال ہیوٚہ۔ أمس اُس وأنس تیژی پیٛٹھ نۄِس کلرکس آسان چھُ۔ یہِ اوس تِتھِس دفترس منز یتہِ یہِ بے دین جمہوریتکی سأری خبیث رنگ وُچھان اوس ــــ کم زورأدی تہٕ بتہٕ سازندرأسی أہنزن نظرن ڈیلشمان امہِ جمہوٗریتکی گن تہٕ تھم بنیمتی۔ کم کٹہٕ پیر تہٕ تھو کہٕ مٔتی أسی أمسی تھی

مکاری کُرتھ تِک ژٹھ نوان — مگر یہ اوس کلرک ۔ اوکِنہٕ اوس صرف وُ چھان، بوزان مگر و نان نہٕ کہنہی ۔ یہِ اوس سورُے أندری شوٚ پراوان تہٕ وٕہری وٕ ریس صرف انکریمنٹہِ پراران ۔

ایکِس اوس شہراندس پیٹھ أکِس مکانس منز روزان یتھ صرف رب أس — وِزس، ڈٕرس، لبن، کمرن تہٕ پشس ۔ صرف مٔیژ تہٕ رب ۔ مکانہٕ اوس بوٚ ڈتہٕ وأران ۔ اَتھ منز اوس ایکِس تہٕ تہنزِ ماجہِ، بیِنہٕ تہنزِ آشنہِ اکھ کُٹھ حصہ آمُت ۔ اتھ کُٹھس اوس وندس دٕہ تہٕ رہتہ کالس سر بہہ آسان ۔ باقی کٹھن منز أسی پرِ ہتھ کمرس اکھ اکھ کوٹھہٕ روزان ۔ تِمن سارنی اوس ایکِس "پترٕی" ونان ۔ تِمن اوس اوہند عداوت، ازرُون تہٕ أنزرُن گنزرُن ۔ مکانکُ وُزٕ درواز اوس راتس دوہس یلے آسان ۔ ایأری أسی محللکی ہوٗنی کھسان ۔ کانہہ تہٕ اوسنہٕ تِمن دٕرکران ۔ دو یو ہونیو أسی یہُس کأنی پیٹھ بچہ تہٕ ترٕ أوی ہٕتر ۔

مأکی سِنزِ زندگأنی منزٕی یِیلہِ ایکِس نوکری بیٹھیہِ لتس آو نیتھر کرنہٕ ۔ تہنزِ آشنہِ آسہِ مہرنہِ پانے کھوربن پونہٕ ۔ اتھ أکِس پھہری تہٕ بتھس پیٹھ اوٗسُس سارِ سمتک مل آسان ۔ نٔوی پلو أسی نہٕ لتس زانہہ تہٕ پھبان ۔ تہندِس جسمس پیٹھ أسی نوٗی پلو باسان زنتہٕ کأنسہِ ڈٕبی چھٕلتھ پلوٗنجہِ ژچہِ وٕپر الأ ندی ترٕ أوی متٕی أسی ۔

ایکِسنہٕ موج أس خبر کأژاہ وأنسہِ ۔ رہٕی سِندِ مرنہٕ پتہٕ أس سوزیادٕے بڈٕ پھرٕ تہٕ ٹیٹھیمٕر ۔ سو أس نوشہِ وِوتھٕ وُن تہٕ بے شوٗری ونان تہٕ بہوٗن تہٕ ۔ ایکِس اوس أندری أندری دزان آسان ۔ سُہ اوس کرور بٕدی سونچ سونچان

آسان ۔ سُہ اوس زبۄرادبر تہٕ کرُن یژھان تہٕ بتہٕ سازندری تہٕ ۔ تمِ اوس حاکم اعلاسُند گفت پنٕنہٕ نوکنو بوٗزمُت ۔

''یُس نہٕ وُنکبس کھسہِ سُہ کھسہِ نہٕ اِد زانٕہہ ۔''

ایکس اوس وُنکبی یژھان کھسُن ۔ سُہ اوس پنٕنہٕ نو اُچھو بےشوٗرن، آنتن، متہٕ پھندبن تہٕ جالسازن کھسان وُچھان ۔ مگر تس اُس نہٕ پانٕس منز تژھ کانٕہہ صلاحیت باسان ییمہِ کنہٕ سُہ تہِ کھسہِ ہا۔

ایکس اوس دوہہ اکہِ دفترس منز کتھ تام فایلہِ کیاہتام لیکھان زِ چپراسی آس افسرسُند ناد ہتھ ۔ ایکس گوتھوٗ دٕتتھ تہٕ دوربو افسرسٕندس کمرس کُن ۔ دروازٕ نبر کنہِ دِژن پانٕس یہاے دِنن ہش تہٕ ژاو چاک و چوبند پاٹھی افسرسٕندِس کمرس منز۔ افسرن تُل کلہٕ تھوٗ دتہٕ ایکسس کُن ووٗنُن ۔

''ژیہ چھے ناد ۔ بو نہٕ کنہِ چھے کار نمبر ، ژ گژھ تتھی منز ۔ اگر میأنی کتھ ووتھِ ژیہ چھے خبر وُنن کیاہ چھُ ۔''

''جناب ۔ جناب'' ! ایکس اوس عالمِ حأرتس منز کتھ کران ۔ سُہ اوسنہٕ ازتام زٕنہی کارِ کھوٗتمُت تہٕ نہٕ اوُسس زانٕہہ یقین زِ تٕہندِ خأطرٕ واتہِ کُنہِ تژِ ھ جایہِ پیٹھ کاریٚتہِ تس افسرس سفأرش کرٕنی آسہِ ۔

''ژیہ چھے خبر بہٕ کتھ کٕنی چھس ایفی شنسی سان دفتر چلاوان ۔ افسر اوس ونان ۔ یمہِ کتھِ پزٕنے ژیہ بتھِ وننہِ ۔''

ایکسس اوسنہٕ کہنہی فکرِ تران ۔ صرف اوُسس کیاہتام گمانہٕ ہیوٗ ہ گژھان زبہٕ تہِ چھُس ظأہر کیاہتام ۔ مگر کیاہ؟ تہِ اُسس نہٕ خبر ۔ اوے اوس

پر بتھ کتھ ونان— ''جناب۔جناب۔''

''نیر جلد'' افسرن وۄنس تہٕ ایکسن کڈ کنٛی دَو۔بوہ کنہِ اُس پۄز ی پاٹھی کرہنٛ کار ییتھ تی نمبراوس یہ افسرن وۄ ن۔اتھ منزاوس ڈرایور بہتھ۔ ایکسن گر کھوٗ ژی کھوٗ ژی ڈرایورس سلام۔سُہ وۄ تھُس۔''ژیہ چھیہ ایکس ناو؟''۔

''جناب،جناب۔بےٗ گوس ایکس''

ڈرایوروۄ تھُس۔''کھس گاڑِ''

ایکس کھۄ ت تہٕ بیوٗ ٹھ ڈرایورس نشہِ۔ڈرایورن پھر کار تہٕ دژاو۔ ایکس اوس اَمِس ستیٚ کتھ یژھان کرنہِ۔سُہ اوس ڈرایورس پرٛژھُن یژھان زِ شوٗ ٹھس کۄ ت گُن پکھ ناوان چھُکھ۔مگر ڈرایور اوس کار چلاونس ستیٚ مست۔سُہ اوسنہٕ ایکسس گُن نگاہ تہِ کران تہٕ کتھ کرنُک چھُنہٕ سوالیٛ۔کار اُس پکان تہٕ ایکس اوس یہِ زانٛنہٕ باپتھ اَندری وہ تلان تہٕ بوڈان زِ گژھُن کۄ ت چھُ۔کینٛژ ی کالی وأ ژ کار تتھی بنگلس منز یتھ منزاز بروٗنہہ واریاہ کال مسزا ایکس گوڈ نچہ لٹہِ وأ ژہِژ اُس۔

ایکس ژاو۔وِزِ منز پھیوٗ ر پانے کھوٗ ر گُن تکیا زِ اتہِ اُس کتہِ کتھ گژھان کمرس نشہِ وأ تتھ گرن ژاس۔پرِ پتھی کنٛز گیہِ مردانہٕ آواز:''کم اِن''۔

ایکس بہر یوو نہٕ اژ نہٕ۔بزرٛ ی گھنڈ ی وۄ تھ زنتہٕ پانے پرِ تھوٗ دتہٕ ایکسس پیٚیہِ اَکس کورِ پیٹھ نظر۔یہِ اُس ووناٗ ژ،پولرٕ،مستس اَسس کھوورٕ

اندٕ سُم کڈتھ، اُچھر وال اَسس زٔ ٹھٕ تہٕ اچھ وتچھہٕ۔ پرٕ پتھ گُن ژھایہٕ
ہٕلس آیہٕ مردانہٕ آواز۔ ''ولہٕ سااژھ''۔
یتھے ایکس اتھ کمرس منز ژاو، سو کوٗرٕ ژھ تہٕ ژایہٕ امی کمرٕ کہٕ پوٚت
درواز کنٕ بیپس کمرس منز۔ کورِ ہُند مدنوار بیوٗٹھ پانہٕ صوٗفس پیٹھ تہٕ ایکس
دوٚ پُن ژٕ تہٕ بہہ۔ ایکس اوسنہٕ بٔہران مگر لمان کھمان تہٕ بیوٗٹھ اَخرٕ اَکس
کُرسی ہندِس ڈٔندِس پیٹھ اڑٕ ڈینگی۔
''ژیہٕ کوتاہ سا پھت پوٚ رمُت'' مدنوارن پرٕژھس۔
''جناب۔ بی اے چھم پاس کوٚرمُت'' ایکسن دوٚن تیزی سان۔
''گُڈ'' مدنوارن دوٚن خوش گرٕ ھتھ، تیلہٕ کیازِ ژٕ کلرکی کران؟۔
''اماادٕ کیاہ سنا کرہا؟'' ایکسن سونچ اَندری''۔ یہِ ہن تہٕ بنیہٕ کہٕ تام۔
مگر زیوٚ ووٚ نُن نہٕ کینٹھ۔ صرف اوٚ نُن پرٔاژن پیٹھ لاچأری ہُند اسُن۔
''بہٕ چھس یژھان چانہٕ خأطرٕ کینژھا رُت کرُن۔ یہِ اوس مدنوار
ونان۔۔۔ ''سم تھنِگ سالڈٕ۔''
ایکس اوس ژھوپہ کٔرتھ بوزان۔
''بہٕ کرے ژیہٕ گوڈٕ نبتھٕی اَکس بجہٕ جایہٕ نیتھر، یہِ ووٚن مدنوارن۔
ایکس بہریو ونہٕ وٗنسہٕ زِ میہ چھُ خاندر کوٚرمت۔۔۔ گوڈ سو اَسہٕ زنانہ؟
صرف ودان۔ ودان تہٕ ودان۔ تالہٕ کنٕ اوسُن ایکس اوٚ نمت۔
''تس آسہِ ڈاوری تہِ کأفی۔ بیٚہٕ بوز میہ ژیہٕ چھے کالونی منز تہٕ پلاٹ
توٚ رمُت۔ مدنوار اوس ونان۔

''نہ جناب کہنٛی نہٕ، ایکس اوس سو دِلہٕ پٔو زونان۔

''ژیہ چھے نایہ تہٕ خبر'' مدنوارن وۄن زنتہٕ ایکسہٕ سٕنز سادگی پیٹھ اَسن کھنگالہٕ ترٛاوتھ۔ ''تتھ پیٹھ چھِ چاۓنٛی ہوورٕ مکانہٕ تہٕ بناوان۔ چاۓنٛی باپتھ۔ بوزتھٕ؟ چاۓنی باپتھ چھُ مکانہٕ بنان، مگر ژٕ گژھک آنکار کرُن''۔

ایکس اوسنہٕ کہنٛہی تہٕ تگان وَنُن۔ یہِ اَس ناگہاۓنی ترٛٹھ۔ یہِ گو ٹھٹھٕ۔ ظاہر چھِ ایکس مۆت زانان۔ یہِ چھک نہٕ پتاہ یہِ تہٕ ماچھُ پننہِ جایہِ شلتاکھااکھ۔

چاے واتژ۔ مدنوارن بنٲو چاے۔ ایکس پلنوۄن چایہِ پیالہٕ تہٕ وۄننس، ''ژہ کیاہ گوکھ یہوے غوطن ہیؤہ۔ ژٕ چھک میہ دوست۔ بہٕ چھس چاۓنی بجایی کانچھان۔ تتھ چھم حاکم اعلاسٕنز دٕری''۔

وونی ہیوٗتُن ایکس کیاہتام ہٹہِ وُسن۔ حاکم اعلاسٕنز دٕری ہاوِ ہانہٕ کہنٛہی اَپُزتہٕ اِدٕ ہا توہند فرزند۔

''چیہِ سگریٹ۔ مدنوارن پلنووا ایکس سگریٹ۔ ایکس بہر ہانہٕ رٹنس مگر یَنہٕ ہمُی حاکم سٕنز دٕری ہاوٕہٕ ژاس۔ تنہِ اوس ایکس جگرٕ دریومُت۔ تمٕی روٗٹ سگریٹ۔ زوٗلُن تہٕ چون۔ چاے چیتھ کھوٗتُس ڈاکُر، یہِ تہٕ ترٛووُن بے پھرٕک پاٹھی تہٕ اَتھ پیٹھ تہٕ ییٚلہِ نہٕ مدنوارس ژکھ گژھ، ایکس دَربو دِل۔ سُہ بیٛوٚٹھ کرُسی پیٹھ سیوٚدتہٕ ہنادیتُن ڈۆکھ تہٕ۔ تمِس گیہ بدٕنکی ساٲری نٲر یَلہٕ تہٕ نیندرِ ہنز غنودگی ہش گژھٕس۔ سُہ اوسنہٕ ووتھُن یژھان۔ مگر مدنوارن ووٗنُس۔

''اچھامیہِ دی زِمأنی ۔ میہ چھُ ونکبس کأم ۔مگر پگہکہِ پیٹھ اٗ زِ ژٕ بے کھتٕک میہ نشہِ یوان''۔

یہِ ونان وۄ تھ تھوٚ د تہٕ دژا و وزِ س کُن ۔ ایکس دژ او اٗمس پتہٕ پتہٕ ۔ وزِس منز کڈ ی مدنوارن چندِ منزٕ ہٹنز کینہہ نوٹ تہٕ پلنأوِن ایکس کُن تہٕ ستی وۄننس ۔ '' میہ چھُ بڈ افسوس ژٕ چھُک اتھ دفترس منز ضایع گومُت ۔ بہٕ کرٕ حأکمِ اعلاہس ستی ژٕ یہِ مُتلق کتھ''۔

'' نہ جناب ۔اتھ کیاہ کرٕ بہٕ ''ایکسن وۄن نوٹن مُتلق ۔

'' ژٕ ان ساسوٚ ٹہٕ ہنا۔ ٹیہِ ہنا، ذرا آس روزان جان پأٹھی ۔ بہٕ چھُسے پگاہ پراران۔

میہ چھُنا جناب دفتر ــــ''

'' دفترس بلاے ۔بہٕ کرٕ تور پانے ٹیلیفون ۔ ژٕ گری زِ خاندرچ سکھر۔ میہ چھُنا تہِ کوٚمِٹ منمٹ گرٕمژ ۔حأکمِ اعلاسنز درِی''۔

ایکسن رٕٹی نوٹ تہٕ تھأوِن چندس ۔ گیٹہٕ نبر نیرِ تھ گنز رأوِن چندِ اندری ۔کاہ ــــ کاہ شتھ روپیہ ۔ایکس آو سوٗرُے دنیا تیوٚ ت خوبصورت تہٕ نُند بون لبنہٕ یوٚت نہٕ اتھ دمس تام باسیو مُتے اوٗسُس ۔ روپیہ وشنیرٕ ستی ہیٚژ ن تس سو وتیچھِ اُچھ گرتھ کوٚ رتہِ خوش کرنی یوس تمی اِتہِ ژٕ ہس کھنڈس وُ پچھرٕمژ اُس۔

کینژٕ دوٚ ہ لٕج ایکس حأکمِ اعلاسندِس کتھ تام دفترس منز ڈیوٹی ۔ تنخاہ اوس پرٕانہِ دفترٕ منزٕ تہِ نیران تہٕ نوِ دفترٕ منزٕ تہِ ۔ بیہہ کینژٕ دوٚ ہ اوس ایکس

حأکمِ اعلاسنٛدِس فرزندسُند ٹوٹھ یار۔ بییہِ کینٛژ دۆہ اوس ایکس سنٛد بن پترٕ بن تہٕ محلہٕ کٲبن ہونٛبن تو ہنداز رُون تہٕ بییہِ کینٛژِ دۆہ سپُد اکھ زبردست وأری دات ـــــ ہنگہٕ منگہٕ موٕیہِ ایکس سنٛز آشنٛی۔ سوٕے آشنٛی یَس کھورن پونہٕ آسہِ۔ اتھ پھٕٹھری اُسس ،بُتھ مالہِ اوسُس تہٕ صرف اُس ودان تہٕ ووران آسان۔

یہِ موٕیہِ ہنکتہِ منگہٕ۔ مُرتھ پھیوٚرس سأرسی پانس نچر تہِ اگر نہٕ ایکس پترٕ بن پیٹھ مہربأنی کرِ ہا، رزٕ گز لگہِ ہاتہٕ اسمان واتہٕ ہن نہٕ تِمن اتھ تہٕ زمین نہٕ کھور۔ مگر ایکسن دیُت نہٕ مَسلس زیٹھنہٕ تکیازِ اُخر اوسُس پترٕ بن ستی خۆنک رشتہٕ۔

اُہندمرنہٕ ووٚ دوار یاہو مگر سارٕوی کھوتہٕ جادٕ اُہنزِ ماجہِ، ایکسہٕ سنٛزِ ماجہِ تہٕ محلہِ کنٛہو ہونہٕ۔ تِم اُسی توٚتام پرٛ بتھ رأژ کھوٚنکھُن اسمان کُن تِلتھ ووران یوٚ تام کمیٹی وألی آے تہٕ تِمن زہر دِتھ یہِ ہۆنی ہانگے بند کُرکھ۔

مگر اُہندِ مرنہٕ ژۆل ایکسس سورُے شِکسَ۔ تس سُپد کتھ تام بجہٕ جایہِ توٚ وخاندر۔ ہوور بو دیٚشس کالونی منز مکانہٕ تہٕ زنانہ چھس پُرٕمژٕ لیچھٕژ۔ بییہٕ چھَ اچھِ دأرہش۔ اُچھ چھس یمے پیالہٕ ہَشہٕ۔

سارٕوی کھوتہٕ بڈ کتھ اُس یہٕ زایکس گومہرازٕ بُنتھ حأکم اعلاسُند پیٹھ تہٕ تورٕکی دوست اُسس سأر۔ تتہِ اوسنس حأکم اعلا ہن اسان اسان گُلہِ میوٚٹھ تہِ کوٚرمُت۔

دپان امی دوہہ اوس حأکمِ اعلاہس پأنس توٚ وخاندرتہٕ مہرٛینٛز اُس منز

ایکسہٕ ہنزٕ اکھ کلاس فبلو۔



# VII

کالونی اُس شہرٕ نبر۔اتہٕ اُس کُھلہٕ زمین تہٕ اتھ اُسی آمتٕۍ ژورژور کنال پلاٹ بناونہٕ۔یم اُسی خاص خاص انسانن الاٹ آمتٕۍ کرنہٕ۔قیمت اوسُکھ سبٹھاہ کم۔اَتھ اوس اکہِ انٛدٕ دریاو وسان تہٕ بییہٕ انٛدٕ اُسس خوبصورت سڑک۔کالونی اندس پیٹھ دریاوس نکھٕ تہٕ سڑکہِ نزدیک اوس اکھ پلاٹ یتھ حاکمِ اعلاسنٛدی عاشق فرزندن یکمشت پونٛسہٕ اُسی بری متٕۍ تہٕ ہیٚوتمت اوسُن مسزا ایکسہٕ ہندِ ناوٕ۔اُتھی پلاٹس منز اوس مکاناہ بناونہٕ آمُت، یُس پوختہٕ اوس تہٕ پشش اوسُس ٹین دِتھ۔اتھ مکانس اوس کچن، بیٹھک تہٕ اکھ بیڈرۄم گُنہِ حدس تام مکمل زِ دارِ درواز اُسکھ تہٕ لبن اوسُکھ پلستر۔اُتھی مکانس منز اوس ووٗنی ایکس روزان، مسزا ایکس تہٕ موج ہیتھ۔

مکانکی باقی کمرٕ اُسی داربو رۄستی۔لبن اوسُکھنہٕ پلسترتہٕ، پشش اوسنہٕ چھج تہٕ ٹٕچ تہٕ اُس پژانہِ قسمٕچ پچہٕ کھنجن ہنز۔ایکسٕنی موج اُس وأنسہٕ ہندس تتھ مقامس واُژمٕژ یتیٚیتھ مسلہٕ چھُ الوند گرٕھان، کوٗٹھی اَنچن چھہٕ دگ کران۔گن چھِ کم بوزان تہٕ اُچھن چھہٕ ژھانپ آسان۔

ایکس آسہٕ ہاخوش تکیا زِتَس اوس تنخاہ واریاہ۔تس اُسی سۄٹ زٕ ژورتہٕ۔

تس اوس الگی مکانہٕ تہِ ییٚمک نہٕ تھٕندی پترٕی زانٛہہ گمانہٕ تہِ ہیکہِ ہن گرتھ۔ سُہ اوس ووڈی منزٕ منز کافی ہاوس تہِ گژھان ،تھدِ ہٹہِ اسان تہٕ کُنہِ کُنہِ ساتہٕ ''چھوان'' تہِ۔ سُہ آسہِ ہاتھ ساری سی پیٹھ خوش مگر ییٚمہِ سِنٛدِ برکتہٕ تس یہِ سورٕے اندیوٕ مُت اوس، سو آسنہٕ تس وُنہِ تہِ مازان۔ سو اُس دِل ملؤل آسان تہٕ ایکسس آسنہٕ پانس ستۍ اتھ تہِ دِوان لاگنہٕ۔

ببڈ روٗمس منز اوس حأکمِ اعلاسنٛدِس فرزندسُند بوٚڈ فوٹو فریم کٔرِتھ۔ تتھ اُس پوشہِ مال تہِ نألی۔ ایکس اوس اتھ فوٹوہس کُن وُچھتھ پانس تسلی دِوان۔ ''یہِ گوجان۔ اوہند فوٹو گژھہِ آسُن۔ آخرچھُ میون دوست''۔

مگر مسز ایکس اُس زنتہٕ اَتھی کُن وُچھی وُچھی زُوان۔ سو اُس اتھ تھلہِ تھلہِ وُچھان آسان، ودان آسان تہٕ ووش ترٛاوان آسان۔ تس اوس امی فوٹوٗ کہ وجہہ ظاہر ایکس تہِ دون اُچھن کھران۔ سو اُس تس نوکر نظر کران۔ ایکٕسنہِ ماجہ اُسنہٕ زٕنہی ژھوٹہ ڈیرٕ علاوٕ قدر کران۔ تمہِ اوس مکانس نبرٕ کنہِ ڈیڈ ژٕیٚنس پیٹھ وٕتھیو لفظو ستۍ لیکھنو وُمت ''مکانہ نمبر ـــــ'' تس اُس راے زِ وبلایتہٕ پیٹھ چھُ تہندِ ناوٕ میچھِ میچھِ چٹھِ واتان مگر ڈاکہٕ وألس تاون زدس چھُ اُچھن انیوٗ ، تس چھنہٕ بوزنہٕ یوان۔ سو اُس مٔنزی مٔنزی ڈاکخانس پیٹھ تہِ مولوٗم کرنہِ گژھان ـــ مگر وبلایتہٕ پیٹھ وأژنہٕ تس زانٛہہ تہِ کانٛہہ چِٹھی۔

مسز ایکس گیہ وار یاہ لٹہِ تتھ بنگلس نکھہ ییتہِ تس گوڈ نکہِ لٹہِ پننہٕ نِس مدنوارس ستۍ ملاقات سپٕد مُت اوس۔ سو اُس تتہِ کِس باغوانس، ڈیڈ پیٹھ

ٕکس پُلسہٕ وإٔلِس ، وازس یاڈ رایورس پڑ ژھُن یڑھان ۔ مگر اور وأ تتھ اوس تس سوزٕے کینٛہہ دو پررتہٕ ازآئی باسان ۔ سوزٕے کینٛہہ زن اوس موٗ دمت تہٕ جذبہٕ ورإٔ ے ۔ تمہٕ کُر اکہِ لٹہِ اوراز نچ تہِ کوٗشش مگر پُلسہٕ وإٔلی تڑ اُ ونہٕ ۔ سو گٔیہٕ اکہِ دوہہ پٔننی کنٕز حأکم اعلاہس تہِ سمکھنہٕ تہٕ تتہِ مُشکاہ وشکاہ ہیٚنہِ مگر تورتہٕ تڑ اُوکھنہٕ ۔ تتہِ دوٚ پہس لیکھت دِزِ کأم کیاہ چھے ۔ ییٚلہِ سُہ اجازت دِیہِ تیٚلہِ تڑاُووت ۔ امہِ لیٚوکھ تہِ اکہِ لٹہِ ''پرسنل'' سُہ چِٹ آوحأکم اعلاہس پیش تہِ کرنہٕ مگر توتہِ میوٗل نہٕ مسز ایکسہِ اجازت ۔

مسز ایکس گژِھ ہا پاگل ۔ تس اُسی تم قالینہٕ تہٕ صوٗفہ یاد پیوٕان ، تم عشقہِ نیاے تہٕ زارِ پارٕ یاد پیوٕان ۔ تس اوس ازپھیران زِ شوٗٹھ ہے کُر دوٕیہِ دوٕیہِ لٹہِ پٔنن امانت دِژو وابارشن کیازِ کوٚرُم ۔ ووٗنی اگر تس ییٚہِ تیتھ کانٛہہ موقہِ بنہِ ہا، ووٗنی کرِ ہانہ ہرگز ابارشن ۔

افتابہ اوس لوسُمت تہٕ اکھتُے اوس شام ٕ ن تہِ ژھیو یومُت ۔ کالونی منز أس ژھوپہ تہٕ دم ۔ مسز ایکس اُس بسترس منز ڈُلہٕ گٔز دِوان تہٕ فوٹوسینس ستہٕ رٕٹتھ ودان ۔ ایکسٕز موج اُس کچنس منز مأکہٕ زچن منز سرِ شامسےٚ شُنگتھ ۔ یہأے کوٗنس منز ژھوٕ تہٕ ڈیرہش ۔ آنگنس منز گوموٹر رُکنکُ صداہ ۔ مسز ایکسہِ گٔے کن کھڑا ۔

''امایہ گُس چھُ؟ تمہٕ سوٗنچ پانس ستہٕ ۔ اتھ کالونی منز تہٕ اُہندس اَتھ گرس منز اوسنہٕ ازتامٕ کٕنٛہی کارِ منز آمُت ۔ مسز ایکس گٔیہ دِلس ڈُبراے ۔

''آوما —— لجسہٕ بلایہ''! تمہٕ کُر فوٹوٗہس موٗنی ۔ جل جل ؤ ژھ ۔ فوٹو تھوٗ ن

پیٹھ کُن ۔پلوٗن کجن گٔیہٕ ۔کمرس کرن صفأیی تہٕ أتھی منز ژاو اوٚر ایکس۔ ایکس اوس اسِنہٕ ہونجہ، أمی ووٚن پتھ کُن۔ ''أژیو جناب۔''

مسز ایکسہِ اوسنہٕ کیٚنہہ فکرِ تران، سو أس وچھو وچھو أ چھو دروازس کُن وچھان زِ اوٚر کُس اژِ۔

یکبار ژاو اوٚر کُستام وہ پراہ۔ ایکسن ہووتس مسز ایکسہِ کُن اشارٕ تہٕ ووٚننس ''مسز ایکس''۔

امہِ پتہٕ ووٚنن مسز ایکسہِ کُن: ''منسٹر ــــ''۔

سأریٔی کمرس اوس فرنیچر رٔنگی اکھ بڈٕ، ژٕ کُرسیہٕ تہٕ اکھ ٹی پایے۔منسٹر بیوٚٹھ کُرسی پیٹھ ۔ایکس تہِ بیوٚٹھ کُرسی پیٹھ ۔مسز ایکس أس وُنہِ وودنی۔ ایکسن کھوٚل کیاہتام پیکیٹ یُس أمِس کرٕھس منز اوس۔امہِ منز کڈٕن ''ویٹ سیکس ناین'' بوتل ۔سو تھأون ٹی پایہِ پیٹھ تہٕ اسٕنہِ ہونجہ ووٚنُن مسز ایکسہ کُن ۔گلاسہِ ۔بیٚیہ کیٚنہہ سنیکس ،چپس ۔مسز ایکسہِ ہندس گرس منز اوس یُتھے تیتُھے تہٕ اکھ منسٹر ۔تس پھلی نوِسرٕ زن باغس بامن ۔سو أس کچنس کُن گرشٕنچ تیأری کران زِ منسٹرن ووٚن ۔ہے، تو ہہ چھُو یہِ مکانہ سوٗرے یلے''۔

''یہ چھَ چأنی سُستی ''منسٹرن ووٚن'' چانہِ کھوتہ زیادٕ یہنزٕ ۔یم اگر ٹیلیفون اکھ کرٔہن۔''

مسز ایکس گٔیہٕ خوش ،تس باسیوو أز واریاہ کألی زِ بۓ چھَس وُنہِ تہٕ کانٛہہ ۔تس باسیہ یہ تہِ تمِسی مدنوارٕ سنز مہربأنی یُس وہلا یتھ گرٕھتھ اکھ چرٔھی تہِ چھُنہِ سوزان۔

مسز ایکسہِ أنٔ ساری چیز اوٗلو چپس ،سوانہِ ہاچاپ بیٹرِ تہِ مگرانن وول اوُسس نہٕ کانٛہہ ۔ کچنس منز چپس تیار کران کران ڈِژ تمہِ دارِ کنہِ نظر تہٕ اتہِ وُچھن کارتہٕ کارِ منز ڈرایورتہِ ۔ تس ژوٗل ہول ہیوٚ ہ۔ تمہِ اوس از واریاہ کاٗلی یہِ نظارٕ بیٚنہِ اکہِ لٹہِ وچھمُت ۔

منسٹرن چوٚ وسبٹھاہ ۔ ایکسن چوو بسیار ۔ مسز ایکسہِ تہِ ونیوکھ مگر تمہِ مونٛگھ نہٕ ۔ تس اوسٕ تُسی مدنوارس سٟتۍ گاہے گاہے سِپ کرنس لطف یِوان ۔ سُہ اوس ہم سینہٕ تہِ منسٹر چھُ زیٹھ ۔ سُہ اوس نُندِ بون تہٕ یہِ چھُ اگل موٚنڈ ہوٚ ہ۔ تس اوس کتھ باتھ کرنُک باش ۔ یہِ چھُ یہوے لبا چور ہیوٚ ہ۔

منسٹرن ووٚن بہٕ لاگناوِ پگاہ مکانس کام ۔ سُہ آو ٕمشرٕ اونہٕ ہیوٚ ہ، سُہ اوس کتھ کران ۔ سُہ اوس ونان بہٕ چھُس ژکہِ ٹانگہ چوٚ درِی ۔ سوُرے چھُ نصیبہٕ ۔ نصیبہٕ سٟتۍ ووتُس یتھ مقامس ۔ حأکم اعلاہس چھنہٕ میہٕ ورأے میوٚنڈ تہِ وسان تہٕ بیٚنہِ تہِ واریاہ۔

ایکسس پیٚیہِ نیٚندرٕ منسٹر اوس بولان ۔ سُہ اوس کُرسی ہیتھ مسز ایکسہِ نزدیک آمُت ۔ مسز ایکسہِ اوسنہٕ یہِ خوش کران مگر منسٹر اوس حأکم اعلا سُند قسم ہأوِتھ ونان زِ پگاہ لگہِ مکانس کام ،قالینہٕ تہٕ صوٗفہٕ واتن ،میانہِ خأطرٕ گرٕ ژھِ الگ کمرٕ تھاوُن ۔

''میانہ تہٕ پننہٕ خأطرٕ'' یہِ ووٚن منسٹرن مسز ایکسہِ تہٕ یہِ ونان کرنس کوم ۔ مسز ایکسہِ اوس دِلس منز مدنوار ییمی تس رشکہٕ تھوومُت اوس ۔ سُہ مدنوار ییمی پننہِ ساری وعدٕ مشرٕ اوی متۍ أسی ۔ سوٲس ایکس سٕنز آشینہِ مگر دِل اوُسس

مدنوارس ہِتی ۔ سو اُس منسٹر سنٛز کو چھِ منز مگر پھوٚرادُسس وِلایتس منز ۔ تمہِ اُس تہندس امانتس بے قدری کُرمژ ، ووٚنی رٹہٕ نہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ ہُند امانت — دِنہٕ وول کونہٕ آسہِ پانٕے ایکس — مگر تمہ ورأے تہِ چھُ انسانس زندٕ روزُن ۔ مکانہٕ گژھِ شیر نہٕ یُن ، دروازس تل گژھِ کارُکنٕ ۔ افسرن نشہِ گژھِ سفارش چلنٕ — اُخر چھَ دنیا ہس منز واریاہ کامہِ ۔ یمہٕ اندواتاونہٕ باپتھ انسانس ہوٚن چھُ پیوان کھیٚون ۔

تہٕ مسزا ایکسہِ کوٚرکُنہِ امانتہٕ کہِ شُبہاہ نشہِ بچنُک انتظام تہٕ امہِ پتہٕ کوٚرُن منسٹرس پان حوالہ ۔

ژٕیری دژا و منسٹر کھٔبتھ چھتھ تہٕ یہِ وٕنتھ زِ یگاہ لگہِ مکانس کأم ۔



# VIII

کیٚنژِ دوٚہِ گیہِ مکانس پٔزی پأٹھی کأم شروع ۔ سکھ چوٗنہٕ سیمٹھ تہٕ روٗڈی وأژ ۔ پچہٕ واژٕ تہٕ نلکہٕ وأتی ۔ چھان ، ڈٔسل تہٕ موٚزوٗر آے ۔ بجلی فِٹنگ کرن وألی آے تہٕ سینٹری فِٹنگ کرن وألی پلمبر آے ۔ کمرن آو پلستر کرنہٕ ، تہٕ پلسترس آو دوگہ دِنہٕ ۔ المارِ آیہِ بناونہٕ تہٕ پٹمن یتنٛتھ دِلہٕ بکار اُسی تنٛتھ آے دِلہِ لاگنہٕ تہٕ یتنٛتھ جال بکار اُس تنٛتھ آیہ جال لاگنہٕ ، پشش آیہِ مورکہٕ تہِ لاگنہٕ تہٕ چھجہِ تہِ ۔ نیبرِ کی آو ٹیپہ کرنہٕ — تہِ رتبس کھنڈٕ سی منز آو مکانہٕ

مکمل کرنہٕ۔ باتھ روٗمہٕ علاوٕ آے وزٕن تہٕ ہیرن تہِ چپس لاگنہٕ،
اتھ سأریٔسی وقتس اوس منسٹر صٓجس شامس تہٕ باضے دوہس منزٕ تہِ نظر گذر دِنہِ یوان۔ سُہ اوس ووٚنی تیوٚت أنزی منزی گومُت زِ وار یاہن ازانٕہن أ س رائے یہِ چھُ بذأتی اوہندُ ے مکانہ۔ سُہ اوس شامس ژٕیرتام اتہِ بہان۔ تٔمۍ اوس ایکس پرانہِ دفترچہ نوکری منزٕ استیفہِ دیومُت تہٕ امہِ پتہٕ اوسنس "اے کلاس ٹھیکہِ دِیتٕمُت ـــــ ایکس اوس اتھ ٹھیکس سِتۍ سبٹھاہ آوٗر آسان تہٕ اوٚے۔ کٔنہ اوس منسٹرس تہٕندس مکانس پانٔے نظر گذر دِنہِ پیوان ییٚن ـــ أخر یار کیاہ لوٚ!!
مسزٕ ایکس أس سورُے وٕچھان مگر متأثر أس نہٕ کہینہٕ تہِ گژھان۔ تَس أس نظرو ہلایتس کُن تہٕ سونچان أس زِیدٕ وے تُمۍ شُچھ پأغام زانہہ تہِ سوٚ زنہٕ مگر بہٕ کرٕس وفادأری۔ ییٚلہِ واپس واتہِ بہٕ کرٕس سال ـــــ سوٚ أس پنہِ جایہِ تہیند استقبالہِ خأطرٕ تیأری کران تہٕ اوٚے أس مکانہٕ شیر ناوان، ٹھیکہ رٕٹہِ ناوان تہٕ کُنہِ پأٹھی پنُن سٹینڈارڈ تتھ مقامس پیٹھ واتناونچ کوٗشش کران یتھ مقامس پیٹھ تو ہند مدنو اروہلا یتھ یتھ پانہٕ آسہِ۔
منسٹر اوس دِلہِ کٔنہ شوٗد۔ سُہ اوس پزی پأٹھی مسزٕ ایکس ہندِس چشمہٕ صوٚ درِن منز پیرٕ گومُت۔ سُہ اوس پنُن سورُے کہینہٕ أمس پیٹھ فِدا کرنہ خأطرٕ تیار۔ تٔمۍ اوس پنُن ووندٕ مُژرِتھ مسزٕ ایکسہِ بوومُت زِ تٔمۍ اوس لوکچارس سبٹھاہ مصیبت وچھمت۔ تس اوسنہٕ ازٕنہہ تہِ مدرسُک بُتھ وچھنُک موقہٕ میوٗلمُت۔ سُہ اوس لوکچارے زینٕنہِ دژامُت۔ مونڈ موج أسس کوچہِ پتہٕ کوچہِ گاڑٕ ڈُل

ہتھ پھیران تہٕ ہکھ دِوان تہٕ یہِ اوُسس ننہٕ وورُے، پھبرِ نہٕ زٔٹ لاگِت ترٛکرِتہٕ پرمانہٕ ہتھ ہتِ ستِ آسان۔

تمی اوس تس بوومُت زِ سُہ ییلہِ ٹانگہٕ چوٗدری اوس، تمنی دوہن اُس مُلکس منز ایجی ٹیشن چلان۔ تس اُسنہٕ خبر آزاُدی کیاہ گٔیہ۔ سُہ اوس پننی آنہٕ ژورکماوان تہٕ تس اُسنہٕ امہِ نشہِ فُرصتھی زانہہ میلان۔ اُتھی منز اُس تس اکہِ دوہہ ٹانگہِ اڈس منز اَکس سرکاری افسرس ستِ بتھی لاگے سپز ہرٛ۔ افسر اوس ٹانگس کھوٗتمُت مگر ٹانگہِ وأٔلس اُسن نہٕ کرایہِ دِژہرٛ۔ اتھ پیٹھ اوُسس چوٗدری تقاضہِ کوٗرمُت۔ افسرس اُس چوٗدرِس پیٹھ ژکھ گٔرژہرٛ تہٕ اُمس ہتِ اُسن بدکلامی کٔرہرٛ۔ چوٗدری اُس کرہکھ لأجہرٛ۔

پگاہ اوس ہنگہٕ منگہٕ پُلسہِ پیومُت وأتتھ تہٕ چوٗدری اوسُکھ گرفتار کٔرتھ سنٹرل جیل واتنومُت۔ سنٹرل جیلس منز اُس چوٗدری دِوٕے وُچھہرٛ۔ اتہِ اُسی واریاہ قٔدی ـــــ بڈی بڈی لیڈر، وکیل، کالج لڑکہٕ تہٕ بیٚیہٕ تہِ بسیار، اتہِ اُسی چوٗدری کیاہتام آزاُدی، ذمہٕ وار نظامِ حکومت تہٕ سیاست بیترِ لفظ بوٗزی ہتِ۔ اتہِ اوس چوٗدری ہنگتہٕ منگے کارکُن مانہٕ آمُت۔

جیلہ نیرتھ اوس چوٗدرِس سیاست کاری منزمز آمُت۔ سُہ اوس اَکس بیٚیس دوٗل رٔٹتھ بروٗنہہ پوٗکمُت تہٕ آخر ییلہِ بے دین جمہوریتن موڑ ژوٗٹ، چوٗدری اوس ہوٗنی جبٔے تتھ چھو کہِ کُن لوٗگمُت یوٗس تنہٕ پیٹھ دود بتہٕ کھوٗان اُس ـــــ از اوس سُہ منسٹرتہِ مسزا یکسہِ ہُند غلام۔

یہِ سورُے بوزنٔس ستہ کی اُسنہٕ مسزا یکسہِ اکھ رژھ تہِ دلچسپی۔ تس اوس

یہ لبا چور آسنہٕ کنہٕ کھران ۔ تمہٕ اوس تس ناو کوٚ رمُت ۔ ''ایڈیٹ'' تہٕ خیال اوُسس أمس صرف پانٛس نشہِ ینہٕ گژھنہٕ دِنٛک یوٚ تام پنُن مدنوار وبلا یتہٕ پیٹھ واتہٕ ہس۔

ایکس اوس ٹھیکہ ڈ ری کران تہٕ پونسہٕ کماوان ۔تس أ س ووٚنی واریاہن انجینرن چیفن تہٕ صحبن ستیٚ زان ۔تس اوس باسان سہٕ ہیکہِ ووٚنی منسٹر سٕندِ مدٕ دورأے پنُن کاربار چلاٗوِتھ ۔تس اوس فکرِ توٚ رمُت زِ بڈأتی چھنہٕ کامہٕ کاراہ کانٛہہ ۔ کُنہِ جایہِ چھُ پونٛسن ہُند ضرورت پیوان تہٕ کُنہِ جایہِ مسزا یکسہِ ہنز۔ نتہٕ چھِ سأری ہیوٚ ی —— زنانہٕ ،شراب تہٕ پونسہٕ ۔یُس یم ترٛ یہ چیز موٚ ہیا ہیکہِ تھأوتھ سہٕ چھُ یٚمہِ دورُک مہاراج۔

ایکس تہِ اوسہٕ ووٚنی منسٹر سٕندِ ستیٚ خاص متأثر سپدان ۔تس اوسہٕ پیوان أمِس زارٕ پارٕ کرُن ،أ س سنبألتھ وُنن یا لفظ ژأ ری ژأ ری ادا کرٕنی۔ سہٕ اوس تس ووٚنی حکم ہی چلاوان تہٕ اگر نہٕ منسٹرتٕہنز کأم فلِفور أنزراوِ ہا ایکس اوس ژکھِ ہُند اظہار کران۔ کُنہِ ساتہٕ روشان تہِ۔

دراصل اوس ووٚنی منسٹر مسز ایکس تہٕ ایکس دونوٚنی ہندِ باپتھ وولہٕ بور بنیو مُت ۔تس یوٚ ت ویوٚ ر ہیکہِ ہاوٕتھِت تیوٚ ت اوُسس ووٚنی تلمُت ۔اکھتے أ س ووٚنی ایکسس پننہِ طورتہِ واریاہ زان تہٕ رسوخ بڈ یومُت ۔تٔمی آسہٕ ٹھیکہ ڈ ری علاوٕ ترٛ یہ بوگس فرمہِ تہِ وبناوی مژ یمہندِس ناوس پیٹھ آڈر رٕٹتھ مختلف دفترن سامانہٕ سپلاے کران اوس۔ سہٕ اوس ووٚنی بڈہن ریستورانن تہِ کھسان تہٕ کافی ہاوس تہِ ۔کافی ہاوسس منزٕ أسس ادیبن تہٕ شاعرن ستیٚ تہِ زان گأمژ

تہٕ اخبارنویس شینِس ہیٚتہٕ تہِ۔

امی وجہہ کنہِ دوٚپ اکہِ دوہہ ایکسن منز ایکسہِ: ''یہِ تھاوِ زِ ٹیپ رِکارڈر بیڈس تل آن کُرتھ۔ میہ تگہِ پتہٕ پانے اُمس ایڈیٹس لار کرٕنۍ۔''

شامس تھوو منز ایکسہِ ٹیپ رِکارڈر بیڈس تل تہٕ صبحس اُس مشین منسٹر سٕنز آوازِ منز تہِ سورُے ونان یہِ نہٕ اُکس گانس تہِ شایان چھُ۔

دُیمہِ دوہہ دڑ او شینِ سندس اخبارس منز کورپشنس خلاف تیٖتھ مضمون زِ ایڈ منسٹریشنکۍ ایوان ہلیہ۔ منسٹرو دنہٕ بُتھ دیُن لایق تہٕ بے دین جمہوریت کہِ حُرمتہِ باپتھ پیوتس استیفہٕ دیُن۔

منسٹر اوس شینِس سخت ناراض مگر کُرتھ اوسُس نہٕ کینہہ ہیکان تکیا زِ شینِ سُند غضب اوس حاکمِ اعلا سُند غضب ـــــ تہِ اُس سارنِ خبر۔ تمۍ کُر اکہِ دوہہ ایکسس تہِ منز ایکسہِ نشہِ تہِ تھنز شکایت۔ تمو بوٗزس سبٹھاہ غورٕ سان تہِ بیٚبا ہ سورُے کینہہ ونتھ موکلو ایکسن دِژ منز ایکسہِ کُن اسٕو نہِ ہونچہِ نظراہ زنتہٕ پان اوسُس: ''تو ریہِ فکر بہٕ کُس چالاک گوس۔''

منز ایکسہِ ووٚن اُندری اُندری منسٹرس۔ ''ایڈیٹ''۔

منسٹرُ سند اوس گوڈنیکُ ٹیپ یُس بیڈ روم چہِ الماریٚ ہندس ''بی'' خانس منز محفوظ کرنہٕ آو۔ مگر ووٚنۍ اُسین باقی خانن منز بُرتی ہنزٕ تہِ ضروٗرت پیٚنۍ ہیٚژ مٕژ۔ منزٕ منزٕ اُسی شراب چنہٕ کہِ لالچہ اور شاعر ادیب تہِ یوان۔ یہندِ مزٕ خاطرٕ آے ''سی'' خانس منز چیدٕ چیدٕ پروگرامن ہندی ریکارڈ ٹیپ کُرتھ محفوظ کرنہٕ۔

ایکسس اوس مکانہٕ نفیس ۔ کارٕ بار مختلف فرٕمن ہندس ناوس پیٹھ زبردست ۔ سیفس منز آسہٕ روپیہ تہٕ مختلف المارہن منز قسمو ار شراب ۔ یم سأری چیز أسی صحبن ، چیفن تہٕ انجینرن نشہٕ کأم حأصل کرنس بکار لگان ۔ امہٕ ورأے اوس ضرورت پیوان تمن ہُند یمن ووٚنی ایکس ''کٹر'' ونان اوس ۔ مسز ایکس ٲسِتس واتہٕ ہا کُنی زٕنی تہٕ بیٚیہٕ أس سو بے دِل ۔ تَس أس فکر وبلا یتھ کُن اگر چہ حأکم اعلا سٕندس مدنو ار نیچوی سٕندس فریم کرتھ فوٹو ہس ووٚنی پوشہٕ مال ہوٚ چھمژ أس تہٕ بدرنگ سپز مژ أس ۔

''کٹر'' حأصل کرنہٕ باپتھ بنیو ایکس اکہٕ سنگیت سنٹرک سرپرست تہٕ اتھ کرن پوٚنسہٕ زٕنگی کأفی مُروت ۔ اتی پیٹھ اوس ژوٚ رِژھیمبہ کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ روٗبی ، روزی ، ڈیزی ، لولی بیترِ موصوٗم کورہن اکہٕ اکہٕ ورغلأ وِتھ انان تہٕ تہندس کردارس جبرن چھُری ژ ہنتھِ تہنزٕ چکہٕ کربکہٕ وَدن باکہٕ تہٕ زارٕ پارٕ رِیکارڈ کران ۔ تہٕ ریکارڈ کرتھ تمن خوف تھاوان زِیُد وَے یہٕ کتھ کُنہٕ جایہٕ وانیوبہٕ بوزناوٕ یہٕ ریکارڈ سورٕے دنیاہ ۔ اِدِ یہٕ مول موج توہہ زہر ۔

امہٕ کنی اوس ''اے'' خانہٕ تہٕ برنہٕ آمُت تہٕ بوگس فرٕمن آرڈر حأصل کرنہٕ خأطرٕ اوس تژ یم مشکل مگر یقینی مال تہٕ بدست آمُت ۔

اسہٕ گژھِ مأفی دِنی زِ اسہٕ کرنہٕ وٗنس تام اکہٕ واتٕج باوتھ ۔ اسہٕ أس ضروٗر خأہش امکی تفصیل توہہ تام واتناوٕنچ مگر أسی کُری بذأتی ایڈیٹ منسٹرن پنہٕ نٔمن نغمن منز تیتھی مشغوٗل زِاتھ واقہس کُن روٗ دنہٕ اسہٕ ظونی ۔

نوٗس مکانس منز أس ایکہٕ زٕنی موج زنتہٕ ہنگتہٕ منگُک ژھوٹہ ڈیرہ جماہ

گاٗمژ۔ تس اُس اتھ گرس منز تیژ ي قدر ییژ کھٗشری لدٕ بیمار ہوٗنس آسان چھُ۔ یہِ اُس رٕچھنہٕ کس اٲکس کوٗنس منز ژچن وٲلتھ آسان تہٕ اُمس آسہٕ مٹس ہارس منز تہٕ ترٕ ے کھسان۔

اکہِ دوہہ آسہٕ اُمس منز ایکسہِ کانگرِ کھوپرِ منز بٹھ ژٕنہٕ ز ژور پھٔکتھ دِژمژ۔ تہٕ یہِ اُس یہاٗے کانگر بیہہِ منز ہتھ شوٗنجمژ۔ ڈیمہِ دوہہ صبحس اُس منز ایکسہِ یہِ ییمہِ دنیاہا گاٗمژ وُچھمژ تہٕ اکھٕتے اوٚسس کانگرِ ہتۍ اتھس ژھوکھ تہٕ لۆگمت۔

ییمہِ ساتہٕ یہِ اُخری سفرس کڈ کھ ایکسس ستۍ اوس واریاہ جلوٗسہٕ پکان یتھ منز صحب، چیف بیترٕ شاٗمل اٲسی۔ منسٹر اوس بروٚنہہ بروٚنہہ پکان۔ سُہ اوس پزٕی پاٗٹھی ماتم زدتکیازِ انھ دوہس تام اٲسنہٕ تس خبری زِ ایکسس چھُ موج زندٕ ے اٲسمژ۔ سو موج لیٚی زِ ایکس ''ڈارلنگ مدر'' ونان اوس۔

★★★



اسہِ پیٚہہِ نوسرِ ایکس سُند گرِ گژھُن ییٚنہِ ... ایکس تہٕ نینسی ترٕ اُوی متۍ چھِ۔ ممکن چھُ تمو آسہِ لنچ کوٚرمت تہٕ ووٗنی آسہٕ نوٚ د کیٚنہہ پروگرام۔ اٲسی گژھو یکدم تتھ گواہ روزنہٕ۔

وقت آسہِ ہاترٕ یہِ بجے ہیوٚہ زِ ایکس دژاوکژھنہِ کارِ منز۔ نینسی روٗز

أتھی ۔ تِس اوسہٕ ازوارکافی ہاوس گژھنس تکیا زِ تیلہِ لگہِ ہا شینس ستۍ آؤرتہٕ تس أس وِنہ ایکسس ستۍ ایسٹرن پورٹس متلق وارِ کتھ کرٕنی ۔

ایکس ییٚمہِ ساتہٕ کافی ہاوس ژاوو ٗنہِ اوسہٕ شیٚن کینٛہ آمٕت ۔ پٹھیٚمس ٹیبلس أسی انٹلکچول بہتھ زورٕ زورٕ بحث کران ۔ موضوٗع اوس شیٚن سُند ایڈیٹوریل ۔ '' کورپشن ایکسپوز کرُن تہِ چھُ سٹرگلہِ ہُند اکھ حصہ ''۔ ژھینٛز مژ چینٛژ لاگتھ نقاد اوس ونان ۔

'' کورپشن ——! '' زیوٗٹھ مس کٔرتھ شاعر اوس چار مینار سگریٹس زیوٗٹھ کش دِتھ ونان : تہِ کیاہ گو کورپشن ؟ ۔ بکواس ۔ فنکار چھُ ییمو منڈین چیزو نشہِ بالاتر '' ۔ '' مگر شیٚن چھُ اکھ جرنلسٹ ، نقاد اوس ونان ۔ '' تس چھُنہٕ تخلیقی فنکار آسنک کانٛہہ دعوا —— سُہ چھُ پنٛن فرض سرانجام دِوان ۔ ''

'' مسلہٕ چھُ بوٚڈ تنہأیی ہُند '' شاعرن وۄنُس ، بہٕ کیاہ چھُس تہٕ کیا زِ چھُس '' ؟ ۔ '' میہِ چھُ نوٚو موضوٗع پنٛنی لوکٹ سسٹر '' ۔ یہ اوس مُرٕ ژ گرونان ییٚمس زیوٗٹھ مس تہٕ زٔٹھی ڈکھ آسنہٕ علاوٕ ہونگنہٕ پیٹھ گوٗٹی تہِ أس ۔ '' سو چھ وأنسہِ کنٛز کم ۔ کٔہی تام وٗری پنداہ مگر تٔمی سُند بہیویر چھُ عجیب ۔ سو چھ پننہِ وأنسہِ کھوتہِ زیادٕ زنانن ہندی پأٹھی ووتھان بہان ۔ مٔنزی چھ سوچن منز راوان ، مٔنزی چھ دولہٕ دولہٕ کتھہ کران ۔

یہوے چھُ بوٚڈ مسلہٕ '' شاعرن دیُت مُرٕ ژ گرسنٛزِ بینہِ ہندِس اتھ وٹیرس داد ۔ '' تنہأیی ۔ تس منز چھ فنکارنہٕ صلاحیت '' ۔

'' سو چھ میوٗزک سنٹرس منز کلاسیقی ہیچھان '' مرٕ ژ گرن کوٚر خوش

گرٛھتھ اعلان۔ ''یہ چھُس یرٛھان تہنز موٚرتھ بناوٕنۍ''۔

''نیوٚڈ''___ نقادن ووٚن وٕتھن پتھٕ شیطان اُسن اٚنتھ۔

''یہِ گیہِ سفلہٕ گی'' ووٚن شاعرن۔ سو چھےٚ محض اکھ زنانہٕ۔ باقی رشتہٕ چھےٚ پس ذہنکۍ پاٚداوار''۔

''رذ ڈین اوس پننہٕ نبن ماڈلن فیل گرٕی گرٕی کنہِ منز پیوستہٕ کران''۔ یہِ ووٚن مرٛزگرن پننہٕ علمک اظہار کران۔

''مگر ڈیزی ہیکہٕ ہنہٕ زٕ نیوٚڈ کرٛتھ''؟، شاعرس سُپد خبر کیاز شک زن پاٚدٕ۔ ''میٚہ چھنہٕ خبر ڈیزی سپد یا آماد کنہِ نہٕ''۔ مرٛزگرن ووٚن، مگر میہ چھےٚ خبر زِ پتۍ موکیٔرٛ ورہتو پتھٕ چھےٚ تس منز تیز تہٕ سبٹھاہ تبدیلی یوان۔

امی ساتہٕ آو ایکس اوٚتت۔ مُرٛزگروٚتھ تس کُن۔ ''تہۍ چھوِ ڈیزی منز کانہہ تبدیلی محسوس کران؟''۔

ایکسس ڈوٚل امہِ سوالہٕ ستۍ تہُس رنگ تہٕ دِلس گیہ یس ٹاسہٕ رارے ہش۔ تس اوس وُنہِ جواب دِنے تہٕ شاعرن ووٚن ''یم چیز وچھنہٕ خاطرٕ گرٛھ تخلیقی نظر آسنۍ''۔

یہِ بوٗزتھ ترٛ وو ایکسن تھد اسن کھنگالہٕ تہٕ ووٚنُن: ''تہٕ چھُ پوٚز۔ اسہِ عام انسانن کتہٕ گیہِ سو نظر پاٚدٕ''۔

''مگر یتھ دورس منز چھوٕ تہۍ ادبکۍ تہٕ فنکۍ سرپرست'' ووٚن نقادن سنجیدگی سان۔ تہندی خاٚراتہٕ چھےٚ یہِ تحریک زندٕ۔ میٚہ چھُ خیال اَسہِ پتھ چھےٚ ذِمہ دأری تہۍ ہی شخص ام مارٹل بناوٕنۍ''۔

'' یہِ گٔیہِ تہنز ذرِنوٲزی''، ووٚن ایکسن ، یہِ ونان کوٚڈُن گولڈ فلیک سگریٹ پیکیٹ ۔ اکھ زوٚلُن تہٕ باقی پیکیٹ تھوُن ٹیبلس پپٹھ ۔ ادٕبو ، شاعرو مُرٕژگروَ تہٕ نقادو موکلووِیہِ پیکیٹ أکِس آنس منز ۔ بیٚیہِ چیٚیکھ ایکس سٕند بن پوٚنسن کافی ۔ ہتی أسی بحث کران ۔ یتھ ہتی نہٕ ایکسس اکھ رژھ تہِ دلچسپی اٲس ۔

ایکسس اوس ٲنزی مُنزی مرٕژگرونان: ڈیزی چھ بڈ موٗڈی بنیمژ ۔ ڈِیر سسٹر ۔ وٹھن پپٹھ چھُس مونالزِا اکُماِ راسان ۔ توہہِ چھُوزانہہ یہِ نوٗٹس کورمُت ۔! آہ ــــ تہٕ چھوٲن سوکورِ ہندی پاٗٹھی رچھان ۔ مدر چھ تس صرف تہندٕ ے یوت گرِگرژھنس اجازت دِوان ، فنٹاسٹک ۔ دپان چھ مسٹر ایکس تہٕ تہنز مسز چھ اولادٕ بوٚچھِ ۔ I want to do her made ۔ سو چھ ییمہِ دورٕچ گرٔل ۔ چھنا؟ ۔

مرٕژگر اوس پانہٕ وولہٕ دولہٕ کتھ کران نتہٕ اوس ایکسس کیا ہتام شیچھ پلِناوان ۔ ایکس اوس أمِس نشہِ بہتھ پریشان گومُت ۔ سُہ اوس اتبتھ وٕتھنس موقہٕ ژھانڈان ۔ نقاد اوس شین سٕندس ایڈیٹوریلس تأریف کران تہٕ شاعر تنہاأیِ پپٹھ ودان ۔ ایکس اوس مرٕژگرس ورأے باقی سارنِ ہنزن کتھن ہتی دِلچسپی دِوان سُہ دِیہ ہامُرٕژگرسٕنزن کتھن ہتی تہِ دلچسپی مگر مرٕژگر اوس صِرف ڈیزی متلق ونان تہٕ ڈیزی ہُند ناو اوس ایکسس اَتھ مجلسہِ منز کنن کھران ۔

أتھی منزٕ اوشین ۔ مختلف ٹیبلو پپٹھِ ووژھہِ تس کُن نظرٕ ۔ نوجوان أسی تس داد دِوان ۔ بے کار أسی یژھان زِنوکری گوٚژھ دیاوٗن ۔ ادیبن شاعرن أسی تس متلق رنگہٕ رنگہٕ خیالٕ ۔ مگر ایکس گو تھوٚدٕ تھتھ ۔ سُہ گو شینس بُتھِ ۔ تس ہتی کوٚرُن اتھ واس تہٕ بیوٗٹھ تتھی ٹیبلس پپٹھ ییتھ ٹیبلس شین بیوٗٹھ ۔

شین وۆتھُس ''تمی ہاؤنہٕ اورٕ ربسپانساہ کانہہ؟''۔
ایکسن وۆنس ''وُنہِ چھُناٲ پھُر، اتھ چھا کانٛہہ کتھاہ کنہِ نہٕ!''

''اوٕ ــــ شینیہ دۆ گلاہ''، شینن وۆن اسان اسان۔ ''تہٕ یہٕ کتہِ چھُ مُلکہٕ مٹرس''؟۔ یہٕ اوس نینسی ژھانڈان۔ ایکسس تۆر فِکرٕ تہٕ سُہ وۆتھُس ''خبر میہ گیہِ نہٕ نظرٕ کینٛہہ۔''

''لس ستۍ دنگل کرنس چھُ لطف یوان۔'' شین اوس ونان تہٕ کارتھۆد تُلتھ ساری ہالس نظر دِوان۔ یا تہٕ اوس سُہ نینسی ژھانڈان نتہٕ اوس اتہِ عُسیمتین لۆکن بُتھ ہاوان تہٕ ونان۔ ''پورٕ وایڈیٹوریل''۔

واریاہو کرِ سلامہٕ، واریاہ آیہِ اوتت مبارک کرنہِ تہٕ واریاہو ہاوی پنٕنۍ درخاست۔ شین اوس درخاست رٹان تہٕ ونان، ''عجیب چھُ۔ اکہِ اندٕ چھوٕ تہۍ یژھان زِ بہٕ گژھہ اسٹیبلشمنٹس ستۍ لڑُن تہٕ دٔیمہِ اندٕ چھِوٕ یژھان توہہِ گژھوٕ نوکری دیاونہِ۔ توہہِ چھوٕ پانس منز کنٹراڈِکشن۔ سوسایٹی کتھٕ کٔنۍ ہیکہِ ترقی کٔرتھ۔''

یہٕ وۆن شینن تیوٗت زورٕ زِ نقادن تہٕ بوٗز۔ سُہ آو پنٕنۍ ژھیٚنۍ مژٕ چھنٕنۍ گلوان گلوان اُمس نِشہِ تہٕ دۆپنس ''یہٕ چھُ پوایئنٹ۔ کنٹراڈکشن! یتھٕ کٔنۍ تہۍ کورپشن ایکسپوز چھوٕ کران، یتھے کٔنۍ چھِ لۆک کنٹراڈِکشن کِس مسلس پیٹھ تہِ ایجوکیٹ کرنۍ۔ اگرٕ ییوبہٕ لیکھ مضموٗن۔''

شینن تژٕ اُوٕ اُمس کُن یتھٕ کٔنۍ نظر زنتہٕ دپان اوسُس۔ ''مضمون؟ــــ ژٕ؟ میانس اخبارس منز ــــ؟ خبر مغز چھیہِ ٹھیک ــــ؟۔'' مگر بڑٕ بڑٕ

وۄننس ـــ ''اہنسا ـــ بہٕ کیاہ کرٕاِ کنے زۄن ۔ یۄ تام نہٕ تہٕ تہِ یہ بورٹلیو ۔ بہٕ پڑ ارٕ تیٚلہِ چانٛس مضموٗنس ۔''

او کے ۔ نقاد گوخوش ۔ ذٕ چھنہٕ کھوورٕ دِژٕن نظراہ زِ باقی لۆکو مُچھ زِ أہندِس مضموٗنس کأژاہ اہمیت چھَ ۔

شینن اوس زن کنڈٕہن پیٚٹھ بہتھ ۔ تٔمی چیٚیہٕ کافی جلد ۔ سُہ وۄتھ ایکسس کُن ''بڑٕ عجیب چھُ یہِ ۔ بہٕ کرٕن ایکسپوز ووٚنی ۔ تمہِ دیُت نا راتھ اُزٕ یِک ڈیٹ'' ۔ ایکسن وۄننس یارانہٕ لاگتھ ۔ نہ ۔ ''فِکس اوسنہ کہنی سپد مُت ۔ از اوس فِکس کرُن''! شینن وۄن ۔ راتُک تھٔجل اوس گوڈٕ گوڈٕ بولان ۔ مِنٹن وہن پنداہن ۔ پتہٕ کرٕن تو نت بند ـــ اکھ رژھ نہٕ ریسپانس ۔ اصلی چھَ پزٕی پاٚٹھی اتھ تہِ کیٚنژھا ۔ یہوے ؤری ژوداہ پنداہ آسہِ ہا؟'' یہِ وٚنتھ اوٚسن تہٕ وۄنُن ۔

''ژٕ کتہٕ چھکھ یِم اُچھو روٚستی گرُن رٹان ـــ؟ ۔''

ایکس گوامہِ سوالہٕ ستی بے قرار ہیوٚ ہ ۔ تٔمی وۄن ،'' ہا یہِ پیوو چانہِ خأطرٕ انتظام کرُن'' ۔ امہِ پتہٕ ترٛاوِن دَلہٕ اسنہِ ہنا ۔

''مسز ایکس ہوم؟'' وۄن شینن ۔

''نو ۔ سُواری ـــ اَوٹ'' وۄن ایکسن ۔

شینس ڈۄل ووٚنی زیادے مزٕ ۔ سُہ وۄتھ ۔ ''ٹایم اَپ ۔ وتھیو بار گرٕ ھَو'' ۔ ''میہِ چھَ اپوائنمنٹ ۔ ذٕ پیٚوٚ ہے بہٕ کروٕ ڈراپ'' ۔

''نہ میہ چھُ کنوینس ۔ اچھا تیٚلہِ وِچھ بہ تِتی کانٛہہ انتظام ۔ او کے ۔ بائے ۔ ''گڈ لک ـــ'' ۔

شین دژ او۔

ایکسن گٕر سارِچی پے منٹ تہٕ دژ او۔

نینسی اوس یپٹس کالس ایسٹرن پورٹ ٹیلیفون کوٗرمُت تہٕ پرٛنس نٔو و ڈیولپمنٹ وٕنی مژ۔ پرٛنسن اوس اتھ انتظامس او کے کوٗرمُت تہٕ نینسی اُسن ہتھ ہتھ لول بٔری متٕ۔ ہتی او سنس وۄنمُت زِ بۂ کرٕ ایرلاینز والین ستی کتھ یتھ تم پننہِ اندٕ انتظام تھاوَن۔

ایکس اوس گرٕ ینہِ برونٹھ میوٗزک سینٹر گوٗمُت تہٕ تتِہ اُسن پگاہ پیرنٹس میٹنگ تھأوِمژ۔

گرٕ یتھ وۄن تمی نینسی پٹن سورُے منصوٗبہ۔ نینسی وۄن بۂ کرٕ ستوا ٹیچی کیٖسو باپتھ مصالہٕ پرووایڈ۔ تمہِ وۄن یہِ تہِ زِ پرٛنس کرِ ایرلاینز والین ستی سوارِ ہنز کتھ ـــــ مسلہٕ اوس بڈٕ سہل تہِ سیٖود۔

نینسی لاگِ ٹیبلس پیٹھ گلاس تہٕ ایکسن اوٚن کچنہِ منز کھینہٕ چیزن ہُند انبار گٔرتھ۔ ایکسن تھوو ٹیلی فونک ریسیور پتھر یتھ نہِ کانٛہہ ڈسٹرب کرِ۔ دوشوے بیٹھی تہٕ آرامہٕ سان کھیوکھ چوکھ۔

صبحس دژ ایہِ نینسی بریک فاسٹ کرنہٕ ورأے۔ ایکسن دِژنس گرٕ تام لِفٹ۔ تہٕ وعدٕ سپُد زِ نینسی کرِ ستوا ٹیچی کیٖسو باپتھ مصالہٕ حأصل۔

نینسی گرِ تژٕ اُوتھ آو ایکس واپس۔ تمی لاگِ نوِ سرٕ نایٹ ڈریس تہٕ شوٗنگ۔ تس روٗزنہٕ یہِ تہِ خبر زِ مسز ایکس کرآیہِ گرٕ۔

★★★

# X

مسز ایکسہِ أسنہٕ خبر زِ ایکسن چھےٚ نینسی ستۍ رٕلتھ کار بارچ نۆلأن شروع
گرمژ ۔ سو أس پننہِ جایہِ خوش زِ تمہِ اوس چیف صأب ٹینڈر پاس کرنو وُمت ۔
سو أس شامس ایکس منسٹرس ستۍ ڈِنر کھێنہِ گأمژ مگر ڈنر کھتی أس واپس
دژاہمژ ۔ ایکس منسٹرن بچأری کریوس سبٹھاہ—— زارٕ پارٕ تہٕ تہٕ آہ و زاری
تہِ ۔ تمۍ اوس اۆش تہٕ ترٛ وومت مگر مسز ایکسہِ اوسُس نہٕ کینٛہہ تہِ مونمت تکیا زِ
تس اوس آو ریار۔

'' ژیہِ چھےٚ نہٕ خبر، تمہِ اوس تس وۆنمُت ''۔ میہ چھُ ازز نانہٕ ماملہٕ۔

'' پنہٕ نِس دِلبرس ، بلایہ لگس ''، ایکس منسٹرن اوس اۆش ہاران
وۆنمُت ''۔ میہ چھےٚ وأنجِ پھٹنس آمژٕ ۔ میہ کۆر سورُے کینہٕ ژیٚے پیٹھ فدا۔
ووٕں متہِ دِتم دوکھ۔

'' اَوے کیاہ چھسے بۓ ژیہِ ایڈیٹ ونان، وۆن مسز ایکسہِ اسن کھنگالہِ
ترٛ أوتھ ژ چھکسنہٕ انسانہٕ سنٛز مجبۆری وچھان۔

ایکس منسٹرس أس خبر زِ ایڈیٹ کس چھِ انگریزۍ پأٹھۍ ونان۔ سُہ کرِ ہانہٕ
یہ ناوبیٚہِ کأنسہِ ہندِ أسہٕ پانس پیٹھ برداشت مگر عشقس کیاہ کرِ ! مسز ایکسہِ ہنٛزِ
زیٚوہ اوس تسۍ یہ تہِ ٹاٹھنیار باسان۔ سُہ اوس پزی پأٹھۍ تس پتھ مٔتۍ گومُت۔

ییٚلہِ تمۍ کأفی مُچلہٕ لوگ، مسز ایکسہِ کھۆت پزی شرارت۔ سوٗ ژھ ژکھِ
تہٕ حقارتہٕ سان أمِس۔ '' ژیٚہ چھُتہٕ زانہہ پٕنٕن بتھ شیشس منز وچھمُت ۔ میہ

چھ ژ ٚیہ کُن وچھنہٕ دروکھ یوان''۔

ایکس منسٹرس ژا یہٕ تھرٕتھرٕ۔ سُہ کھوٚژ زمسز ایکس گیہٕ ناراض۔ تٔمی بدلاو یکدم کتھ۔ ''اچھا، تیلہٕ ون میٚہ کرسمکھک؟''۔

مسز ایکس گیہٕ خوش زِ تیٚر لوٚگ نشانس پیٹھ۔ تمہٕ وول شرارت تہٕ اسۍنہٕ ہونجہٕ ووٚننس۔ ''ژٕ دِمیٚہ ونکبس گرٕشھنہٕ۔ بہٕ کرَے تیلہٕ پانے ٹیلیفون''۔

ایکس منسٹر گو خوش زِ یارانہٕ روٗد قائیم۔ سُہ دژ او مسز ایکسہٕ کارِ تام ستۍ تہٕ ییٚلہٕ مسز ایکس دژا یہٕ، تمہٕ پتہٕ کریوو ایکس منسٹرن تو ہندگرا کہٕ دوہٕ لٹہٕ ٹیلی فون یہ وچھنہٕ خاطرٕ زِ وارے وأ ژا مگر تتہٕ اوس ٹیلی فون زن خراب۔

اتہٕ نیرتھ گیہٕ مسز ایکس سیوڈُے کلب۔ تتہٕ اوس چیف صأب پراران۔ یتھُے لَس مسز ایکسہٕ پیٹھ نظر پییہٕ، سُہ گو خوش تہٕ تھوٚد وُتھتھ اتھہٕ واس کران ووٚننس۔ ''میٚہ دوٚپ سأری وعدٕ مادژ اے ایزی''۔

مسز ایکسہٕ ووٚنُس مستانہٕ اندازس منز۔ ''بہٕ چھسنہٕ وعدٕ پھٹراونہٕ باپتھ۔ بہٕ چھس مَاربلہٕ کھوتہٕ ڈٔرتہٕ سردمگر ژ ییہ وبگأ و تھس۔ ژ ییہ منز چھہٕ مردانہٕ کشش''

یہ بوٗزِتھ گو چیف صأب خوش۔ تٔمی اوس پأنس متلق یہ گوڈنچہٕ لٹہٕ بوزمُت حالانکہٕ مسز ایکسہٕ أس یہأے کتھ ازتام واریاہن ؤنی مژ۔ یمن منز ایکس منسٹر تہٕ شأمِل چھُ۔ پزٕ کتھ زن گیہٕ یہ زِ مسز ایکسہٕ أسۍ یہ کتھ صرف حأکم اعلا سندس فرزند مدنوارس ؤنی مژ۔ لَس وراۓ باقی تِمن سارنٕی مردن یم أمس ستۍ وابستہٕ سپدی مژ أسۍ۔

چیف صأبن اوس ٹنبڈر منظور کوٚرمُت۔ تہٕ مسز ایکس أس سوے

مہربأنی ہورنہٕ آمژ مگر راتھ کیتھ ییٚلہِ چیف صأب ووسہِ آو تمۍ ووٚن مسز ایکسہِ بیا کھ بسر۔ ''دوٚ پنس، یُس میٚہ مال سپلاے کرنک آڈر دیتے سُہ تھأوی زِ پانسۍ نشہِ ژوٚر۔ کینژِ کالی کرِ بہٕ تتھ ترمیم تہٕ نرخ بدلاوس ہنڈرڈ پرسنٹ نفع''۔

مسز ایکس اُس خوش گامژ۔ تس اُس گوڈے خبر زِ ایکس کرِ ادلہٕ بدل تہٕ موموٗلی مال سپلاے مگر ووٚنی ییٚلہِ بوٗزن زِ چیف صأب کرِ بییہِ اندٕ تہِ مہربانی، تس توٚگ بوزُن زِ نفع چھُ اُکس ساس۔

چیف صأب اوسنہٕ زبردس مرد۔ تمۍ کرنہٕ مسز ایکس تنگ۔ سُہ پوٚ کنہٕ تیوٗت تہِ یوٗت مسز ایکس پانے پکنہٕ باپتھ تیار اُس۔ مگر چیف صأبس اوس کتھ بکواس، سہُ اوس رأتی راتس کتھٕ کران تہٕ پننہِ مردانگی متلق تم تم ٹرونان یم نہٕ مسز ایکسہِ ستۍ پزی دزاے ـــــ مگر مسز ایکس اُس صبحس تھچمژ تہٕ وُینید رِنۍ اوسُس کلس گیوٗ ریوان۔

صبحس دزاو چیف صأب پننہِ کارِ منز تہٕ گووُنلہِ منز غأب۔ مسز ایکس دزایہِ پننہِ کرِ یم کلر کارِ منز تہٕ گییہِ گرِ۔

وقت آسہِ ہادہ ١٠ بجے ہیوٚہ زِ ایکسن گر مسز ایکس ہُشیارٕ یوس ڈرائینگ روٗمسی منز صوٗفس پٹھ دزاز پییمژ اُس۔ تمہِ اُس کمل کھورٕ شور ہیژ مژ تہٕ برونٹھ کنہِ اوسُن روٗم ہیٹر تھوومُت۔

ایکسن لوٚگ بڑ یک فاسٹ لوکٹس ٹیبلس پٹھ تہٕ سُہ اوٚنُن مسز ایکسہِ ہندِس صوٗفس نشہِ۔ پانس رٔژھ اُنن کرُسی تہٕ بیوٗٹھ تۍتھی پٹھ۔ امہِ پتہٕ کرِن ''ڈرالنگ'' تہٕ ''مائے لوٗ'' وٗنتھ مسز ایکس ہُشار ١

ایکس تہٕ مسز ایکس أسی قو درتکی تم زٕ بچہ یمن اکھ أکِس ستۍ یڈ ہُند واٹھ اوس اگر چہ دِلَن ہنُد اکھ رٕژھ تہِ میُل اوسُکھ نہٕ۔ تم أسی نہٕ اکھ أکِس نشہِ کانٛہہ کتھ تہِ سِر تھاوان۔ تِمن أس پئنۍ پزٕ بتھ کانٛہہ عمل شوٚ دتہٕ کرٕنۍ لایق باسان۔ مسز ایکسہِ أس خبر زِ أمی مأرگوٚ ڈٕنچ زنانہٕ مگر امہِ باوجوٗ داوسنہٕ تس یہ خوٗنی باسان تہٕ ایکسس أس خبر زِ موج موٚ یہ مسز ایکسہِ ہندی بہانہٕ مگر تہِ اوسُسنہٕ اکھ رٕژھ تہِ غأر فطری باسان۔ تم أسی زنتہٕ اکھ أکِس نزدیک ینہٕ باپتھ باقی سارنٕی زوٗزٕ أژن وتہٕ ٹھٕربن ہندی پأٹھی نٛہناوان تہٕ مقصدِ حیات کیاہ اوسُکھ ——— ؟ یہِ سوال چھُ عجیب ! مسز ایکسہٕ متلِق چھَ اسہِ یژٕ ہن مولوٗم زِ سو أس وِہلایت گأمتِس مدنوارس پراران تہٕ تہزی برأژ سوٗرے کینٛہہ کران۔ ایکسس متلِق سپُد نہٕ کینٛہ مولوٗم۔ ممکن چھُ بروٗنٛہہ کُن سپدِ۔

یتھے مسز ایکسہِ أچھ مژٕ راوِتمہِ وُچھ ایکس بروٗنٹھ کنہِ۔ سو گیہِ خوش زنتہٕ خبر کمہِ وأناکھ وتہِ پکِتھ نِو سرٕ گرٕ وأژ مژٕ أس۔ تمہِ تژٕ أوا ایکسس کُن شُکر گذارتہٕ مطمین أچھو نظر۔

ایکس ووٚتھُس: "نیوٗ ڈایمنشن ٹو اور بزی نبس"۔

مسز ایکسہِ زون زِ یہِ چھُ ٹینڈرن متلِق ونان۔ سو وٕژھس۔ "ٹینڈرس ایکسپٹِڈ"۔ "شیٹ" ایکسن ووٚنُس۔ "بلیک گولڈ..........."

مسز ایکسہِ ژٕج شادِ ہنز کربکھ نیٖرِ تھ۔ سو ژٕھ تھوٚ دتہٕ ایکس روٚٹن نالہِ متہِ تہٕ ستۍ ووٚ ننس "مائے ڈارلِنگ بائے۔ ڈارلِنگ بائے۔"

امہِ پتہٕ ووٚن ایکسن تہِ سوٗرے یہِ تمی نینسی ستۍ مقرر کوٚرمُت اوس۔ تس

اُس پتاہ تہٕ مسز ایکسہِ تہِ اُس خبر زِ اگریم چرس سمگل کرنس منز کامیاب سپدی تیٚلہِ چھِ دولت ـــــ دولت تہٕ دولت۔

مسز ایکسہِ تہِ کوٚرتہِ سوٗرے بیان یہ چیف صأبس ستۍ مقرر سپدٕ مُت اوس۔ آڈر اوس مشالے ژُ زنگلہن مگر اُکہِ زَنگی تہِ وسہٕ ہن نکھ۔ امہِ علاوٕ اوس بازرٕ نبرخہ کھوتہٕ ساس گنہٕ ابو حأصل سپدنک تہِ وعدٕ۔

سوٗرے اوس رُت مگر مسز ایکسہِ اُس اکھ بٔڈ بارٕ غلطی کٔرمٕژ۔ چیف صأبس نشہِ کلب گژھنہٕ وِز اوسُن نہٕ ٹیپ رِکارڈر ستۍ نیوٚمُت۔ یہ اوس نوٚوٗے نوٚوٗے جل تہٕ پھسہِ ہا گوڈنکی والہِ واشہِ۔ ووٚنی پیٚیہِ سُہ نِوسرٕ تھس کأٹھس کھأرِتھ بند کرُن تہٕ ہُپأری آسہِ روزی، گڈی، لولی تہٕ ڈیزی بیترٕ آورِ۔

اگرچہِ امہِ ظوٚنہٕ ستۍ ایکسس بریک فاسٹک مزٕ ہنا رووتہٕ یہ ثابت سپدُس زِ زنانہ چھِ بیقلأ زی ہندس حدس تام جذبأتی آسان مگر تمی دیُت نہٕ اتھ مسلس پتھ زیادٕ زور تکیازِ سُہ اوسنہٕ نوٚووٚنہِ مسز ایکسہِ ہندِ روشنہٕ تہِ ناراض گژھنہٕ ستۍ بے مزٕ یژھان کرُن۔

مسز ایکسہِ تہِ گوٚپننہِ جایہِ افسوٗس زِ لوٚگمُت بازژوٗل اتھ منزٕ۔ تس پیٚیہِ تم سأری ٹوٹکہ یاد ییم چیف صأبن رأتی راتس تس وٗنی متۍ اُس۔ تس اوس ووٚنی تران فکرٕ زِ چیف صأب گژھِ ہاألفہٕ پتھ بیٚہس تام ٹیلس منز بند ووٚنی کیاہ اندٕ ہا!

ووٚنی گوٚ بیٚیہِ گنہِ دوٚہس پرارُن۔ مسز ایکسہِ تژٲ ونرمی تہٕ ماملہٕ گور فع دفع۔

بریک فاسٹ کٔرتھ اُسی دوشوٚے نیندرٕ ریژھان کرٕنی۔ ییم ژاے ببڈ روٗمس منز تہٕ تروٗ کھ آرام۔ ★★★

# XI

میوٗزک سینٹر اوس شہرٕکس تتھ حصس منز یتہِ لوکچن لوکچن لڑٕ بن صرف میٖژ ہ تہٕ لڑٕ ہ پھٔ ۔ اتہِ چھُ أکس أکس لرِ منز اکھ اکھ محلہٕ بسان تہٕ ساٗری واتن اکھأکس پترٕ ری ۔ پترٕ بن چھُ اکھأ کر سُند عداوت تہٕ ازروٗن ۔ تہٕ یہ عداوت تہٕ ازروٗنے چھُ دراصل یمن پانہٕ وأنی رشتہٕ ، اتھ چھُ مذہب تہٕ عقیدٕکس ناوس پیٹھ اکھ عداوت ، سماٗجی رشتن تہٕ اقتصاٗدی لین دینن پیٹھ عداوت ، اتہِ چھُ پرٕ بتھ اکھ الگ الگ دنیاہ ۔ کانٛہہ نہٕ کانٛسہِ ستۍ رلان ۔ سارنِی أندری أندری گُٹھ تہٕ گنڈ ،سر تہٕ راز ۔ کانٛہہ نہٕ کانٛسہِ ستۍ کھُلہِ دِلہٕ اسان یا وژھوأنجہِ ودان ۔ ساٗری اکھأکس ژوٗرٕ نظرِ تہٕ بدماش نظرِ وچھان مگر ساٗری اکھأکس ستۍ صوٗرتہٕ تہٕ سیرٕ تہٕ رلان ۔

شہرٕکس اتھ حصس منز چھَ اتہِ کنٛہ بسکینن صرف ہیرٕمس طبقس کُن نظر یُس نوٕ بن کالونی ین منز روزان چھُ ۔ جمہوریت ، سیکولرزم ، روپیہ ، کارٕ عاٗش تہٕ عشرت چھُ سورُے کینٛہہ تمنی کالونی ین منز تہٕ یم بچاٗری چھِ بٔنٛہِ مس طبقس منز زنتہٕ عداوتہٕ کس جہنمس منز ار مانن ہندِ نارٕ دزان ۔ یمن سارنِی ہنٛزٕ کوشش چھَ امہِ نارٕ منزٕ موکل حاٗصل کرتھ جمہوریتٕکس طبقس کھسُن یُتھ یم تہِ کُنہِ دوٕہس غمہٕ تہٕ تفریقہٕ ورأے زندٕ روزٕ ہن ۔

جمہوریتٕکس ورگس کھسنہٕ باپتھ آسہٕ کینٛہہ کتھہٕ ضروری ۔ اکھ اوس عقیدن منز نرمی کرنٕی ۔ دوٛیُم اوس ناٗلی ہندی پلو بدلاونٕی ۔ترٛیُم اوس پننٕ

تہذیب کلچر تہٕ زبان مشراوٕنۍ تہٕ ژۄ ریُم اوس ناون منز تِژھہ تبدیلی کرٕنۍ یُتھنہٕ ناوٕ ستۍ مذہب تہٕ عقیدُک کانٛہہ نبر گژھہٕ ہا۔۔۔ شہرکہِ امہٕ حصکۍ لۄک أسۍ یِم سأری چیز کرنہٕ خأطرٕ تیار۔ تِم أسۍ پأنس فاقہٕ دِتھ شُرٮ۪ن انگریزی تألیم دِوان تِم أسۍ گرن منز شُرٮ۪ن کیٛو زنانن ستۍ پأرِ پأٹھۍ کتھ کران تہٕ تِموٚ أسۍ کورٮ۪ن ناوٕ کٔری مِتۍ روزی، لولی، ڈیزی، بیوٹی، پنکی بیتر ۔۔۔ ووں گو پأنس تہٕ پنٕنٮ۪ن آشنٮ۪ن أسۍ نہٕ کانٛہہ تبدیلی کٔرتھ ہیٚکان۔

شہرکس أتھۍ حصس منز کھۄل أکۍ میوٗزک ٹیچرَن اکھ سنگیت سینٹر تہٕ اتھ سنگیت سینٹرس منز آیہِ اَتہِ چہِ لوکچہِ لوکچہِ کورِ پأنس منز سُہ نوٚ وگون پأدٕ کرنہِ یُس تِمن ہیرِمس طبقس منز مقبول کرِ ہا۔ مأژِ ماجہِ آسہٕ وژھہِ وأنجہِ کورٮ۪ن گڈٕنٮ۪ن ہندی پأٹھۍ سجأوِت اور سوزان تہٕ اورٕ یتھ ییٚلہِ کورِ گرس منز بدل تالہِ منز کتھٕ اسہِ کران مول موج اوس خوش گژھان زِ گڈی بنیہِ میم صأب۔

یہ میوٗزک سینٹر چلاونہٕ باپتھ گٔژھۍ پوٗنسہٕ آسٕنۍ تہٕ تِم کتہٕ بنہٕ ہٮ۪ن؟۔ امہِ حِصہِ کٮ۪ن بسکینن اگر تیتۍ دیار آسہٕن تیٚلہِ انہٕ ہن شُرٮ۪ن کھ ڈربانہٕ یا کھیاوہنکھ رُت کھٮ۪ن چن یا لاگہنکھ گرس منز ٹیوٗٹر۔۔۔ ہتھ ساس چیز أسۍ یِموِ باپتھ یہندی شُری پریشان أسۍ تہٕ میوٗزک سینٹر چلاوٕنۍ أسنہٕ یِمن سامرتھٕ۔

مگر ہیٚرِ مہ طبقُک ایکس صأب اوس فنک تہٕ فنکارن ہُند دِلدادٕ۔ سُہ آواکہِ دوہہ پننہِ کارٕ منز تہٕ کھوٚت سیٚو ڈُے میوٗزک سینٹر۔ تِمۍ وُچھ اتہِ اکھ بڈٕ ووستاد ہارموٗنیم گھنڈ ہیٚتھ زنتہٕ باکہٕ ژھٹان تہٕ تس بروٚنٹھٕ کنہِ لوکچہِ لوکچہِ کورِ مٔزی مٔزی چکہٕ دِوان زنتہٕ پرٛسیر پرَان۔

یۄیمہِ ساتہٕ ایکس اورژا وۄستاد گوتھوٚ دؤ تھتھ۔ تمۍ دیُت کوربن تہِ تھوٚ د وۄ تھنگ حکم تہٕ کورِ وۄژہِ شُری پأٹھی کھنگرِ ماران تھوٚ د، ایکس صأبن بوٚ ز وۄستاد سنٛد سورُے بدادتہٕ امی ساتہٕ ہیوٚتُن امہِ سینٹرک سرپرست بٔنُن ذمہٕ۔ امہِ اوراوس ایکس امہِ سینٹرکی بیشتر مألی مشکلات حل کران تہٕ منزی منزی اتہٕ چن کوربن گرِ تام واتناوان۔ اَتی آسہٕ ایکسن ڈیزی، گڈی، روزی وبیٚترٕ ''کٹرِ لبہٕ مژتہٕ تم آسن اکہِ اکہِ سِوی کرِمژ۔ تہندی مألی ماجہ آسہٕ عداوتی ہمساین تہٕ ازروٗنی لدپترٕبن قسم ہأوی ہأوی ونان۔۔۔۔ ''یہ چھ ڈیزی کورِ ہندی پأٹھی رچھان، دپان اُمس چھنہٕ پانس شُرمُرکانٛہہ'' ''یا'' گڈی یوٚ تام نہٕ یہٕ ہفتس منز اَکس راتس پٹن گرِ نیہِ اُمس چھنہٕ ارامٕ یوان۔ اصلی نابچور پوترٕ بوٚ چھ۔''

تہٕ ازشامس اُس پیرنٹس میٹنگ۔ تم سأری باعزت شہردار اُسی زٲٹھی مُنلی لأگی لأگی تہٕ ببن منز کانگرِ ہتھ آمتۍ۔ یہنٛزٕ کورِ اتھ سینٹرس منز میوٗزک ہیچھان آسہٕ۔ وۄستادن اوس اُزی کہِ ساتہٕ باپتھ اکھ خاص راگ گیوٚنُک اہتمام کوٚرمُت۔ کوربو اوس سینٹرس ہیرِ بونہٕ ڈومُت۔

شامس رُکییہِ کرٛہنی کار سینٹرس نبرٕ کنہِ تہِ امہِ منزٕ دژا وایکس۔ تس اُس نینسی تہٕ ستۍ ایکس اوس وۄستادن تہٕ بایزت شہردارٕ وبروٗنہہ تہِ وار یاہ لٹہِ وچھمُت مگر نینسی اُسکھنہٕ ازتام زانٛہی وچھمژ۔

سوٲس مس ژٕٹھ ووڈنی، سُویڈ اوسُس کھوورِ نرِ پیٹھ تہٕ سویٹرس تلہٕ آسس بجہِ بہہٕ شوٗبان۔ تس اوس زنگن سلیکس لأگتھ تہٕ تہندِ سینٹرس منز اژنہٕ

زنتہٕ ہنگہٕ منگہٕ بجلی ووٚلٹیج ہُر یوو ـــــ سینٹرُک کمرٕ شولیوو۔

ایکس بیوٚٹھ کُرسی پٹھ ۔ نینسی تہٕ پٹھ کُرسی پٹھ ۔ باقی اُسی سأری پُتھرس پٹھ بہتھ ۔ یتھ ٹاٹھس پٹھ سفید کپُر وَہرتھ اوس ۔ کمرس منزٕ اُس سخ ٕتر تکیاِ زِاتہِ اُسہٕ بُخاری بیترِ کینہہ۔

میٹنگ شروع گژھنہ برونٛہہ کوٚر ووستادن اکھ خاص راگ سیتارس پٹھ پیش یُس سُہ یتھن خاص موقن پٹھ ''زانن والین ہندِ باپتھ'' ہمیشہ پیش کران اوس۔ ڈیزیٖ اُس طبلہٕ رٔٹتھ ووستادس سنگ دِوان تہٕ ڈیزیٖ ہند مول اوس ایکس تہٕ نینسیٖ کُن اُچھ پھرِی پھرِی وِچھان زِ تمہ چھا ڈیزی ہندِ ستہٕ اِمپربس گژھان کنہٕ نہ۔

مردنہنز اسہٕ زیادٕ تر نظر نینسیٖ کُن ووتھان ـــــ سو اُس اکھ زنگ بیٚپس زٔ نگہِ پٹھ تھأوتھ کرسی پٹھ تمہِ طریقہ بہتھ زِتس اُسی ٹایٹ سلیکسہٕ مُنزی مندلُن ہُند مو چرِ تہِ یمن ہندی سأری سُنٛز ووگنٛز نیران۔ نینسی اُس مندلوتلہٕ ترٛوٚرِش گُرہش باسان لیس پرٛبتھ ساتہٕ کن کھڑا چھِ آسان تہٕ یوس پرٛ بتھ گُری سٕنز ہنہِ جواب دِنس تیار آسان چھِ ـــــ بٔنٛز مہِ طبقہ کین لوٚکن ہندِس اتھ جمکٔتِس منزٕ اُس نینسی زنتہٕ اسمانہٕ وژھمژ یا پاتالہٕ کھژمژ خبر کوس ماژ زاتھ۔ یہٕ اُس تتھ تھزرس پٹھ یوٚت واتن ووٚنی سارنیٖ کوربن ہندِ باپتھ ضروری اوس مگر واتنہٕ خأطرٕ سامانہٕ موہیا اُسکھ نہٕ۔ اتہِ سٔمیمتِ سأری بایزت شہر دار اُسی نینسی کُن وُچھتھ کینژھا کریمان کڈان تہٕ کینژھا رشکہٕ دزان زِ بنیا سانہٕ کورِ تہِ واتن اتھ مقامس!۔

ووستاد موکلیو راگ پیش کرتھ۔ سارِوی کوٚر ژرِ پوٚپ۔ امہِ پتہٕ کری ووستادن ایکسس تأریف زِ سُہ چھُ تہذیب تہٕ کلچرُک دلداد۔ سُہ چھُ نہ صرف پوٚنسہ رٔنگی سنٹرس مدد کران بلکہِ چھُ پٔنن قیمتی وقت تہِ امہِ باپتھ راوِ ران۔ تکیازِ تس چھُ ژُک زِ مللکُک یہ عظیم میراث گوٚژھ رٔچھی کرتھ روزُن۔ ووستاد سندی کنی اوس ایکس لچھ منز اکھا تیمی سُند اسہِ پزی کنی مشکور پزِ روزُن۔ ووستاد ییلہِ یہِ ؤنتھ موکلیو سارِوی کری بیہِ ژر پِپی۔ امہِ پتہٕ کوٚر ایکسن تقریر شروٗع۔

''میہ اَس ہمیشہ ساز سنگیتس سٔتی دلچسپی۔ توہہِ چھُ پتاہ زِ میہ کتھٕ کٔنی کر کوشش یہ سنٹر قایم تھاوِنچ''۔ سارِوی کوٚر ژرِ پوٚپ۔ ووستاد اوس تمہِ طریقہٕ داد دِوان زنتہٕ ایکس تقریر اوسنہٕ کران بلکہِ کُستام تھٔذ تہٕ مشکل راگ مُد رِہٹہِ اوس پیش کران۔

ایکس اوس ونان۔ ''مگر یہِ اَسنہٕ کأنسہِ پیٹھ منت۔ سون کلچر چھُ سبٹھاہ پرٛ ون تہٕ اسہِ چھِ وِزِ وِزِ تھدِ پأیکی موٗسیقار پأدِ گری متیٕ۔ خطرٕ اوس زِ یتھ دورس منز گوٚژھنہٕ سون کلچر ختم سپدُن۔ مگر یہِ چھُ سأنی خوش قسمتی زِ اسہِ منز چھِ وُنہِ تہِ ووستادس ہی موٗسیقار موٗجوٗد''۔ اَتھ پیٹھ سپُد بیہِ ژرِ پوٚپ۔ ووستادن ژھُن کلہٕ بوٚن کُن تہٕ وِٹھن پیٹھ پھٲلیوس موٗ دُر ائسُن۔ سُہ اوس تٔلی ٹارِ لوٗکن کُن نظرٕ دِوان زِ چھوٗ بوزان بہٕ کیاہ چھُس ؟!

ایکس اوس ونان۔ ''بہرحال از چھِ میہ شأدی زِ مس نینسی آیہ یتھ سنٹرس پیٹھ۔'' نینسی تٕرأ و دِلبر آیہِ اسنہِ ہناتہٕ لوٗکو کوٚر بیہِ ژرِ پوٚپ۔ ایکس

اوس ونان'' اُمِس چھ مؤسیقی سٟتۍ تِژھ دلچسپی یِژھ کأنسہِ خودا دوستس عبادتس سٟتۍ آسان چھےٚ۔

ژرِپوٚپ گنیوو۔

'' میہ چھےٚ سانہِ یِیمہِ سینٹر باپتھ ئو اکھ سکیم بنأومژ یوس ووٚنۍ بہٕ توہہِ برونٹھ کنہِ پیش کرِ۔'' یہِ ووٚن ایکسن تہٕ سأری ہیٚتھۍ ہوشہ گوشہ سان بوزنہِ۔

'' مِس نینسی چھےٚ ایسٹرن پورٹ کِس علاقس منز سانہِ سینٹر کہِ طرفہ کینہہ پروگرام پیش کرنُک انتظام کوٚرمُت ۔ تہٕ اور سانہِ سینٹرک ٹروپ سوزنُک سورُے خرچ پانہٕ برداش کرنُک انتظام کوٚرمُت ۔ اسہِ چھُ ووٚنۍ جلدی ووستادسنزِ رہنمأیی منزٕ مِس نینسی سٟتۍ ستن کوربن ہُند اکھ ٹروپ ایسٹرن پورٹ سوزُن ۔ یہِ ٹروپ کرِ اتہِ پنہٕ فنُک مظاہرٕ ۔ اسہِ چھےٚ وومید زِ سون ٹروپ روزِ اتھ دورس منز کامیاب۔''

زبردست ژرِپوٚپ سپُد تہٕ سارِوی کھوتہٕ بڈٕ تہٕ سارِوی کھوتہٕ زیادٕ کالس کوٚر ووستادن ژرِپوٚپ۔

یہِ اُس ئو کتھ ۔ یہِ اُسہِ کأنسہِ وہمہٕ گُمانس منز۔ ووستادس تہٕ ستن کوربن اوس مُفتی ایسٹرن پورٹ گژھُن ! مگر کوس کوس کوٚرِ گژھِ؟ اتہِ آسہٕ ارداہ کورِ۔ ارداہن کوربن ہندی بایِ تہٕ ماٗلۍ لگۍ الگۍ الگۍ سونچنہٕ زِ اما میانہِ کورِ تہٕ رٔنہٕ ___ ؟ تمہٕ اُسۍ اندری اندری پنہٕ نٮ۪ن کوربن میزانس کھاران زِ مِس نینسی کریا اُمِس پسند رٔنہٕ نہٕ ___ کیٚژن باسیہٕ پنہٕ کورِ مُڈٕ تہٕ کھوتُک اندری تہٕند شرارت ۔ کیٚژن باسیہٕ پنہٕ کورِ زرد تہٕ مأکہٕ تہٕ ہیٚتھۍ پانسۍ سٟتۍ تمن تہٕ تہنزٕ ن

ماجن وۄہونہٕ۔ کینٛژن اَس پوٚر راے زِ تہنزن کورن کرن پسند تکیاز تمن اوس وۄستادس ستۍ لحاظ تہٕ۔ ڈیزی ہُند مول اوس خوش تکیاز یٚیمہٕ دۄہہ اعلان سپُد امی دۄہہ اوس تہنزِ کورِ وۄستادس طبلس پیٹھ سنگ دیٚمت۔

"وۄستاد دیہٕ اسہِ کورن ہُند لسٹ"۔ ایکس اوس ونان۔ "تہٕ مِس نینسی کرِ پانے ستھ کورِ پسند یمن سوا ایسٹرن پورٹ بنہٕ باپتھ انتظام کرِ۔"

لسٹ اوس تیار۔ وۄستادن کوٚر پیش۔ نینسی روٚٹ تہٕ تھووُن چندس۔ تمہٕ ونہٕ اسن گژھن منز صرف یِم کینٛہ کتھ "بٕ نمہٕ یہٕ لسٹ پانس ستۍ تہٕ پگاہ سوزٕ وۄستادس تم ناو یِم بٕ اسہِ منز ژٔ ارکھ۔ کورن چھُنہٕ کینٛہہ ستۍ پکناوُن۔ تمن یِیہٕ اکھ اکھ اٹیچی کیس دِنہٕ یتھ منز تمن پلو پوشاک بیترِ آسہِ۔ اسہِ علاوٕ آسکھ تیل فلی کہٕ تہٕ صابن تہٕ۔ وۄستادس پیٚیہٕ پننہِ ضرورتک سٕہ سوٗرے سامانہٕ ستۍ پکناوُن یُس موٗسیقی ہندن مختلف پروگرامن منز بکار لگہِ۔"

سارٕوی کوٚر زبردست ژرپوٚپ۔ بایزتھ شہر دارن کرِ نینسی ہنز کتھ خوش۔ سوٕ اَس کتھ کران کران تہٕ اسان اسان مُنزی ایکس گُن وُچھان زِ تگان چھُمہٕ وُنن ___ سوٕ اَس کتھ کران بلکل میٚمہٕ ہندی پاٹھی ___ تتھے کنٛز یتھ کنٛز بایزت شہر دار پنہٕ نِن کورن ہندِ ہٹہِ کتھ بوزنک تمناہ کران اَسی تکیاز یہوے ہوٚٹ، یہوے تلفظ تہٕ یہوے انداز اوس ہیٚر مس طبقس منز واتناوُکھ یقینی ذریعہٕ۔

اسہِ پتہٕ گیہ میٹنگ ختم۔ سنٹر کہِ طرفہٕ اوس چایہٕ پیالک انتظام آمت کرنہٕ یٚیمہٕ باپتھ بایزت شہر دار و برونٹھی چندٕ جماہ اوس کوٚر مت۔ ایکسن تہٕ

نینسی چۆ واکھ اکھ چایہِ پیالہٕ تہٕ دژاے۔

بوٚنہٕ کنہِ ییٚلہِ موٹر سٹارٹ گرٕ ھنٛچ تہٕ پتہٕ سُہ نیرنٛچ آواز گیہ، بایزت شہر دار گیہِ سأری ووستادس أندی أندی جماہ تہٕ ہیوٚتہس الگٕی الگٕی پرٛ ژھُن زِ اتھ لِسٹس منز اوسہٕ سانبن کوربن ہُند ناو کِنہٕ نہ۔ تِمو ہیوٚت أمِس کھٔنی کھٔنی کڈُن زِ أہنز رایہِ تل کوس کوس کوٚر ییہ ژارنہٕ۔ سارنٕی أس أندری أندری راے زِ میأنْی نتہٕ میأنی کوٚر سپدِ پسند۔ مگر ووستادن وٗنی پز کتھ۔ دوٚ پنکھ ''یمن ماچھَ پأنس خبر کس کورِ کوتاہ تگان چھُ۔ یہِ چھَ پٕنٛج کتھ۔ سہل کتھاہ چھنہٕ۔ مہِ ورأے ہیکن نہٕ یم کہنٛہی فأصلہٕ کٔرتھ۔ تہٕ ییٚلہِ مہِ پرٛ ژھن بہٕ ونہٕ پانٔے۔''

یہِ وٗنتھ کوٚرُن وٹھٕ کُھجار ییہ ہاونہٕ باپتھ زِ میہِ ہِوس ووستادس ورأے اندِ نہٕ ییتھ دنیاہس منز کہنٛہی کأم۔

امہِ پتہٕ وٗتھی شہر دار اکہِ اکہِ۔ گوڈٕ وٗتھی تِم یمن نہٕ پننہٕ نمن کوربن مُتلق کانٛہہ رُت ظوناہ اوس۔ اتھ منز اوس گڈی ہُند مول تہِ۔ تِمی أس کوٚر پترٕ ی حسدے اور سوٗزہرٕ۔ نتہٕ أسس نہٕ پأنس دلچسپی کانٛہہ مگر از اوس أندری مرٕثھِ ماز کھوٗان زِ شوٗھُن کونہٕ ہاویہِ اندٕ پنٛھے دلچسپی۔ مگر یہِ کس أس خبر زِ میوٗزُک سنٹر کرِ پیرٛ ترقی___؟ یہ کس أس پتاہ زِ شہرُک اکھ گرٕ یوٚ نڈاہ اکھ لگہِ اتھ بلایہِ___؟

سارٕوی پوٚتُس وۆتھ ووستادس ستٕی ڈیزی ہُند مول۔ تس اوس یقین زِ ڈیزی سپدِ ضرور قبوٗل تکیا زاکھ اوس تمہِ از ووستادس سنگ دیتٕمت تہٕ بیٚیہِ اوس تس ایکس ''پٕنٕنی کوٚرز أنتھ'' مُنز ی مُنزی پٔنن گرٕ نوِ ان۔ ★★★

# XII

پگاہ اُسی یِم ساری آوٕرٕ۔ مسز ایکسہٕ اوس چیف صأبُن دفتر گژھُن تہٕ تمہِ علاوٕ تِمن دفترن منزٕ یمن گوڑے مال اوس سپلاے کرنہٕ آمُت۔ نینسی اوس چرس موٚہیا کرٕن والین سمکھُن تہٕ تمہِ پتہٕ ایرپورٹ افسرس، ایکسایز صحبس تہٕ ایس پی صأبس۔ ایکسس اوس کورٕہن ہُند لسٹ ووستادس سوزُن، تمہِ پتہٕ کورٕہن ہندِ باپتھ پلَو۔ اٹیچی کیس تہٕ باقی سامانہٕ انُن۔ پرٕنسس اوس نینسی کالہٕ کالے ٹیلی فونس پیٹھ ووٚنمُت زِ میہ علاوٕ گرٕ زِ اُٹھن نفرن ہنزِ پارٹی ہُند انتظام۔

صُبحس دزٕ ایہِ مسز ایکس پننہِ کرٕ یم کلرکار منز۔ نینسی نیہِ ایکس سنز کرٕہنز ایمبسڈر تہٕ ایکسن گٔر دوہس پیٹھ ٹیکسی بُک۔ نیرنہٕ برونٛہہ آو فأصلہٕ کرنہٕ ز شامس ییہِ پارٹی دِنہٕ یتھ منز نومن شموٗلیتچ دعوت ییہِ دِنہٕ۔ چیف صاب، ایس پی صأب، ایکس منسٹر صأب، ایرپورٹ افسر، ڈایریکٹر، سیکرٹری تہٕ ڈپٹی صأب۔ امہِ علاوٕ آسہِ آرگنایزیسنٛک اکھ بلاک صدر۔ بوزوہے نینسی تہٕ مسز ایکسہِ اُس باقی کامو علاوٕ یمی نفرن شامہٕ چہ پارٹی ہُند وٕنن بٔڈ کأم۔

ایکسن یُس لِسٹ کورٕہن ہُند منظور کوٚر تتھ منز اُس ڈیزیٖ، گڈیٖ، لوٗلیٖ۔ ڈالیٖ، بیوٗٹی تہٕ پنکیٖ۔ یمہٕ آسہٕ اُمس سارےیے وٕنہٕ تہٕ یمہٕ آسہٕ اُمی مختلف وقتو کامہِ لأجمٕژ۔ ایکس دزٕ اوسیوٗ ڈے تہٕ گو ووستادُسند گرٕ۔ تس

ہوُ ون لِسٹ تہٕ سُہ سٟتۍ ہیتھ سۆ مبرا وٕہن کورِ۔ تمہٕ ژٕین مختلف دُکانن پیٹھ تہٕ پننہِ پننہِ سایزٕ ہیٚتۍ نکھ پلوٗ مٟلی۔ امہِ پتہٕ ہیٚتنۍ اٹیچی کیس أٹھ، یموٗ منزٕ اکھ کوٗ رُن ووستادَس حوالہٕ تہٕ دۆ پِنس اتھ منز پکناوی زِ پنٕنۍ پلو بیٛترِ۔ باقی اٹیچی کیس تھاوُن پنٕنی کارِ منز تہٕ یمہِ سارے سوارِ اکہِ اکہِ پننہِ پننہِ جایہِ تۄ آوتھ آو پُنن گر۔

اتھ سارسۍ کامہِ اوس أمِس پوٗرٕ دوٕہ لوٚگمُت۔ ووٚنۍ اوس دِگر وَقت۔ سُہ دژاونوٕ سرِ واپس تہٕ گو ہوٹلس پیٹھ۔ اتہٕ اوٚنُن شامہٕ چہِ پارٹی باپتھ کھین ڈبل ژوچہِ، روسٹ کوکر تہٕ رٟنتھ ماز امہِ علاوٕ أنن ہیٚچ پھوٗل گوٗبی۔ چنہٕ خاطرٕ أس گرِ المارٕی برٕتھِ لہذا اپیوس نہٕ بارس منز کینٛہہ گژھُن۔ یم سأری چیز گرِ تۄ آوتھ لأگِن پھوٗل گوٗبی ژٕٹتھ پریشر کُکرس منز تہٕ گیس سٹووس پیٹھ موموٗلی پرِ بشر دِتھ وولُن یہِ پتھر۔

امہِ پتہٕ لوٗگُن ڈرائینگ روٗمس منز کارڈ ٹیبل تہٕ اتھ پیٹھ تھاوِن تاس تہٕ کونٹر سجأوِتھ۔ المارِ منز کوٚڈُن ''سی'' خانہٕ منزٕ اکھ کیسیٹ تہٕ سُہ لوٗگُن ٹیپ پلیرس۔ اتھ پیٹھ أس بیگم اخترِ ہنزٕ آوازِ منز جگر مرادآبادی سٟنز اردوٗ غزل____ یہِ کوٗرُن آن۔

شامہٕ چہِ ساڑ شبہ ہشہِ آسہٕ تہٕ مسز ایکس آیہٕ۔ أمس اوس چیف صأب سٟتۍ۔ امہِ پتہٕ آو ایس پی صأب پننہِ جیپہِ کیٛتھ۔ منٹ پنداہ مرِ پتہٕ آو سکیٛٹری تہٕ ڈایریکٹر أکسی کارِ منز۔ ڈپٹی چیف تہِ آو سرکأری لینڈ روورَ جیپہِ منز۔ بلاک صدر آو ٹیکسی منز۔ سارِوی پوٚتُس وأتۍ ایکسایز صحب، ایرپورٹ

افسرتہٕ نینسی۔ نینسی اُسۍ یمن دوٚنۍ ایکس سنٛزِ کرٛہنہٕ کارِ منز لفٹ دِژمژ۔

ڈرائینگ روٗمہٕ کِس اَکِس اندس کُن اُسۍ زٕ ٹھس ٹیبلس پیٹھ گلاسہٕ سجاوِتھ تہٕ بیئہٕ اُسۍ ویٹ سِکس ناین بوتلن ٹھانہٕ کھوٗلتھ۔ دون جگن منز اوس آب تہٕ امہِ علاوٕ اسہِ پٔتھرِ کنہِ واریاہ کھٹہٕ بوتلہٕ۔ یمہِ ساتہٕ منز ایکس تہٕ چیف صأب اورژاے ایکس اوس صوٗفس پیٹھ بہتھ گلاسہِ اَتھس کیتھ ہتھ سِپ کران۔ ڈیمہِ کمرٕ منز اُس بیگم اخترِ ہنز میٹھ تہٕ مُدر آواز یِوان۔

ایکس گوتھوٗ دوٗتھتھ تہٕ چیف صأبس ستۍ کوٚرُن تپاکہ سان اتھ واس۔ یم اُسۍ ووٚدنی ووٚدنی خأر پاٹھ کران زِ منز ایکسہِ بُرۍ زٕ گلاسہٕ۔ اکھ پلنوٗن چیف صأبس تہٕ بیاکھ روٗٹُن پانس۔ امہِ پتہٕ ووٚنُن ''چیئرس'' تہٕ گلاسن پانہٕ وأنۍ ٹھوٗنکر دِتھ چووٕتر یشوی اکھ اکھ سِپ۔ باقی تہٕ گیہِ یِوان تہٕ یتھے گئی شأمل سپدان۔ نینسی ییٚلہِ آیہِ زنتہٕ آوطوٗفان۔ تمہِ اوس ایرپورٹ افسرس تہٕ ایکسایز صٔحبس ستۍ اورٕے کم جاےٚ چوٗمُت تہٕ اور وأتتھ اُس سوسونتہِ گٔژھہٕ ہندی پأٹھی بولان۔

سأری بیٹھی کارڈ ٹیبلس أندی أندی تہٕ فلاش گِندُن گو شروع۔ منز ایکسہِ اُس نہٕ تاسس ستۍ دلچسپی۔ پژھی اُسۍ گندان تہٕ سوٗ اُس تمن ہندِ باپتھ گرا کملہِ اَنان، گرا روٗم ہیٹر چلاوان تہٕ گرا ٹیپ پلیرس کیسٹ بدلاوان۔ سو اُس وزِ وزِ کچنس منز گژھان تہٕ اورٕ کھینہٕ چیز انان۔

چیف صأب اوس یژھان زِ منز ایکس گژھہ تس نشہٕ بہنۍ۔ تمۍ ووٚن اکہِ لٹہِ تس کُن۔ '' اسہِ چھُ افسوٗس زِ توہہِ چھُ سانہِ موکھہ یوٗت تکلیف سپدوان

کرُن۔'' ڈپٹی چیف وۆ تھ ''مسز ایکس از گرٔیٹ۔''

ایس پی صأبن وۆن ''اگریڈ۔۔۔ مسز ایکس دی گریٹ۔''

چیف صأب وۆتھ: ''مگرتوہہ کیازِ چھو اُن سٔروئنٹ اکھ تھوومُت۔''

مسز ایکسہِ وۆن۔'' I have gossip، سٔروئنٹ سٕنز کأم کیاہ چھےٚ آسان؟ یێتہِ نیرِتھ گرٕگرٕزبو وایِنۍ۔ سُہ چھُ سأری سروتہِ پٮ۪ٹھ ترٛاوان تہٕ پٮ۪ٹھٕ یتھ بیک وٕرڈ سوسایٹی منز۔You can understand۔''

''کربکٹ'' ایرپورٹ افسرن وۆن۔ بہٕ چھُس اکہِ لٹہِ یہِ ڈٕلی زِ تہِ سٔرونٹ سٕندی ذریعہ کأٹھِس کھنس ووتمُت۔''

''ویسے چھُ تہِ پوٗز'' چیف صأبن وۆن۔ ''مگر مسز ایکسہِ چھُنا تکلیف سپدان''۔ ''یہِ چھےٚ میأنی خوش قسمتی زِ دوستن منز چھُس کُنہِ لایق۔'' یہ وۆن مسز ایکسہِ اسان اسان۔

نینسی اُس فلاش گندنس سٟتۍ مست۔ سو اُس چوان، کھیوان تہٕ گِندان تہٕ سارے کامہِ اُس بڑٕ انہاکہٕ سان کران۔

مسز ایکس گیہِ کچنس منز پکلز انڈ بأپتھ۔ ایرپورٹ افسراوس ڈیل کران۔ بوٗٹ اُسی سأری پانژ پانژ روپیہ ترٛاوان۔ امہِ پتہٕ اوس ڈیل کران وأرِلس ڈٕچھنی بہتھ نفر دہ روپیہِ کورَ ترٛاوان۔ وٕنکٮ۪س اوس ایرپورٹ افسرس ڈٕچھنی چیف صأب بہتھ۔ اُمی ترٛاوِدہ ۱۰ روپیہ۔ امہِ پتہٕ اُس نینسی۔ یہِ پٔنچ وہ ۲۰ روپیہِ بلائنڈ۔ ایکسایز صحبن وُچھ تاس تہٕ کھوٚت۔ ڈپٹی چیفن وُچھ تاس تہٕ پوٗک ژٕجی۔ بلاک صدرن وُچھ تاس تہٕ کھوٚت۔ ایس پی صأبن وُچھ تاس تہٕ

پۆک شیٚتھ۔ ایکسن وُچھ تاس تہٕ کھوٚت۔ ڈاریکٹر پۆک اکھ ہتھ تہٕ شیٚتھ۔ سیکٹری ین وُچھ تاس تہٕ کھوٚت۔ ایرپورٹ افسر پۆک ترٛیہ ہتھ تہٕ وُہ۔ چیف صأب کھوٚت نینسی تہِ کھرٛ۔ ڈاریکٹر پۆک بیاکھ چال باہ شتھ تہٕ شیٚتھ۔ ایرپورٹ افسر تہِ پۆک باہ ءتھ تہٕ شیٚتھ۔ ڈپٹی چیفن وونٕس ڈبل کیاز کوٚرتھنہٕ۔ مگر ایرپورٹ افسر ووٚتھُس یہِ پچھنہٕ ضروری۔ ڈپٹی چیفس گوگمانہٕ زِ ایرپورٹ افسرس چھُ تاس لوٚت، سُہ پۆک ترٛییم چال پنٛژہ ٢٥ شتھ روپیہ۔ ڈاریکٹر کھوٚت۔ ایرپورٹ افسر بیوٚٹھ سونچنہٕ۔ سارنی گئیہ ژھوپہ۔ ایکس اوس گلاسس دام دام دِوان تہٕ سونچان۔ نینسی اُس گراأ کِس کُن وِچھان تہٕ گرابیٚیس کُن۔ چیف صأبن کوٚڈ لاؤبألی پأٹھی کاڈ تہٕ دُچھُن کھووُر دِژن نظر زِ مسز ایکس کوٚت گئیہ۔ ایس پی صأب اوس ٹیبلس پیٹھ پونسن تھلہِ تھلہِ وُچھان بلاک صدرس ژٕج ہنگتہ منگہ لبھ نیرتھ۔

ایرپورٹ افسر پۆک بیاکھ چال پنٛژہ ٢٥شتھ روپیہ۔ وونی ہیوٚت ڈپٹی چیفن سونچُن۔ تس اُس اوٚ تام راے زِ ایرپورٹ افسرس چھُ لوٚت تاس توٚے کوٚرُن نہٕ ڈبل مگر وونی ہیوٚتُن شکس پیوٚن۔ واریاہ سوٚنچتھ کوٚرتمی پأنس ستہٕ فأصلہِ ز ایرپورٹ افسر چھُ بلف گنِدان۔ سُہ پۆک بیاکھ چال ڈبل کرِتھ ـــــ پانٛژھ ساس روپیہ۔

ایرپورٹ افسرس گئیہ واہ ؤستھ۔ تمی دِژ ڈپٹی چیفس بُتھس کُن نظر۔ ڈپٹی چیفن تُجہِ نہٕ اُچھی تھوٚد ـــــ چیف صأب اوس یژھان کینہہ فأصلاہ گوژھ گژھُن۔ ایس پی صأب اوس لوٚتُس خوش۔ نینسی اُس دوہِ یومنزٕ اکہ

سُند تاس یژھان وُچھن۔ ڈایریکٹر، سکٹری تہٕ ایکس اٚسی گلاسس پیٹھ گلاسہٕ چوان تہٕ تژلیش اٚسکھنہٕ ہمان۔ بلاک صدراوس پانسی ستۍ اسان تہٕ تلۍ ٹارِنیٚنسی کُن وُچھان۔

سأرۍ ہی اوس ژھوپہ تہٕ دم۔صرف اٚس ڈیمہٕ کمرٕ منز بیگم اخترِ ہنز آوازِ بلبل سُند پٔچُن زن کنن گژھان۔

امی ساتہٕ ژاپہِ منز ایکس پکلز ہیتھ ۔مشکُ پھیوٚر سأرۍ ہی کمرس۔ آنچارُک تہِ تہٕ منز ایکسہِ ہندِ جسمُک تہِ سارِوی تژ وو اٚندری اٚندری اطمینانُک ووش ہیوٚ ہ۔ایر پورٹ افسرن تہٕ ڈپٹی چیفس ورأے تژ آو سارِوی منز ایکسہِ کُن نظر۔سارنۍ اوس بُتھس پیٹھ تشویش تہٕ لاچأری ہُند اُسن ۔ صرف اوسنہٕ ایکس ۔سُہ اوس زنتہٕ امہِ ہوٚلی ہانگہِ دوٗر رٹتھ تام شنیاہس منز کنۍ زوٚن۔

منز ایکسہِ توٚر فکرِ ز حالات چھِ نوزُک۔تمہِ اوٚن پننہِ نس بُتھس پیٹھ تہٕ نخرن منز سورُے دلبرانہٕ انداز۔پکلز تھأوِن ٹیبلس پیٹھ، اسن کھنگالہٕ تژ ووٗن تہٕ امہِ پتہٕ وٕژن سأری پونسہِ۔ الگ کُن ژتھ گنز رأوِن ۔یم اٚسی شراہ ساس۔ امہِ تھأوی دہ ساس اٚکِس چندس منز تہٕ شبہ ساس بیٚیِس چندس منز۔ ایر پورٹ افسراوس پانسی ستۍ اسان۔ڈپٹی چیف تہِ اوس اٚندری خوش۔

منز ایکس آیہِ نوِسرٕ ٹیبلس نشہِ۔اکھ آنچار کھنڈ تژ اٚوِن ڈپٹی چیفس اٚکِس منزتہٕ بیاکھ ایر پورٹ افسرس۔امہِ پتہٕ ووٚننکھ۔"میہ چھا فأصلہٕ کرنُس اجازت۔" سارِوی کوٚر آنکار۔ڈپٹی چیفن ووٚنُس "یہ ژٕ کٔرکھ تہِ

چھُ میٚہ منظوٗر۔‘‘

ایرپورٹ افسرن ووٚن۔ اگرسوٗرے تہٕ أمسۍ دِکھہٕ کرِنہٕ کتھ۔‘‘

مسز ایکسہِ تُل ایرپورٹ افسرسُند تاس۔ أمِس اوس کاہ باہ فلاش۔ امہِ پتہٕ تلُن ڈپٹی چیف سُند تاس۔ أمِس أس دُچھِ پٔریل۔ مسز ایکسہِ ملِنو و تاس یُتھنہٕ کانٛہہ وُچھِ زِکس کیاہ اوس۔ تمہِ دِژ دہن ساسن ہنز بوٗدِر ڈپٹی چیفس تہٕ شٔھن ساسن ہنز ایرپورٹ افسرس ـــــ امہِ فأصلہٕ ستیٚ گیہ سأری مطمین۔ صرف روٗد ڈپٹی چیفس رٔژھ کھنڈأسس ٹُھر تکیازِتس اوس ئڈبوٗدر رٹنہٕ ہتی اندازِسپٗدمت زِایرپورٹ افسرس اوسؤسۍ پایہ تاس۔

مسز ایکسہِ ہنٛدِ امہِ فأصلہٕ ستیٚ بچیہِ سچوٗیشن۔ اتھ پیٹھ دیُت أمِس سارٕوی داد۔ سارٕوی دوٚپ زِیہ چھُ عقلمند زنانہٕ تہٕ سانہٕ سوٗسایٹی ہنز شوٗب۔ مگرمسز ایکسہِ کوٚرنہٕ یتے یوٚت۔ امہِ دیُت پننہٕ عقلمندی ہُند بیا کھ ثبوٗت تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ امہِ پانہٕ ڈیل کوٚر۔

مسز ایکس زانہِ ہاتاسہٕ چہِ سارِیے ژوٗرِ تہٕ ژھومبہٕ۔ تمہِ دِژ تاسس پھٹ تہٕ کوٚرُن ڈیل۔ پانٛس ترٛاوبن بیگمہٕ ترٛ یے۔ چیف صأبس راونڈ۔ بلاک صدرس دُچھِ ترٛ یہ تہٕ ایرپورٹ افسرس فلاش۔ باقی ین اوس نوٚتھ۔ أکِس دون راونڈن بلاینڈ پکنہٕ پتہٕ کھتی تم سأری یمن نہٕ تاسس منٛز کہنٛہی اوس۔ امہِ پتہٕ ہیٚرٕن چال ژورژورہتھ روپیہِ واتِھ۔ مسز ایکس أس اکہِ اکہِ گوڈٕ چیف صأبس تہٕ پتہٕ ایرپورٹ افسرس کھول ہوان تہٕ تِمن کھالان۔ أخر ہیوٚتُن بلاک صدرس کھول۔ تس أس رائے زِونکبس چھُ تسٕی تھوٚدتاس۔ تمۍ کرِ

دُچھِ تژ یہ اوپن۔ مسز ایکسہِ وۄننس۔ ''کھس تاس، پأنس ستۍ لأ گی زِنہٕ اتھ۔
امہِ پتہٕ ہاوِتمہِ بیگمہِ تژ یہ۔

سارنِ ژٕج کریکھ نیرِتھ۔ مسز ایکس ہیکہِ ہا أمِس پلَو تام کڈِتھ۔ خاصکرِتھ اوس بلاک صدر أندری أندری سارنِ کھران۔ أمِس انہٕ ہن نہٕ اور سالس تہِ مگر یہِ اوس اکھ آرگنایزیشنُک انسان تہٕ بییہِ اوس چرِس سپلاے کران۔

مسز ایکسہِ وۄن۔ ''میہ أس خبر زِ میہ چھُ تاس تھوٚد۔ اگر نہٕ یہِ میون گرٕ اسہِ ہا، تیٚلہِ أس بدل کتھ۔ یٚتہِ چھوٕتہٕ میأنی مہمان۔''

سارٕوی تژ ووتھِ اسن کھنگالہِ۔ بلاک صدرس أس أندری أندری تھرٕ تھرٕ ہش۔ سأری ؤتھی اکہِ اکہِ گلاسہٕ برنہِ تہٕ سأری أسی مسز ایکسہِ ہندِس اخلاق مندتہٕ بااصول آسنَس داد دِوان۔ سأری أسی پننہِ پننہِ جایہِ یتھ کتھِ پیٹھ تہِ خوش زِ یژھ حسین، مشکدار تہٕ علقلمند چھَ میأنی محبوب تہٕ بییہِ نہٕ کأنسہِ ہنز تکیازِ یمَو منزٕ اوس پرٕتھ أکِس گُنہٕ نتہٕ گُنہٕ لٹہِ مسز ایکسہِ وۄنمت۔

''بہٕ چھُس ماربلہٕ کھوتہٕ ڈٕرتہٕ سرد مگر جانہِ مردانہٕ کششہٕ وبگلاوِس۔''

زارشراب تہٕ کھنن ـــــ وارٕ وارٕ ہیوٚتُن یہِ اِکھ أکِس منزٕ تتھ کُنی جذب سپدُن زِ کأنسہِ رۄزنہٕ پأری زان کس کریٚییہِ نیندر، کُمی کیاہ کھیو، کُمی کوتاہ ہۄر یازیوُن ـــــ مگر صحبکہِ وقتہٕ أسی سأری ژھینیمتۍ۔ تھکیمتۍ تہٕ ژھو کیمتۍ۔ سأری أسی زنتہٕ اکھ خوفناک خاب وُچھتھ ہُشیارٕ گأمتۍ تہٕ ووٚنی أسی پأنی پأنس أندری أندری مبارک کران زِ وُنہِ چھِ زندٕ ے وُنہٕ چھِ نبر نیرٕنی لایق تہٕ وَنہِ

ہسکو گرٕ گرٕ ھتھ تہٕ دوہدٕ شکۍ کارٕ بار کرتھ۔

امہِ ایحساسہٕ کنٕز اوس یمن سارنٕی مسز ایکسہِ ہُند بار ایحسان پھیکِنن پیٹھ۔ یم اُسی تٔہندی تأریف کران۔ تِمس ستیٚ موج، بیٚینہٕ، کولۍ بیترٕ سأری رشتہٕ وابستہٕ کران تہٕ تس نیک سیرت زنانہٕ تصور کران۔ یمن اوس باسان زِ یٚیمہِ نارٕ الاوٕ منزی ترٕنس اگر نہٕ تہنز رفاقت آسہِ ہا۔ سارنٕی آسہِ ہا ژٕنہٕ مونگر گأمٕژ۔ امہِ کنٕز اُسی سأری صِجس تس اٰہی کران تہٕ داد دِوان۔

''مسز ایکس دی گریٹ''

مگر نینسی اوس موٗڈ خراب۔ تس اوس شرمندگی ہُند زبردست ایحساس۔ تکیا زِ صِجس یٚیمہِ ساتہٕ سو ہُشیارٕ گیہِ تس پاسیوٗ پتھۍ کنٕز کیاہتام سرٕپہہ ہیوٗ ہ۔ تمہِ نیوٗ کھوٗ راتھ اورٕ کُن۔ اتہٕ لاریوس اوٚنجن کیاہتام پٕشجارٕ۔ اما یہ کر اوس تس سلیکس خراب کوٚرمت؟ ــــ تمہِ ترٕ اُو سارنٕی مردن بُتھن کُن حقارژ نظر۔ تس اوس بہتھ یہ حماقت آسہِ بلاک صدرن گرمٕژ۔ سو بچِھ ہا اُمِس نمو ستیٚ شونڈٕ مگر وق اوس نوٗزُک۔ سو اُس لاچار۔ تس اوس چرٕس ضرورت۔ ووشاہ ترٕ اُوتھ تہٕ پانسٕی ستیٚ افسوٗس کرتھ زِ کم بے وقوف کھٔتی اسہِ تالہِ پیٹھ کرتمہِ ژھوپہ۔ اگر نہٕ تس سُوپڈ زیوٗٹھ پہن آسہِ ہا، سو اُسنہٕ تھوٚ دوہ تھنز لایق روٗ زمٕژ۔ تکیا زِ سلیکس اوس بوٚڈ داغ۔

اکہِ اکہِ آے یم سأری پنہِ پٕنٕنن جاین واتناونہٕ۔

★★★

# XIII

ازاوس میوزک سنٹر چن کورٕبن ایجوکیشن ٹورس پیٹھ نیرُن۔ نب اوس صاف۔ تاپھ اوس کھلہٕ مگر ژھٹھ اُس سخ۔ نچہِ نچہِ کورِ آسہٕ ہشی وردی لاٗگتھ یمے لوکچہٕ لوکچہٕ پوشہٕ کُجہِ ہشہٕ۔ تمہٕ آسہٕ اُوٚر جہٕ تہٕ زاٗوجہٕ، ہُتھن اوسکھ ژھٹہٕ ستہٕ وہ شلن تہٕ ماجو اوسکھ مس شوٗرٕمت تہٕ سورمہٕ لوگمُت۔ تمن اوس پرٛ ہتھ اَکِس اکھ اکھ اٹیچی کیس اتھس منز یمو منزٕ تیز مشک نیران اوس۔ ووستاد اوس کمام رٕٹتھ کورٕبن منز باگ ہتھ گنٕز ووٗدنی ہتھ گنٕز باغس منز پوشہٕ کُجن منز باگ کانہہ ٹینگاہ آسان چھُ۔ تمہٕ اوس شیو کورٕمت تہٕ زہٕٹھ قمیض تہٕ کھلہٕ پاٗجامہٕ لوگمُت۔ قمیضہٕ پیٹھٕ اَکِس نرٕ دار بنیان تہٕ تتھ پیٹھ زیوٗٹھ تہٕ پرٛون اُور کوٹ۔ پھیکِس پیٹھ اوسُن شال تھوومُت۔ یمہٕ کنٕ پنن پان ''تان سین'' ہیوٗ ہ باسان اوسُس۔

نینسی اُس سخ آرٕ۔ سو اُس گرا ایکسایز صحبس نشہٕ گڑھان، گرا ایس پی صاٗبس نشہٕ تہٕ گرا ایرپورٹ افسرس نشہٕ۔ ایکس اوس تس پتہٕ پتہٕ یمن جاین گڑھان۔ ٹکٹہٕ ہاوان، سامانہٕ سوزان تہٕ ژھٹہٕ ستہٕ وٚتھمُت پیوٗنژھ وٚتھران۔

اٗخرآو سوٗرے سامانہٕ جہازس برنہٕ۔ سیتار طبلہٕ بیترِ تہٕ اُسٕ اٗتھی ستہٕ تہٕ ووستادٕ سُند، نینسی ہُند تہٕ کورٕبن ہندی اٹیچی کیس تہٕ ژاے جہازس منز۔ ہیرآیہٕ

لأ گنہٕ تہٕ سوار ہو ہیوٚت کھٔسن ۔ وۄستاد پوٚک بڑ ونٹھ بڑ ونٹھ، تٕمس پتہٕ پتہٕ آسہٕ کورِ تہٕ تِمن پتہٕ نینسی ۔ بیٚیہٕ تہٕ کھٔڑ وٲریاہ سوار۔ ایر پورٹ افسرن، ایس پی صٲبن، ایکسایز صٔحبن تہٕ ایکسن کوٚر یمن ''ٹاٹا'' تہٕ اَ ڈرِ دڑ او جہازٕ۔

جہاز نیرنہٕ پتہٕ اوس ایکس جلدی ہوٲئی اڈٕ پیٹھٕ نیرٕن یژھان ۔ مگر ایر پورٹ افسرن، ایکسایز صٔحبن تہٕ ایس پی صٲبن ترٛ وونہٕ ۔ گوڑ چوٚوکھ چایہِ پیالہِ ۔ چاے چوان چوان کرِ یمو بٔڈی سیأسی کتھہٕ ۔ بیٚیہٕ کرٕکھ کھوکھٕر اسنہٕ ہنا زنتہٕ اکھاکس ونان اسی۔ ''پرواے چھُنہٕ کانٛہہ ۔ بۓ ہے چالاک گوس۔''

امہٕ ستیٖ بیوٚٹھ ایکس کم زیادٕ دِل ہیوٚہ حالانکہ سُہ اوس بٔڈی بامبر یوٚمت۔ ''مگر یتھ دنیاہس پیٹھ چھُنہٕ پژھ کانٛہہ۔'' ایکس اوس ہوٲئی اڈٕ پیٹھٕ واپس یوان یوان کارِ منز سونچان۔ تٕمی اس کار تیز ترٛ اوٚہڑ۔ ''گرٕچھ تن کھورس پیٹھ کھور'' سُہ اوس اَندری وہمہٕ آسنہٕ کِنہِ سونچان۔

''میہ پزٕ سیوٚ ڈے پیر صابس نشہِ گژھُن''۔ یہِ سوٗنچتھ پھُرٕ تٕمی کار پیر صابٕنس ڈیرس کُن ۔ تہٕ پیٚیمہِ ساتہٕ سُہ تور ووت تتہٕ اُس لوٗکہٕ ژبلہٕ ژلل ۔ ایکس گو خوش ییٚلہِ تٕمی پیر صابٕنس ڈیرس نیبرٕ کنہٕ سڑکہِ پیٹھ حاکم اعلا سندس بأے سنز کارٕ وُچھ۔ امہِ علاوٕ تہٕ آسہٕ ژترٛ یہ کارٕ مگر تمن کُن دیُت نہٕ ایکسن توجہ۔

کارٕ نیبرٕ کنہِ تھاوِتھ ژاو ایکس سیوٚ ڈے پیر صابٕنس دربارس منز۔ اَتہِ اسی بے شمار لوٗکھ۔ پیر صأب اوس کربکہٕ دِوان ''اسلامس فتح'' تہٕ دروازس نشہِ بہتھ اکی گامہٕ بٹن ووٚن۔ ''ضرور''۔

نزدیکی بہتھ اکی مسلمانن ووٚن لوتی اَمس ۔ ''ہے'' اتھ چھِ ونان

اٗمین'' ۔ '' ہتہ ھٔض میون بۆ زِتن یتھے'' گامہٕ بٹن وۆنُس ۔ '' میہ ھٔض چھُ شانن منز باگ بۆڈ پھیپھر ، اٗتھ چھُس دِپان اندِ ماکینٛہ ۔''

ایکس ژاوتہٕ بیۆٹھ اٗکِس اندس کُن ۔ پیر صأبن دیُت نہٕ اٗمس کُن کانٛہہ توجہ ۔ سہٕ اوس ونان ۔

'' چھِو ھٔض بوزان ، مشعیتِ اٗلٰہی تہٕ ببیٚہ نہ کینٛہ ۔ راتھ ییٚلہِ بہٕ شۆنٛگُس بہٕ شۆنٛگِس دل پٔٹتھ ۔ صبحک وقتاہ ہیۆہ اوس زِ میہ وُچھ خاب ، خابس منز چھُس وچھان بہٕ ھٔض اژان استان ۔ اور یتھے ژاس اتہِ چھُسن پأنس برونٛٹھ حأکمِ اعلاوُ چھان ووتمُت ۔ کُس چھُسن وُچھان ____ ؟'' پیر صأبن دِژ زورٕ کربکھ تہٕ ستی دِژن پأنس دِنن تہٕ اٗچھ زٕ پھِرٕن اسمان کُن ۔

سارِوی لۆکو ووٚن تھدِ ہٹہِ : '' حأکمِ اعلاٰ''

پیر صأبن ووٚن تمہِ اندازٕ زنتہٕ پۆ زٕے ونان اوُس ۔ '' سبحان اللّٰہ'' اتہِ چھُس وِچھان نۆرِ نۆر ۔ اٗتھی منز آیہِ اکھ نورأنی صۆرتھاہ اکھ ۔ کیاہ آیہِ ؟

سارِوی لۆکو ووٚن : '' نورأنی صورتھاہ !''

پیر صأبن ووٚن وٕھن کُمجار کرتھ ۔ اٗمی گوٚ نڈ حأکم اعلاہس فضیلتُک دستارٕ ۔ سارِوی لۆکو دِژ کریکھ '' سبحان اللّٰہ'' ۔

پیر صأبن ووٚن '' بس امہِ پتہٕ گوس ہُشارٕ ۔ ہُشارٕ یتھے گوس مشیدِ اٗس صبحٕچ بانگ پران ۔ بہٕ ھٔض ووٚتھُس ، اتھٕ بُتھ چھوٚلم تہٕ پٔرم نماز ۔ اٗندری چھُس سونچان یا بار اِلاہا یہِ کیاہ وُچھ میہ ..........'' ۔

پیر صأب اوس وُنہِ یہِ ٹرونأنی زِ حأکم اعلاسُند بوے گوتھوٚ دۆتھتھ ۔ تس

أس کھووِرِس اَتھس منز بڈ کپر ژادر ،اتھ منز أس شہرین ۔ سہ ووٚتھ تہٕ بأگروؤن پرٕتھ أکس اکھ اکھ پھوٚل ۔ سارِوی روٚٹ ـــــ مسلمانو ہٕنٛدِ یوامہِ پتہٕ ووت قہوٕ تہٕ ژوچہٕ ۔ سارنٕی آو پھرِنہٕ ۔ ایکسس تہٕ پھرُکھ ۔ پیر صأب تہِ اوس جوان ۔ امہِ ساتہٕ أس پیر صأبس ہنا فرصت ۔ ایکس ووٚتھ تہٕ گوٚتس نشہِ تہٕ ووٚننس کنس تل کیا ہتام ۔ پیر صأبن کٔر مُدراسنہٕ ہنا ۔ امہِ پتہٕ ووٚنُن سارنٕی بوزؤن ـــــ

''بہٕ چھس پانہٕ ـــــ اکھ میٚژ موٚر ۔ گونہکار ۔ تٔسی ون سٕے کرِ پانٕے ۔ ووں گو بہٕ کرٕ تٔسی منگہٕ منگ ۔ اسہِ متٕمن ہُند چھُ قبول تھاوان ۔''

ایکسن ژھُن چندس اتھ ،اتہِ کوٚڈُن کوٚت تام تہٕ تھوؤن پیر صأبس دُسس تل ۔ پانہٕ ووٚتھ پیالہِ اَتھس کنتھ ہتھ تہٕ گوحأکم اعلاسنٛدِس بأیس نشہِ ۔ تٔمی کوٚرُس بڈ لولہٕ بوٚرُت خأر پاٹھ ۔ ایکس گو خوش ۔

یٚیمہِ ساتہٕ ایکس گرٕ آو ،تس اوس سوٗرے وہمہٕ ژوٚلمُت ۔ تس أس رأے منز ایکس آسہِ بڈ ایکسایٹڈ تہٕ سو آسہِ أمسی پراران ۔ تٔمی أسی تم سأری لفظ سوٚمبرأوی یِمن منز سہٕ مسزِ ایکسہِ صبحہٕ پیٹھکی حالات بیان کرِ ہا ۔ مگر اندر أژتھ گو سہٕ مایوٗس ۔ کُنہِ حدس تام ٔھرٚس ژکھ تہِ تکیاز مسز ایکسہِ تُجہٕ نہٕ تس کُن أچھ تہِ ـــــ سوأس شیشنہٕ کٔنی ہش ترٕنی تہٕ بے حس ۔ سوأس مدنوار سنٛدس فوٹوہس کُن وِچھان تہٕ اوٚش اوٚسس پأنی پانٕے وسان ۔

ایکسہِ سِنٛدِ چیٖنچ آواز بوٗزتھ دِژ تمہِ تس کُن تتھ کٔنی نظر زنتہٕ دپان أسس ۔ ''ژ آکھ بیٚیہِ ـــــ ؟ کوتاہ بے شرم چھُکھ !''

ایکسن ووٚن نہٕ کہنہی۔ وۄشا ترأ وِتھ بیوٚٹھ صوٗفس پیٹھ۔ سگریٹ زوٗلُن تہٕ ترٛاؤن پتھ کُن لر۔

یِیمہِ دوٚہی تہٕ تمہِ دوٚہی وُژھ مسز ایکس۔ لنچ لوگُن ٹیبلس پیٹھ تہٕ پانہٕ بیٹھ کُرسی پیٹھ۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن ایکس آلو" ولہٕ یہٕ لنچ گژھہٕ ٹھنڈٕ"۔

ایکس ووٚتھ۔ بے مزٕ پأٹھی کھیون لنچ۔ سُہ اوس مسز ایکسہِ سٟتۍ کتھہٕ یژھان کرنہِ مگر لفظ أسِس نہٕ سمان۔ باسیوس یہٕ چھُنہٕ موقہٕ کتھ کرنُک۔ اوٚے کُرن ژھوپہٕ۔ مسز ایکسہِ تہٕ ووٚن نہٕ کہنہی۔ لنچ کھیتھ سپد یہٕ۔ مسز ایکسہِ کوٚر ٹیبل صاف۔ ایکسن زول سگریٹ۔ امہِ پتہٕ گیہِ مسز ایکس تہٕ ترٛووٗن بیڈس پیٹھ ڈاپھ۔ ایکسن سوٚنچ ز جان گو کافی ہاوس گژھتھ ری ایکشن وچھنہِ۔ تمۍ دِژ ٹیبلہٕ پیٹھے کربکھ زنتہٕ کأنسہِ خاص انسانس اوسنہٕ ونان "بہٕ آسہٕ شامس ستن بجن تام کافی ہاوس"۔

یہٕ وٗنتھ ووٚتھ تہٕ دژاو۔ مسز ایکسہِ بوٗز کار نیرنٕچ آواز۔

کافی ہاوس منز أسۍ ادیب شاعر نقاد تہٕ مُرٛژگر خوش۔ تمو أسۍ ایکس مرحبا کران۔ تمو أسۍ دپان زِ سون ادب، فن تہٕ موسیقی چھنہٕ کأنسہِ ہندِ کھوتہٕ پتھ۔ سانین ادیبن تہٕ شأعرن یژن ترجمہٕ گُری گُری نیبرٕ لیس عالمس بروٚنٹھ کنہِ پننۍ چیز پیش کرنۍ۔ فنکارن یژن ایکزی پیش کرنۍ تہٕ موٗسیقار کانسرٹ۔ تمو أسۍ ہسٹری منزٕ کُھنۍ کُھنۍ پژأنۍ تہٕ عظیم ناوٕنۍ کڈان تہٕ تمن پنن پان منسوٗب کران۔ تموٕ یتھے ایکس کافی ہاوس اژان وُچھ تمو کوٚر تس یکزٕ بان سپدِ تھ مرحبا تہٕ واہ وا۔

مگر ایکس اوس حلیمی ہُند مُجسمہٕ ۔ سُہ ووٚتھک ''میون چھُنہٕ اتھ منز کھٕنہی کنٹری بیوٗشن ۔ یہِ کوٚر رسوٗرے نیٚنسی ارینج ۔ تس چھُ پٹن فیانسی ایسٹرن پورٹ بزی نٔبس کران تہٕ تٔمی کوٚر ایجوکیشن ٹوٗرک انتظام۔''

نقاد ووٚتھ ''افسوس چھُ زِ اسہِ چھُنہٕ وُنہِ تہٕ ہسٹری ہُند احساس ۔ سانہِ تمدنی ہسٹری منز آسہِ تہند ناوسونہٕ اچھر ولیکھتھ ۔''

مُرٔژگر ووٚتھ ''میہ آس کہی تام راتھی ڈیزی ہنز موٗرتھ تیار کرمٕژ ۔ تتھ چھِ ووٚنی فِنشنگ ٹچز دِنی ۔''

شاعر ووٚتھُس ''نیوٗڈ ـــــــ؟ ''۔

مرژگرن ووٚنُس: '' تتھ ماڈلس منز چھَ سو وُنہِ بیک وٗرڈ۔ تمہِ مون نہٕ نیوٗڈ ۔'' نقادن پرٔژھُس ''فِنشنگ ٹچز کتھ کٔنی دیہِ ہس ماڈل بروٚنٹھ کنہِ آسنہٕ ورأے ''۔ مُرٔژگرن ووٚننس پننہِ ووستأدی پٹھ ناز کران ''ممبوری میہ چھُ سبجکٹ اسی می لیٹ کوٚرمُت''۔

امی ساتہٕ ژاو اورٕ شین ۔ ایکس گوتھوٚ دؤہتھ ۔ مگر شین آو تٔسی گن ۔ از بیوٗٹھ شین الگ ٹیبلس ۔ سُہ بیوٗٹھ انٹلکچولن منز ۔ ایکسن دیُت سارنٕی ہندِ باپتھ کافی آرڈر۔ شین گو انٹلکچولن سٟتؠ بحثس منز مست تکیاز موضوع اوس تو ہند محبوب ـــــــ ''ایکسپوچر ''۔

کافی وأژ ۔ سأرٕوی چیہِ بحثس دٕوران کافی ۔ بیہِ چیٚک بسیار سگریٹ ۔ ایکس گو اتھ شور تکرارس منز بور ۔ تٔمی دِتی ئہرس بلہِ ہندی پأنسہٕ تہٕ ٹِپ ۔ امہِ پتہٕ ہیوٚتن ووٚتھُن ۔

ایکس اوس ووتھانۍ تہٕ شین ووٚتھس ۔ ''کیاہ سادڑ اُو''؟ ۔یہِ ؤنتھ کرن اسنہٕ ہناتہٕ ووٚنن ۔ ''یہ کوٚس اِکویشن چھہٕ مُلکہٕ مسٹرس پُلَس تھجُل'' ۔ یہِ ؤنتھ تڑ ووُن تھدِ اسن کھنگالہٕ تہٕ ایکسس اَتھس چیر دِوان ووٚنُن ۔ ''دٕبو چھُک'' ۔

ایکس دڑ او ـــــ شین نیو کتھو اوسنہٕ تس مزٕ آمُت ۔تس اوس شین کھوٚرمُت زِ پرٕ بتھ کتھِ ہنزِ گوجہِ چھُ واتان ۔سُہ اوس پانسۍ ستۍ ونان

'' اگر سأری لوٗک آسہن یمن ادبی شأعرن نقادن تہٕ مُرٕ ژٕ گرن ہندی پأٹھی سیٚدی ـــــ سیٚدی تہٕ شوٚدی، زندگی کأ ژاہ سہل تہٕ مزٕ دار بنہٕ ہا'' ۔



# XIV

جہازٕ اوس وِڑان تہٕ ووستاد اوس باقی سوارن ہندی پأٹھی اکھ اہم شخصیت اتھ منز بہتھ ۔ ایر ہوسٹیس اُس گرا اُمِس ٹافی انان تہٕ گرا چاے ۔ ووستاد اوس ٹافی ژہان تہٕ گروٚٹھ ننگلاوان ۔سُہ اوس کریمان کڈان زِ انسان کیاہ بلاے چھُ پننہٕ نوٚ اَتھو بناوِن مشین تہٕ پتہٕ کوٚرُن پنُن زُوأتھی حوالہٕ ۔

جہاز اوس گرا زور لگاوتھ ہیوٚر کھسان تہٕ گرا پانٔے پانٔے بون بونٕ وسان ۔ یتھِ ساتہٕ اُس ووستادس وَہہ گرٕ ھان وسِتھ ۔سُہ اوس کھوٚژمژ و نظر و پتھ بڑ ونٹھ وِ چھان زِ گو ماکینٛہہ مگر ییٚلہِ باقی سوارن مزس منز کتھٕ باتھٕ

کران وُچھان اوس تس اوس تسلی گژھان زِ پرواے چھُنہٕ کانہہ۔ پتہٕ اُس ایرہوسٹبس گراہورنژان تہٕ گرایوٚ رامہِ ہتۍ اوس ووستادخوش گژھان زِسوٗرے چھُ ٹھیکی۔

شیشہِ پتہٕ کنۍ ڈِژ ووستادن بوٚن کُن نظر۔بوٚنہٕ کنہِ سبٹھاہ دوٗرِ آسی نِکۍ نِکۍ مکانہٕ تژ ومبر گرتھ۔ جہازٕ پوٚک یَمو پیٹھی۔ امہِ پتہٕ آسی گلی تہٕ کٕڑ تہٕ کھلہٕ مأدان۔ کھلہٕ زمین آس بیروتہٕ بنوٚ ستۍ گنڈِتھ یِمے تژ امہٕ پٕڑ ہی ؤہرِتھ۔کُنہِ کنہِ اوس زیوٗٹھ دریاواہ وسان تہٕ کُنہِ کُنہِ آسی کوہ۔

ووستاداوس سونچان ''کاژاہ خوش کرٕ ونی چھَ یہِ زمین تھزِ ر پیٹھ بوزنہٕ یِوان۔ نِکۍ نِکۍ مکانہٕ چھِ شُرہن ہندی گِندَن تماشہٕ ہی باسان۔خبر کتبتھ آسہِ سون سنگیت سبنٹر تہٕ۔''

ووستادس پھوٚل بُتھس پیٹھ اُسن تہٕ سوٗنچن کوتاہ بیقل چھُ انسان یَمو موموٗلی چیز وخاطرٕ چھُ اکھأ ہٕکس بُتھ زِلان۔

ووستادس پییہِ بوٚنہٕ کنہِ ہییہِ أ ہٕکس تژ ومبرِ لِ پیٹھ نظر۔سوٗنچن زِممکن چھُ اتہِ تہِ آسہِ اکھ کورِسکول تہٕ اتھ کورِسکولس آسہِ اکھ میوزک ٹیچر۔سُہ میوٗزک ٹیچر آسہِ جہازُک ہٕکس گِس بوزان۔مگر تہندہن جذبن آسہِ نہٕ اکھ رژھ تہٕ وُتش لگان۔سُہ آسہِ گِس ہٕکس بوزنہٕ باوجوٗد پنہٕ نِس نأرِلس دام دام دِوان۔تس مَا چھَ خبر زِیُس جہازتس پیٹھی کنۍ گِس ہٕکس کران ایسٹرن پورٹ کُن گژھان چھُ تتھ منز چھُ ووستاد بہتھ،ٹافی کھوان،چاے چوان تہٕ ایرہوسٹبہ ہُندہ اسہٕ وُن بُتھ وِچھان ____ سُے ووستادیُس اکہِ لٹہِ تہٕندی پأٹھی کورِسکولس منز

میوزک ٹیچراوس۔

زانٛہہ تہٕ اوسنہٕ ووستادس گمانہٕ زِ سُہ کھسہِ جہازس تہٕ تمہِ پتہٕ گژھِ تتھ علاقس منز پٕنُن فن ہاوتہٕ ییتھکٕ فنکار سأرِسی عالمس نامور چھِ۔ سُہ اوس سأرِسی وأنسہِ کورِ سکولن منز میوٗزک ٹیچر۔ سُہ اوس تِمن کوربن میوزک ہیچھناوان یِمن تہٕ اتھ ستیٚ اکھ رژھ تہِ دلچسپی آس۔ سکول ترٛاوِتھی یا خاندرسپدِتھی اوس تِمن سیتارِ تہٕ طبلہٕ تتھ کنۍ مُشتھ گژھان زِ زنتہٕ یمن چیزن ستیٚ زانٛہہ اتھے اوسُکھنہٕ لوگمُت۔

پیٹھ اوس میوزک ٹیچر سُند پوسٹ سکولس منز تہِ فضوٗلی ہیوٗ ہ باسان۔ میوزک ٹیچراوسنہٕ سکولچن ماسٹر باین ستیٚ تہِ اکھ رژھ رلان۔ تمہٕ آسہٕ الگ بہان، پانہٕ وأنۍ لوتہِ لوتہٕ کتھ کران تہٕ اسان۔ کھِکھرٕ ماران۔ یہِ اوس بچارٕ گُکلٕن منز کاوہیوٗ ہ بیوٚن نیران۔ اُمس اُس ہمیشہ سکول کِس چپرأسِس ستیٚ برابری آسان تکیازِ اتھ زنانہٕ عالمس منز اوس سُے یوت اُمس ہم جنس آسان۔ ووستادن اُس دہن وٕرین اُکسی ہیڈ مسٹرسہِ ماتحت کأم کرمٕژ۔ سوأس بڈٕ خبطی۔ وکیشنن منز اُس گرِ بہانٕ مگر پرتھ وٕ ریہِ اُس وکیشنہٕ موکلِتھ پربسان تہٕ پربسنہٕ پتہٕ بیمار گژھان۔ یتھے سو سکول جوین کرنٕچ سکھر اُس کران نوِ وکیشنہٕ آسہٕ شروع سپدان۔ تس اوسنہٕ وننہٕ تہِ کانٛہہ کینٛہ بہران تکیازِ تس اوس خاوند سیأسی آرگنایزیشنگ لیڈر تہٕ بروٚنٛہہ کالہِ اوس جیل تہِ گومُت۔

ووستادِ اوس پننہِ پیشہ کنۍ دوہے پریشان۔ تنخاہ اوسُس موموٗلی۔ مضمون اوسُس سُہ یتھ ستیٚ نہٕ کانسہِ اُکس دلچسپی اُس تہٕ اُخرگوسُہ ریٹایر۔

ریٹایر گژھتھ گومأ لی پریشانین منز زیادے مُبتلا۔ پننہِ مولوٗ لی آمدنی رژھامو یا ہُر بر کرنہٕ چہِ بڑ اَنژ روٗ ٹ تمُی اَ کس پھٕڑ مِتس مکانس منز کمرٕ کرایہِ تہٕ نیبری لوگنس بورڈ ـــــــ ''سنگیت سینٹر''۔ قودرتچ مہربأنی زِ اور آو دوہہ اکہِ ایکس تہٕ از چھُ ووستاد جہازس منز بہتھ تژھ جایہِ کانسرٔ ٹ دنہِ گژھان ییتکی فنکار عالمس نأمی چھِ۔

زانہہ اوسنہٕ ووستادس انداز سپُد مت زِ پانژ گانٹہٕ گیہِ وار یاہ کال۔ از اوس اکھ اکھ منٹ زیٹھان۔ سُہ اوس نیندر کرِتھ تہٕ مکلیومُت۔ اخبارن تہٕ اوسُن پھُیر دتیٔمُت۔ زامنہِ تہٕ آسن کرمژ مگر جہاز اوسنہٕ گژھنے واتان۔ سُہ اوس گوڈنکہِ لٹہِ جہازس کھوٚتمُت تہٕ گوڈنکی لٹہِ اوسُس زیوٗ ٹھ سفر پیومُت۔ سُہ اوس یژھان زِ گژھہِ جایہِ رُکتھ گوٚ ژھ جہاز رژھ کھنجہِ تھک دیُن۔ سُہ وسہِ ہا بون، چکرا کرِ ہاتہٕ اِد ورِش کھسہِ ہابیہٕ۔

مگر جہاز رُکیو نہٕ گژھنہِ جایہِ۔ گژھنہِ گژھنہِ جایہِ اوس جہاز اوٚبرٕ پیٚٹھی وڑ ان تہٕ ووستاد اوس بونہٕ کنہِ سفید شین ہیوٗ ہ پھمبہٕ سمندر وچھان۔ اتھ سمندرس پیٹھ اَسی پھمبہ کوہ ہی تہٕ یمن گن وُچھتھ اوس ووستادس زندگی ہندِ حسنٔ مدریر زنتہٕ سأرسی شیریرس مٔدراون۔

اَ خر گیہِ آواز زِ بیلٹ چاریو تہٕ سگریٹ گریوژھہتہٕ۔ ووستادن اوس اندٕ پیٹھے بیلٹ چأرتھی تھو ومُت تہٕ سگریٹ اوسُن نہٕ جہازس منزا کھتہٕ چوٚمُت تکیا زِ تس اَسی موموٗ لی سگریٹ چندس تہٕ تہِس سفرس منز اوس موموٗ لی سگریٹ چنٔس مند چھان۔

جہازٕ وۆتھ وارٕ وارٕ بوٕن ۔ ووستاد اوس شیشہِ کنٛز وُچھان ۔ رَنوے آیَس بوزنہٕ تہٕ اُتھی منز گودرو پھ ــــ جہازٕ اوس رٔنوے پیٹھ وۆتھمُت ۔ ووستاد اوس خوش گومُت ۔ تس اوس جہازٕ منزٕ نیرتھی نُوس عظیم دنیاہس ستۍ اتھٕ واس کرُن تہٕ امہِ پتہٕ رلُن میلُن تہٕ پننہِ فنک مظاٗہر کرُن ۔ جہازٕ پۆک رَنوے پیٹھ واریاہس کالس تہٕ اَخرٕ رُکیوو ۔ شیشہ پٔٹ کنٛز وُچھ ووستادن واریاہ لۆک جہازس وُچھان ، اتھٕ گلِوان ، اسان تہٕ گندان ۔ ووستادس گو گُمانہٕ زِ یم لۆک آسن اَسی استقبالس آمتۍ ۔ تس اوس اَندرٕ شادِ ہُنٛد موٚ دُر زنتہٕ گِتہٕ آمُت ۔ زندگی ہندی سأری کرٛچھر اَسس مٔشی متۍ ۔ امہِ کنٛز تہٕ زِ نیبرٕ کنٛز اوس تاپھ ۔ توٚت تاپھ ووستاد اوس دنیاہکین سارنٕی لۆکن اکہِ اکہِ نالہٕ موٚت یژھان کرُن ۔ تمہِ پتہٕ اوس صرف تژِ ھے کتھ یژھان کرنہِ یموٚ کنٛز فتنہٕ فسادٕ تہٕ لڑایہِ بند گژھن ۔

اَسس پیٹھ موٗدُر وٹھٕ کُمجار ہیتھ آو ووستا دنینسی تہِ باقی کوربن تہٕ باقی سواربن ستۍ تتھ طرفس کُن ییٚتتھ لۆک پراران اَسۍ ۔ ووستادن پرٕزنووِنہٕ اتِتھ کانٛہہ تہٕ نہ آو اتہِ سمیتیٚو لۆکو منزٕ کانٛہہ اکھا اَمس کُن ۔ نینسی سمکھیوو اکھ نوجواناہ تہٕ امہِ کوٚرتس ستۍ وژھِ وأنجہِ اتھٕ واس ۔ امہِ پتہٕ اوسُن تہٕ امہِ پتہٕ ہوونس کوربن کُن ۔ ووستاد آو پانٕے بروٗنٛہہ کُن ۔ نوجوانس کُن پلنوِوُن اتھٕ واسہٕ باپتھ اتھٕ ۔ تمۍ موزُس نہٕ اوٕر کینٛہہ مگر یکدم ووٚنُس نینسی ۔ ''میوٗ زک ٹیچر'' نوجوانن کوٚر ـــــ ''ہیلو پرٕنس'' ۔

ووستادن ووٚن : '' آپ سے مل کر خوشی ہوئی'' ۔ تہٕ یہِ وننہِ گو پانٕے

خوش ۔ یم دژ ایہ ساری نبر تہٕ نبرِ لٔج ترٛپہ ترٛپ ۔ اتھ اکھ زٕ زٕ ووُدنی ۔ یم اَسی بامبر یمتٕ ہی ــــــ یم اَسی پرٛنس ستۍ کتھ کران تہٕ گرا اَکِس اندس کُن دوران تہٕ گرا بیٚیس اندس کُن ۔ آخرو آتی اٹیچی کیس ۔ ٹیکسی آیہ انناونہٕ ۔ اکھ اکھ کوٚر گٔیہ اَکِس اَکِس ٹیکسی منز اکھ اکھ اٹیچی ہیتھ ۔ ستۍ اوس ہموٗ دوٚیوٚ نفروَ منز اکھ اکھ گرٛ ھان ۔ یتھے کٔنٕز آیہ ساریے کورِ سوزنہٕ ۔ نینسی ہُند اٹیچی کیس تہِ آو سوزنہٕ تہٕ آخری پھیرس منز کتھی ساری اَکسی ٹیکسی ــــ پرٛنس تہِ نینسی تہِ تہٕ زٕ نفر تہٕ تہٕ ووستاد تہِ ۔ مالہٕ رٔنگ اوس اتھ ٹیکسی منز صرف ووستادسُند اٹیچی کیس تہِ بیٚیہ سیتار طبلہِ بیٚترٕ ۔ ٹیکسی رُکیہ اَکِس ہوٹلس نشہِ ۔ ووستادس آو دوٚیوٚ منز اکھ نفر ستۍ ۔ سُہ کھولکھ ہوٹلہِ کِس اَکِس کمرس منز ۔ اتہِ آسہٕ ساریے کورِ مگر یہندی اٹیچی کیس اَسی نہٕ کُنھی ۔ ووستادس آیہ پننہٕ تہٕ کورٕ ہن ہندِ کھنہٕ چنہٕ باپتھ روپیس پانژھ ہتھ دِنہٕ ــــ امہٕ پتہٕ وُچھنہٕ ووستادن ترٛ ہن دوٚہن نینسی کُنہِ ۔ نہ وُچھن پرٛنس تہٕ نہ یہندی نفر۔

ترٛین دوٚہن روٗد ووستاد ہوٹل کمرس منز زنتہٕ جیل ۔ سُہ اوس صبہٕ پیٹھ شام تام صرف ریاض آسان کران ۔ کورِ تہِ آسس اَتھی ۔ تمہٕ آسہٕ کھوان، چوان، اسان، گندان ــــ داریوٕ کِنٕز نیر تھ سڑکہِ پیٹھ موٹرن ہنٕز لأنہِ وُچھان تہٕ مٔنزی منزی اکھ اَکِس ستۍ ژُوان ۔ ترٛ ہن دوٚہن دژ اونہٕ ووستادگُن اکھ امہٕ بیمہٕ زِ راوِ ما دوٚیمُ امہِ کنٕز کانہہ ما ژھانڈ ہم تہٕ یِیتہِ نہ وُچھتھ گرٛ ھِ پروگرام خراب ۔

ژوٗرمہِ دوٚہہ دِگرس آے نینسی تہٕ پرٛنس ۔ نینسی اَس اتہِ بلأکلی

جہازٕ ووٚتھ وارٕ وارٕ بون ۔ ووستاد اوس شیشہِ کنۍ وُچھان ۔ رَنوے آیَس بوزنہٕ تہٕ اُتھۍ منز گودرو پھ ـــــ جہازٕ اوس رٕنو ے پتھ ووٚتھمُت ۔ ووستاد اوس خوش گومُت ۔ تس اوس جہازٕ منزٕ نیرتھۍ نُوس عظیم دنیا ہس ستۍ اتھ واس کرُن تہٕ امہِ پتہٕ رلُن میلُن تہٕ پننہِ فنُک مظاہر کرُن ۔ جہازٕ پوٚک رَنوے پتھ واریاہس کالس تہٕ اَخرُ کیوو ۔ شیشہٕ پٹۍ کنۍ وُچھ ووستادن واریاہ لوٗک جہازس وُچھان ، اتھۍ گلِوان ، اسان تہٕ گندان ۔ ووستادس گوٚ گُمانہٕ زِ یم لوٗک آسن اَسی استقبالس آمتۍ ۔ تس اوس اَندرٕ شادِ ہُنٛد موٚ دُر زنتہٕ گتہِ آمُت ۔ زندگی ہندۍ ساٗری کرچھر اَسس مشۍ متۍ ۔ امہِ کنۍ تہِ زِ نیبرٕ کنۍ اوس تاپھ ۔ توٚت تاپھ ووستاد اوس دنیاہکس سارِنی لوٗکن اکہِ اکہِ نالہٕ موٚت یڑھان کرُن ۔ تمہِ پتہٕ اوس صرف تزِ ھے کتھ یڑھان کرنہِ یموٚ کنۍ فتنہٕ فسادٕ تہٕ لڑایہِ بند گرٕ ھہن ۔

اَسس پتھ موٚدُروٹھ گُمجار ہیتھ آو ووستاد نینسی تہِ باقی کوربن تہٕ باقی سوار بن ستۍ ستۍ تتھ طرفس کُن ییٚتھ لوٗک پراران اَسی ۔ ووستادن پرٕزنوونہٕ اتیتھ کانٛہہ تہٕ نہٕ آواتہِ سمیتیو لوٗکو منزٕ کانٛہہ اکھا اَمِس کُن ۔ نینسی سمکھیو واکھ نوجواناہ تہٕ امہِ کوٚرتس ستۍ وژھِ وأنجہِ اتھِ واس ۔ امہِ پتہٕ اوسُن تہٕ امہِ پتہٕ ہووُنس کوربن گُنِ ۔ ووستاد آو پانے بروٗنٛہہ کُن ۔ نوجوانس کُن پلنووُن اتھِ واسہٕ باپتھ اتھِ ۔ تمۍ موزُس نہٕ اورٕ کینٛہہ مگر یکدم ووٚنُس نینسی ۔ ''میوٚ زُک ٹیچر نوجوانن کوٚر ـــــ ''ہیلو پرٕنس'' ۔

ووستادن ووٚن: '' آپ سے مل کر خوشی ہوئی'' ۔ تہٕ یہِ وننہِ گوٚ پانے

خوش۔ یم دڑایہٕ سأری نبر تہٕ نبرٕ لٔج ترٛپہٕ ترٛپ۔ اتھت اُسی اکھ زٕ زٕ وودنی۔ یم اُسی بامبر یمتٕ ہی ــــــ یم اُسی پرٛنس ستی کتھٕ کران تہٕ گرا اٲکس اندس کُن دوران تہٕ گرا بیٚیس اندس کُن۔ اٲخروأتی اٹیچی کیس۔ ٹیکسی آیہٕ اناونہٕ۔ اکھا اکھ کوٗر گٔیہٕ اٲکس اٲکس ٹیکسی منز اکھا اکھا اٹیچی ہتھ۔ ستی اوس ہمو دوٚیو نفرو منز اکھا اکھ گرٛہان۔ یتھے کٔنزٕ آیہٕ سارےی کورِ سوزنہٕ۔ نینسی ہُند اٹیچی کیس تہٕ آوسوزنہٕ تہٕ اٲخری پھیرس منز کتھی سأری اٲکسی ٹیکسی ــــــ پرٛنس تہٕ نینسی تہٕ تہٕ زٕ نفر تہٕ تہٕ ووستاد تہٕ۔ مالہٕ رٔنگو اوس اتھ ٹیکسی منز صرف ووستادسُند اٹیچی کیس تہٕ بیٚیہٕ سیتارٕ طبلہٕ بیٚترٕ۔ ٹیکسی رُکیہٕ اٲکس ہوٹلس نشہٕ۔ ووستادس آو دوٚیو منز اکھ نفرستی۔ سُہ کھولکھ ہوٹلہٕ کس اٲکس کمرس منز۔ اتہٕ آسہٕ ساربے کورِ مگر یہندی اٹیچی کیس اُسی نہٕ کُنہی۔ ووستادس آیہٕ پننہٕ تہٕ کورٕ ہن ہندِ کھبنہٕ چنہٕ باپتھ روپیس پانژ ہتھ دِنہٕ ــــــ امہٕ پتہٕ وُچھنہٕ ووستادن ترٛ ہن دوٚہن نینسی کُنہٕ۔ نہ وُچھن پرٛنس تہٕ نہ یہندی نفر۔

ترٛین دوٚہن روٗد ووستاد ہوٹل کمرس منز زنتہٕ جیل۔ سُہ اوس صبہٕ پٮ۪تھ شام تام صرف ریاض آسان کران۔ کورِ تہٕ آسس اٲتھی۔ تمہٕ آسہٕ کھوان، چوان، اسان، گنداں ــــــ داریو کنٛز نیرتھ سڑکہٕ پٮ۪تھ موٹرن ہنزٕ لأنہٕ وِچھان تہٕ مٔنزی منزی اکھ اٲکس ستی ژٕوان۔ ترٛ ہن دوٚہن دڑاونہٕ ووستادگُن اکھ امہٕ بیمہٕ زِراوٕ مادوٚیمُ امہٕ کنٛز کانٛہہ ما ژھانڈ بم تہٕ بیٚتہٕ نہ وُچھتھ گرٛہہٕ پروگرام خراب۔

ژٕوٗرمہٕ دوٚہہ دِگرٕس آے نینسی تہٕ پرٛنس۔ نینسی اُس اتہٕ بلکلی

بدلیمژ۔ تس اوس بُتھ شفقہٕ تڑ اوان۔ تمہِ اوس نوٚ وسوٗٹ لوگمُت یُس لوٚت تہٕ اوس تہٕ ٹایٹ تہِ۔ سوٗ اَس ہیر بوٚنہٕ ننگے ہش باسان۔ کمرس منز اژوٗ نے وون پرٛنس ووستادس کُن "کوٚر ژ توہہِ چکراہ وکراہ؟"

ووستادس توٚ رفکرِ زِ شوٗٹھس اوس یمن تڑ بن دوہن چکر کرُن، شہرُ وچھن، نژُن تہٕ پھیرُن۔ تمس توٚ گنہٕ پرٛنس نس سوالس جواب تہِ دیُن۔

پرٛنس وٚنُس "یمہٕ گیہِ توہہِ ریلہِ ہنزٕ ٹکٹہٕ۔ پگاہ صبحٕ گاڑِ منز چھُ توہہِ واپس برٛژن۔ یمن کورٕ بن ہندی اٹیچی آسن توٚری سٹیشنس پیٹھ واتی متیٕ"۔

ووستادس گیہِ زبوٚ خوشک، تس اوسنہٕ بوزنے کینٛہہ تگان۔ خبر کتھٕ کٔنی کھوٚت تس "مگر کانسرٹ ــــــ؟"۔

یہِ بوزِتھ دِژ پرٛنسن نینسی کُن نظر زنتہٕ پرٛژھان اوُسس "تہِ کیاہ گو"؟

نینسی تڑ وواسُن تہٕ گتھِن منز وٚننس۔ "یمن چھُنا پننہِ فنٕک مظاہرِ کرنہِ خاطرٕ کانسرٹ کرُن"۔

پرٛنسن تڑ وواسنہٕ ہناتہٕ ستی دوٚپُن "اچھا اچھا ــــ کانسرٹ ہے أزی شامس چھُ تہٕ۔ سُہ سپدِ ییتھی کمرس منز۔ میہ آسن کینٛہہ دوست ستہٕ۔ تم گرٛژھن بڑٕ خوش تہند فن وُچھتھ"۔

یہِ وٚنتھ دژ او پرٛنس تہٕ تس ستہٕ نینسی۔ نیرنہِ برونٛہہ دِتی پرٛنسن بیہِ پانژھ ہتھ روپیہ ووستادس تہٕ ستی دوٚپُنس۔ "یم لگن توہہِ گرٕ تام واتنس بکار۔ وتہِ چھُنا کھیٚن چن بیترٕ خرچ لگان"۔

شامس سپُدنہٕ کانسرٹ کینٛہہ تکیازِ اور آونہٕ کٲنٛہہ۔ پرٛنس تہِ نہٕ۔

ووستادس گوٚأسُکھ مزِ خراب۔ تس آیہِ نہٕ رأتی راتس نیندٕر۔ سُہ اوس سونچان زِ اما یم بٔڈی موہنوِی کتھِۍ خرچھِ آسان۔ یوٚت خرچہِ فضوٗل کوٚر یمو تہٕ پتونہٕ مانہِ مطلباہ کانٛہہ۔ صبحس ووٚتھ سُلی نیندرِ۔ دارِ کنِۍ دِژٕن شہرس نظراہ گٔذراہ تہٕ أندری گوس حسرتھاہ زِ اوترٕ پیٹھٕ کونہٕ پھیوٗرسُ تھوٗرس۔

صبحس ستہِ بجہِ آواوترٕ کہُونفرو منزا کھا۔ ووستادتہٕ کورِتجُن پانس ستۍ ٹیکسی منز بہناوٕن تہٕ واتناوٕن ریلوے سٹیشن۔ تتہِ أس ریل لگتھ۔ کورٕن ہندی اٹیچی کیس أسی باقی نفرن اتھِ وأتی متۍ۔ تھرٛی ٹایربوگی منز آے یم سأری بہناونہٕ تہٕ سامانہٕ آکھ حوالہٕ کرنہٕ۔ یم نفر دژاے۔ امہِ پتہٕ تہِ وُچھنہٕ ووستادن یموٚ منز کانٛہہ بُتھ —— نینسی نہٕ تہٕ نہ پرٛنس۔ حالانکہ ریل گأڑی أس گأنٹس کھنڈس أتی رُکتھ۔

یتُھے ریل نیرٕنۍ ہیٚژٕن، ووستادن دِژ چندس نظر۔ اتہِ وُچھن پأنٛسہٕ صحیح سلامت۔ دارِ کنِۍ ترٛأون تھوک۔ چار مینار سگریٹ زوٚلُن تہٕ ترٛأوِن لر۔ صرف دِژٕن کورٕن کربکھ ——

''ہتأے تہُ کونَے سوکھِ سان بہان۔ توہہِ پیٚیہِ وَے ترٛٹھ۔''



# XV

نینسی آسہِ ہاادِ کم یا زیادٕ پنژہ ۲۵ ؤرشِ۔ تہند بن گرِ کبن ہندِی کنِۍ أس سو یونیورسٹی منز ایم اے پران۔ تہِندی کنِۍ أس سو اسہٕ وِنۍ تہٕ مژِ ھیچ۔ سوٚأس

ووتھ وِنی تہٕ بروٚنہہ کُن تہٕ تھزرن کُن وچھُن واجینٛہ۔ مگر مؤلہٕ تلہٕ اۭس نینسی بلٕکُل بدل۔ سوٚ اۭس تیٚلہِ یونیورسٹی گژھان یێلہِ نہٕ بیٚیہِ کُنہِ جایہِ آوٕرآسہِ ہا۔ سوٚ اۭس تتہٕ تہِ سٹوڈنٹس یونینس منز فسادن تہٕ ہرتالن گوڈبران۔ سوٚ اۭس کافی ہاوس گژھان، ڈراماہن تہٕ کلچرل پروگرامن منز حصہ نِوان —— تہٕ یِہ سورُے محض ایڈوینچر باپتھ کران۔ تس اوس اَسُن گِندُن خوش کران تہٕ زندگی ہنٛز سارے لذتہٕ اۭس سارٕوی حبسوٚ ستیٚ محسوٗس یژھان کرنہِ۔ شکیل آسنہٕ کِنۍ اۭس سوٚ نوجوانن منز مقبول تہٕ پرٛتھ کأنسہِ رسوٚخہٕ وأٔلِس تہٕ پوٚنسہٕ وأٔلِس نوجوانس پرٛتھ وقتہٕ موہیا آسنہٕ کِنۍ اۭس سوٚ بڈٕبن کبولوکٹن سارنٕی دربارن واتان۔

تو ہندیہِ وٕنُن زِ پرٛنس چھُ میون گرٕ تہٕ باقی چھم ریستورن اوسنہٕ صحیح۔ در اصل اۭسۍ سأری تہندِ باپتھ ریستوران، پرٛنس ہٕتھ ستۍ۔ امہِ کِنۍ اوس تس اکہِ لحظہٕ چہِ شادِ منز پٔتیم سورُے کینٛہ مُشتھِ گژھان تہٕ اٚتھی لحطس اۭس سو زندگی ہُند لُب لِباب زانان۔

ایسٹرن پورٹ وأتتھ تہٕ پرٛنس سمکھِتھ گوٚتس سورُے کینٛہہ مُشتھ۔ ایکس تہِ تہٕ ووستاد تہِ —— کورِ تہِ تہٕ کوربن ہندۍ اٹیچی کیس تہِ۔ تس روٗدنہٕ یہِ تہِ ظون زِ ایکسس دِیہِ ہا اطلاع پننہِ خأرخأر یتٕک۔

تہٕ ایکس اوس پریشان۔ از اۭسۍ نینسی واریاہ دوہ گأمتۍ مگر تہندِ طرفہٕ اۭس نہَ کانٛہہ شیٚچھاہ پأغاماہ۔ ایکس اوس پرٛتھ دوہہ اخبار انان تہٕ تمنٛی منز کیاہتام ژھاران۔ تس اۭس اخبار بژ وٕنٛتھٕ کنہِ رٔٹتھ دِلس دُبراے تیزان مگر

ییٚلہِ نہٕ سُہ اتھ منز کھنٛہی ناکارٕ وُچھان اوس سُہ اوس ووشِ تڑوان ۔ اتھ ووشس منز اوس اضطراب، بے قرٲری تہٕ مایوٗسی آسان۔

ازگوتس پتیم شاہ پتھ کُن تہٕ بڑ وٹھم بروٚنٹھ کُن ییٚلہِ تمۍ ''ٹایمز'' اخبارس منز گوڈ کِس صفس پیٹھ بوٚنہٕ کنہِ دٔچھنہِ طرفہٕ کِس کوٗنجس نشہِ لوکٹ اکھ نیوز آیٹم پوٚر۔لیکھت اوس ـــــ ''ایسٹرن پورٹس پیٹھ چھُ آمُت سمگلرن چھاپہٕ تڑاونہٕ ۔کینٛہہ نفر چھِ آمتۍ گرفتار کرنہٕ ۔ ضبط سپدی متیٚن مالس چھِ فہرستہٕ بناوان'' ۔ یہ پٔرتھ آو ایکسس گلس گیوٚر۔تس اُس فکرِ زِ اگر اتھ منز پڑنس پھٔسہِ تیٚلہِ پھسہِ سُہ پانہٕ تہٕ تکیازِ نینٛسی ستۍ آسہٕ میوٗزک سینٹرچہ کورِتہٕ۔

ایکسن تھوٚو یہ اخبار ژوٚرِ۔تمۍ ہوونہٕ یہ مسز ایکسہِ تہٕ ۔ گوڈ ہاوِہس تہٕ کِتھ کٔنۍ ۔مسز ایکس اُس اوترٕ پیٹھ خبرکیازِ موٗڈی بنیمژ ۔سو اُسنہٕ ایکسس ستۍ سیٚز کتھ تہِ کران ۔سو اُس صرف دِیان آسان تہٕ پننی کنجہِ منز یہاے شژ پٔتھ ہشِ روزان ۔ ایکس اوسنہٕ تس کینٛہہ تہِ ونہٕ بہران حالانکہِ سُہ اوس ووٚنۍ ذہنی طور تتھ مقامس ووتمُت یوٚت وأتتھ سُہ مسز ایکسہِ ستۍ ووندٕ مژرتھ کتھٕ اوس یژھان کرنٕۍ ـــــ مگر مسز ایکس اُس خبر کیازِ موٗڈی بنیمژ تہٕ ایکس اوسنہٕ تس ستۍ کتھ تہِ بہران کرنہٕ۔

ایکسس اُس عقل ونان زِ ازپزٕ حأکمِ اعلاہس بُتھ ہاوُن ۔ یہ نہٕ زِ سُہ کیاہ اوسنہٕ تہندِس دربارس منز مٔنزی حاضری دِنہٕ گژھان ۔سو اُسنہٕ کتھ ایکسن اوس پرٛانہِ نوکری منز استیفہِ دیتمُت تہٕ ووٚنۍ اوس ''ٹھیکہ دٔری'' کران ۔ یہ اُس حأکم اعلاہس خبر تہٕ اتھ ستۍ تعلق تھاون واجنہِ واریاہ کتھٕ تہِ

آسہٕ تس پتاہ۔ تس اُس یہ تہٕ خبر زِ ایکس چھُ وُنہ تہٕ خاص محکمہٕ منز ریٚتی پانژھ ہتھ روپیہ تنخاہ پاوان تہٕ تم پأنسہٕ آرگنایزیشنس دِوان۔ تس اُس یہ ہَن تہٕ مولوٗم زِ ایکسس چھِ ووٗنی کأفی دیار مگر ظاہر اُسس نہٕ میوزک سینٹرچ تہٕ نیٖنسی ستۍ نِو کارٕ بارچ خبر ــــ واللہ عالم بالصوٗب۔

ایکس ییٚمہِ ساتہٕ کار صحنس منز تھأوتھ دربارس منز ژاو، حأکم اعلا اوس بجہ کُرسی پٮ۪ٹھ بہتھ تہٕ أندی أندی اُسی بے شمار لوٗکھ۔ حأکم اعلا اوس پلاٹ بأگران، نوکری دِوان، کورِ مالین اتھٕ روٗٹ کران تہٕ پڑ انین دلیلن ہندِس پادشاہ سِندی پأٹھی پربتھ حاجت مندس حاجت کڈان۔ لوٗک اُسی ژلبہٕ ژلبہٕ کُرتھ بروٗنہہ بروٗنہہ پکان۔ سارنٕی اوس یقین زِیس پٮ۪ٹھ حأکمِ اعلاسنٕز نظر پیٚیہٕ سُہ گژھِ آباد۔ اِوکٕی اوس پربتھ اکھا یژھان زِ کُنہِ پأٹھی گژھ تسی پٮ۪ٹھ حأکمِ اعلاسنٕز نظر پیٚنۍ۔

ایکسس اُسنہٕ راے زِ اتھ ژلبہٕ ژیلہِ منز واتہٕ سُہ حأکمِ اعلاہس نکھٕ۔ ایکس اوس تو ہندموٗ ڈ وچھُن یژھان تہٕ یہ سرِ کرُن یژھان زِ کمی ماچھُ ایکس سند نو کارٕ بارُک بوٗ زمُت تہٕ یہ بوزتھ ماچھُ ناراض گومُت۔ ایکس اوس لوٗکہٕ جسرس منز بروٗنہہ بروٗنہہ پکنچ کوشش کران زِ اُتھی منز پیٚیہِ حأکم اعلاہس تس پٮ۪ٹھ نظر۔ لوٗکن ہندِ بو کلوٗ پٮ۪ٹھی گرٕ یزییہِ حأکم اعلاسنٕز کریکھ" ہے ایکس"۔

یہ آلو بوٗزِتھ گو ایکس خوش۔ وٕٹھن پٮ۪ٹھ پھوٗلُس اُسن تہٕ زنتہٕ جنتہٕ کہِ ہیٚر مہِ انٕد پٮ۪ٹھ اوہٕ جواب دیتُن "جناب!"۔

سارِوی لوٗکو ترٚاو ایکسس کُن نظر۔ سارِوی لوٗکو کوٚر اُمِس پٮ۪ٹھ

رشک۔ سارنٕی لۄکن آو یہوے اکھ خودایہ سُند محبوٗب بوزنہٕ۔ تہٕ سارنٕی لۄکن ہندیو کلو پیٹھی پیٹھی ووت ایکس حأکمِ اعلاہس نشہِ یِیٚلہِ تٔمی وۄنُس "تلہٕ سا یوٗری یِہ۔"

اۄتت وأتتھ وۄنُس حأکمِ اعلاہن۔ "ژٕہِن سا چندس اتھ۔ بہٕ وِچھہٕ ژٕ یِہ کوتاہ چھے چندس۔"

ایکسن دِژ سارنٕی لۄکن کُن نظراہ زِ چھوٕ وچھان اسہِ کوس قوربأنی چھٕ تہُندِ باپتھ پھٕوان دِنی۔ تہٕ أتھی ستی ترٛووُن چندس اتھ۔ اتہِ یِہ کینژھا دژ اوتہِ پلِنوٗن حأکمِ اعلاہس۔

حأکمِ اعلاہن گنزرأوی ہتہٕ روپینز کاہ نوٹ تہٕ تتھے کٔنی پلنأوِن أکِس جوانس کُن، یُس کلہِ بوٗن کُن ژٕھنتھ حأکمِ اعلاہس بروٗنٹھ کنہِ کھڑا اوس۔ ایکسن کٔر أمِس جوانس ہیٚرِ بونہٕ نظرٕ ہ۔ یِہ باسیوس موموٗلی کلرک۔ خبر کیاز باسیوس زِ أمِس آسہِ گرِ زنانہٕ ـــــ یُس کھورن پونہٕ آسن تہٕ بُتھ آسبس ملہٕ ستی برٕتھ۔

حأکمِ اعلا اوس نو جوانس ونان "سوٗتہٕ ہنا أنی زِ، بیٚیہٕ أنی زِٹِیہِ ہنا۔ پتہٕ وُچھو چانہِ خأطرٕ کیاہ انتظام سپدِ۔"

ایکسن کٔڈ ووٚٹھ۔ تس باسیو وزنتہٕ یِم لفظ تٔسی أسی وننہٕ یوان۔ تس باسیوو یِہ جوان چھُ سُے ایکس یُس از بروٗنہہ واریاہ ؤری أمی پانس منز وچھمت اوس۔ ایکس رٹہِ ہا أمِس تہٕ ہٹ چیر دِیہ ہس۔ کاشتھ روپیہ نیہ ہس تھپہ تہٕ تم ژٕھنہِ ہاژ تھ۔ امہِ پتہٕ گژھہِ ہا اوہند گرٕ تہٕ تتہِ رٹہِ ہا أہنز زنانہِ نالہٕ متہِ

ـــــ تس کرِ ہاموٕ نہِ تہٕ میٹھی ، مائکہِ تہِ مکرس بُتھس تہِ تہٕ پونہٕ گامٔژن کھور بن تہٕ۔

مگر یَیلہِ ایکس زنتہٕ امہِ بے ہوٗشی ہندِ کریٖر منز واپس کھوٚت ، جوان اوس دژ امُت تہٕ لۆکہ جسرٕس منز غاب گومُت ۔ باقی حاجت مند أسی برونٛھ پکی متی تہٕ پننی پننی عرضداشت أسی پیش کران ۔ ایکس روٗ دوار یا ہس کالس أتی تہٕ أخر یَیلہِ دربار موکلوو تہٕ حاکم اعلاپننہِ کارِمنز دژاو ۔ ایکس تہِ دژاو۔

کارِمنز بہتھ اوسنہٕ ایکسس فکری تران زِ گژھہٕ کوٚت !ـــــ سُہ اوسنہٕ گرِ یژھان گژھُن ۔ سُہ اوسنہٕ کافی ہاوس تہِ گژھُن یژھان ۔ سُہ اوسنہٕ کانٛسہِ ہنزِ شکل تہِ وچھنی یژھان ۔ تِمۍ کٔر کار سٹارٹ ۔ صحنہٕ منزِ دژاو تہٕ پھیوٚر کھوٗر کُن ۔ امہِ پتہٕ تژ أون کار تیز ـــــ یہِ أسس نہٕ خبر گژھہٕ کوٚت ۔ کار أس پکان ۔ زنتہٕ پأنی پانٔے موڑ پھران ۔ زنتہٕ پأنی پانٔے وتہِ پکونبن ہارن کران تہٕ ٹریفکہِ ہٕنزی روٗلو مطأبق پکان ۔ أخرٕ کیہ کار شہر نبر کلبہٕ کس صحنس منز ۔

ایکسن کٔر کار لاک ۔ اندر ژاو ۔ اتہِ اوسنہٕ کہنٛہی صِرف أسی بٔہرِ تہٕ ویٹر ۔ تِمو کرِ ایکسس سلامہِ ۔ ایکس اوس کلہٕ سٕتی سلامن جواب دِوان تہٕ برونٛہہ پکان ۔ سُہ ژاو اندر أکس لوکٹس کمرس منز تہٕ دیتُن آرڈر ۔ شام تام اوس ایکس چوان تہٕ سونچان ۔ شام تام کھیوونہٕ تِمۍ کہنٛہی صرف چون شراب تہٕ بییہِ چیٖین سگریٹ ـــــ تس اوس أندرٕ کنہِ تام نارٕ وہان تہٕ سُہ اوس دزان ۔ سُہ اوس زانُن یژھان زِ امابییہِ کانٛہہ تہٕ چھا یتھِ نارٕ دزان ؟ مگر پرٛژھہِ ہا کس ۔

شامس دژاو ایکس گرٕ کُن ۔ تِمۍ اوس فأصلہٕ کوٚرمُت زِ سُہ کرِ ازمسز ایکسہِ سٕتۍ کتھٕ ۔ سُہ ونہِ تس زِ أسی زِ وأتی وونۍ تتھ مقامس یتھ اسہِ اولاد سُند

ضرۄرت چھُ۔ سُہ اوس تس ستۍ ؤمرِ تہٕ وٲنسہِ ہُند دۄر بر ختم کرِتھ ازگوڑ نکہٕ لٕہِ
تس تہٕ پانس تیُتھ رشتہٕ قایم کرُن یژھان یتھ منز سکون تہٕ اطمینان آسہِ
یتھ منز فکر آسہِ اولادن ہنز، تہندِ صحیح، تہنز تالیمہِ ہنز تہٕ تہندِ نیتھرِ
پٲٹھ رچ۔ ایکس اوس ازمنز ایکسہِ نالہٕ متہٕ رٹتھ وۄن یژھان، تیُتھ
وۄن ییمہِ ستۍ دۄشونٕی دِلن مل ووتھِ تہٕ زندگی سونتہٕ تاپکی پٲٹھی شہج، نپہ وِنی تہٕ
مشکلد اربنہٕ۔

ایکس اوگر وٲتتھ ییلہِ ایکسن کارگراجس منز تھٲوتہٕ ووٕنی اندر ہیوٚتن
اَژُن، اَمی ؤچھ آنگنس منز کُتام کھورِ شورژ ادراہ وٲلتھ یہوے ژھاے ہیوٚہ۔
ایکس گوحٲران زِ یہ کُس چھُ۔ ممکن اوس زِ ایکس کڈِ ہاپتلون چندٕ منز پستول تہٕ
اَمس کرِ ہا۔ ''ہینڈس اَپ''۔ مگر اَمی انسانن کرژاسہِ ٹوکہ ہناتہٕ بروٚنہہ پہن
پکِتھ کرٕن سلام۔

س اَمس پرزناونچ کوشش کران مگر یہ اوس بلکل ووپر۔ یہ اوسنہٕ اتھ
دمس تام ایکسن زٕہی وچھمُت۔ اَمی ووپرن وۄن ''تہِ چھوٕ مسٹر ایکس''۔
میہ چھِ ایکس ونان ''یہ وۄن ایکسن۔
''اَسی ہکہٕ دہن پنداہن منٹن الگ بہتھ'' ووپرن وۄن۔ ''میہ آسہِ
توہہِ ستۍ کینٛہہ ضروری کتھ کرنہِ''۔

ایکسس اوسنہٕ کینٛہہ تہِ فکرِ تران۔ سُہ پۄک بڑ ونٛہہ بڑ ونٛہہ تہٕ ووپر
پۄکُس پتہٕ پتہٕ، وَزِس منز وٲتتھ پھیٚرِ ییم دٕ چھنہِ طرفہٕ ڈرائینگ رۄمس کُن۔
ایکسن زآج بجلی تہٕ ووپر انسان بیوٚٹھ بڑٕ اعتمادسان صوٚفس پیٹھ۔

ایکس تہِ بیوٹھ۔ سگریٹ ڈٔبۍ کڈِن تہٕ پلناوٕن وو پرس کُن، تمۍ ووٚنُس
''شکریہ۔ بہٕ چھُس نہٕ سگریٹ چوان''۔
ایکسن زول پانہٕ سگریٹ۔ تس اُسنہٕ تگانۍ کتھ شروٗع کرنٕۍ۔ سُہ اوس
اکتھے ہناوہ شلیومُت تہِ تکیازِ وو پر اوسُس بٔتھس کُن مُدّے گٔنڈِتھ۔
کیٛنژٕ کالس کوٚرووپرن ژاسہِ ٹوکاہ تہٕ ووٚنن ایکسس۔
''پرٛنس زائیوٚن تہۍ''۔
''مِس نینسی زانن'' ایکسن ووٚن ہناوہمہٕ سان ''۔ سو چھےَ ازکل ایسٹرن
پورٹ گارٛڈ''۔
وو پرن کُرژھوپہٕ چند منز کوٚ ڈُن فوٹوٗ تہٕ چھُ گرااتھ کُن تہٕ گراایکسس
کُن وُچھان۔ امہِ پتہٕ پھوٚلُس وٕٹھن پٹھ اُسن تہٕ فوٹو، ٹیبلس پٹھ تھاوتھ
ووٚنُن ایکسس۔ ''میأنۍ پہچان چھنہٕ غلط۔ اسہِ چھِ ہتھ ہر اسہٕ پسوان کرنٕۍ''۔
ایکسن وُچھ ٹیبلس پٹھ پٔنن فوٹوٗ تہٕ تمۍ کٔڈ ووٹھ۔ امایہٕ کمۍ اوس تہندِ البمہِ
منزٕ کوٚڈمُت؟ ــــــ ظاہَر نینسی! ایکسن زون ازنینسی ہیژ اہ آبہٕ پیٹھۍ چھےَ تمہِ جاۂ
چھےَ آبہٕ تلۍ۔
وو پرن ووٚنُس ''بہٕ چھُس پرٛنس سندِ طرفہٕ آمُت یا بوٗزی تو مِس نینسی
ہندِ طرفہٕ۔ پرٛنس صحبن تہٕ مِس نینسی سوٗزنو سلام''۔
یہِ بوٗزتھ تروو ایکسن پھرٕ بکھ ہیوٚ ہ۔ تمِس ژوٚل واریاہن دوہن ہُند
ٹھن شن۔ وو پرن کوٚڈ کرٛژہِ تلہٕ اکھ بیگ۔ یہِ اوسنہٕ اوٚ تام ایکسن وچھمُت تکیازِ
یہِ اوس وو پرس ژادرِ تلۍ۔ یہِ بیگ پلنووُن ایکسس تہٕ ووٚنہٕ نس ''ژتجی ساس''۔

ایکس بہر یوونہٕ اتھ ستۍ اتھہٕ لاگنس۔ وو پرس اوس بتھس پیٹھ اُسن۔
سُہ ووٚ تھ تھوٚو، ایکسس ستۍ کوٚرن اتھہٕ واس تہٕ دژاو۔ ایکس دژاس دروازس
تام پتہٕ پتہٕ۔ سڑکہِ پیٹھ وأتتھ کھوٚت وو پرشخص جیپہٕ۔ ایکس اوس راوان زِ
تس أسنہٕ گرِینہٕ وزِاتھ جیپہِ پیٹھ نظرِ پیٚمژ۔

ایکس اوس توٚ تام جیپہِ ہنٛزِ پتمہِ وو زجہِ لایٹہِ کُن وُچھان یوٚ تام جیپہِ
موڑ پھیر تہٕ نظرِ وَڈٕج ایکس ژاو اپس، ڈرائنگ روٗمہٕ کہِ ٹیبلہٕ پیٹھ تلُن بیگ
روپیہ گنز راوہٕن۔ امہِ پتہٕ تھاوہٕن بیٚیہٕ أتھی بیگس منزتہٕ بیگ تھووُن سیفس
منز۔ امہِ پتہٕ گوبہٕ روٗمس منز ییٚتہٕ مسز ایکس أس۔

مسز ایکس أس مس نیندرِ۔ سوٚ أس بسترس منز بلکل ننگے شُنگتھ۔ نیندرِ
منز أسی تس وَدَن ہکی گرٛہان تہٕ ہکوستۍ اوٗسس سوٗرے پان دِنناونہِ یِوان۔
ایکسس گرٛ ہِ ہاشک زِ أمِس نشہِ چھُ کانٛہہ مرداوسمُت تہٕ امہِ چھُ تس ستۍ
لڑأے کرِمژ تہٕ سُہ ژٕلتھ چھُن ووٚ دمُت تہٕ ودان ودان چھُس نیندر پیٚمژ۔
مگر تہِ أسنہٕ صوٗرت تکیازِ ایکسن اوس مسز ایکسہِ شاندس پیٹھ بتھی لبہٕ تل حأکم
اعلاسٕندس مدنوار نیچوِ سُند فوٹو وچھمُت ـــــ یہِ وُچھِت یُدوے ایکس
اوس شرارت کھوٚتمُت مگر یہِ اوس تس انسانہٕ سُند شرارت یَس نہٕ چھانٹنس
سوٚمب جوٗرتھ آسہِ۔

دراصل أس ووٚنی مسز ایکس تہٕ تتھ مقامس پیٹھ وأژمژ ییٚتہٕ بتھ تس
اولادسنٛز خأہش مژر أس تلان ــــــ سو پکہِ ہانوَن رتھن گوٚب یِڈ بتھ،
أندری أندرِ وَنوِہاتہٕ أخروُچھِ ہاکہِ دوہہ تَس بتھ یُس أہنز یِڈ منز بنیومُت،

پڑتھیومُت تہٕ بڈ یومُت آسہِ ہا۔ تہندِ خأطرٕ گرٛ ھِہس دِلس منز فکر تہٕ پرأگندی پأدٕ، تس لاگہِ ہا نکِی نکِی نوی پلَونألی، پتہٕ آسہِ ہأسہ کوچھِ منز ہتھ گُنہِ گُنہِ جایہ گرٛ ھان ییٚتہِ تس یزتھ آسہن کران زِیہِ پچھ موج، پوٕتھر واجینٛز تہٕ موٗلہٕ ڈ رنٕی۔

مگر تس اوسنہٕ ایکسس نشہِ گرٛ ھنہٕ وزِ لوٗپ کڈنس وونہِ یِوان۔ تس اوسنہٕ چیف صأبن، ڈپٹی صأبن، صحبن تہٕ سکٹری ین نشہِ امانت رٹنس وونہِ یِوان۔ تس ٲس یمن سارِنٕی ہنز نفرت، تس ٲسی یم سأری کھران۔ یم ٲسی پننہ نبن گرن منز پرٕدٕ دار تہٕ سترٕ وألی، یزت دار تہٕ بڈی موہنوی مگر یموٕی ٲس منز ایکس ڈسٹ بن ہش زأنی مژٕ۔ سرکأری خزانن لوٗٹ گُرتھ تہٕ حقُل ناس کھبتھ ٲسی یم ٲمس تہِ جسمس ماوض آٹہِ نوٗ ناہ دِوان۔ تہٕ ایکس ـــــ؟ سُہ اوسنہٕ منز ایکسہِ زانہہ انسان گنز رو ومُت مرد چھنہٕ کتھی۔

منز ایکسہِ ینہٕ آناہ لوٗ ز مژٕ ٲس زِ مدنوار واتہِ تنہٕ ٲس سو ودان تہٕ رِوان آسان۔ تنہٕ ٲس تس سأرسی ستی دِلچسپی رأ وہمژٕ۔ تنہٕ ٲس سو ایکسس تمہِ نظرِ وٕ چھان زنتہٕ دپان ٲسس ''کوتاہ بے حیا چھک''۔

تہٕ از ٲس سو ایکس نہِ نیرنہِ پتے ہلکأری ہوٗنی ہش وولیژٕ۔ گوڈٕ اوسن ایکسس پوٚت پوٚ تایہِ وٕ ہومُت تہٕ پتہٕ اوُسن ووٚ دمُت۔ ٲخرس اوسن مُدنوار سُند فوٹو تلمُت، تتھ مونہِ کرِ مژٕ تہٕ سُہ پانس ستی رٹتھ شوٚنجمژٕ۔ تمہِ اوس تس اولاد موٚنگمُت تہٕ کاغذس پٹھ فوٹوہن ییٚلہِ نہٕ موزٕمُت اوُسس منز ایکسہِ اوس باکہِ ووٚ دمُت تہٕ لِی کران ٲسس نیندر پیمژٕ۔

ایکس بہر یِونہٕ ٲمس نشہِ سوٚنگنس۔ سُہ شوٚنگ رأتی راتس ڈرائنگ

رۄمہٕ صۄفس پیٹھ۔



# XVI

یہِ شہر چھُ آفاہن ہُند شہر۔ یێتہِ چھَ اَکس پتہٕ بیا کھ آفاہ پھٲلان تہٕ لۄک چھِ اخبارَو بدلہٕ یمنٕی پیٹھ پڑھ کران۔ وار یاہ کتھہٕ یمہٕ گوڈٕ گوڈٕ ژھوپہٕ ژھوپہٕ تہٕ ژۄرِ ژۄ دِ آفاہہ ہشہِ پھٲلیمٕژ آسہٕ، آسہٕ اَخرس پزٕ دژ امٕژ تہٕ لۄکن اوس ووٕنی یقین سپُد مُت زِ یہ کینٛژھا ژھوپہٕ ژھوپہ تہٕ ژۄرِ ژۄرِ پھٲلان چھُ چھیکرس چھُ اخبارَو تہٕ ریڈیو خبرَ وبدلہٕ ﺗﯽ پۆز آسان۔

ۄ آفاہ اسہٕ ہمیشہٕ ہیرِ مہِ طبقہٕ پیٹھٕ شروع سپدان تہٕ یۆتام یمہٕ وارٕ وارٕ بٔنٛ مِس طبقس تام واتان آسہٕ تۆتام اَس یمن صۄرتھی مسخ آسان سپزٕمژٕ مگر بنیاداٚ سنکھنہٕ زٕنہی غلط آسان۔ مثالے اگر ہیرمہِ طبقہ پیٹھ آفاہ نیرِ ہاز کأنسہِ کھێو واکھ ہۄن، پٕنٛژ مہِ دوہہ اوس سأری شہرس پھٲلیومُت آسان زِ کٕمی کھێیہِ ہتھ ہۄنی ــــــ حأکمِ اعلا اوس دانا تہٕ تدبیر باز۔ سُہ اوس یمن آفاہن ہُند فأیدٕ تُلان۔ سُہ اوس پانس نسبت پنہٕ نٕین خاص اہل کارن ہندِ ذریعہٕ رٕ ژٕرٕ ژٕ آفاہ پھٲلاوان۔

مسز ایکسہِ اوس بۄ زمُت زِ حأکم اعلا سُند مدنوار نێچو واتہِ آفاہ اَس تٕمی چھُ تورَے نیتھر کۆرمُت تہٕ تمِس چھَ آشنہِ دا جس منزا کھ فیکٹری اٚنٛی مٕژ۔ یہِ

بۆ زِتھ أس مسز ایکس پھلوأے گاۂمژ ۔ تمہِ اوس سورُے کینٛہہ پنُن سٹینڈرڈ بڑاونہٕ باپتھ کۆرمُت مگر وِہلایتہِ چہِ فیکٹری کۆت واتہِ ہا؟! امہِ کنِٛ اوس تس زأری سنٛدی پأٹھی ہارُنک احساس گنیومُت تہٕ امی احساسہٕ أس ہلکأری گاۂمژ ۔ خبر کوس آش ہیتھ أس سوٚدُنہٕ پراران ــــــ پراران تہٕ ودان۔

آفاہ أس دوہہ پتہٕ دوہہ گنیمژ ۔ آرگنایزیشنہِ کیوٚ کارکُنو أس استقبالچ تیأری شروع کٔرمژ ۔ چیف صأبن، ڈپٹی صأبن، صٔحبن، سیکٹری ین تہٕ ڈایریکٹرن أسی بٔڈی بٔڈی چندٕ دِتی متۍ ۔ ایکس اوس صُبہ پیٹھٕ شام تام آوٗر آسان ۔ تہٕ أتھی منز دژ اوشیٖن سنٛدِس اخبارس منز مدنوارسُند فوٹو، تس ستۍ اوس أکِس زنانہِ ہُند فوٹو ۔ خبرِ منز اوس لیکھت زِ مدنوار واتہِ جلدی پنٛنہِ آشینٛز ہیتھ واپس، عوام چھُ استقبالچ تیأری کران تہٕ حأکم اعلاہس چھِ مبارکی پأغام واتان ۔ شیٖن سنٛدِ اخبار کِہ طرفہٕ تہِ اوس حأکم اعلاہس مبارک پیش آمُت کرنہٕ تہٕ مہرازس تہٕ مہرِینہِ زٕیٹھ وأنس تہٕ میوٚٹھ بتہٕ آمُت کانٛچھنہٕ۔

ووٗنۍ أس شہرس ووسہٕ دژ وسہٕ لیجمژ ۔ شیٖن نس اخبارس منز آسہٕ ہمیشہ بیالہِ أندرِمہِ خبرٕ چھپان تہٕ یِم خبرٕ آسہٕ مصدقہٕ آسان ۔ سأری لگۍ آوٕری ــــــ جِنہٕ پپر تہِ تہٕ سوٗرمٕلتھ ژوٗرسادتہِ ۔ آرگنایزیشنکۍ کارکن تہِ تہٕ چیف صأب بیٛترِ تہِ ۔ نینسی تہٕ پرٛنس پیٛہِ ایسٹرن پورٹہٕ پیٹھٕ وأتتھ ۔ بیٛیہِ تہِ آے واریاہ تِم تہِ یِم ویٛدی أسی تہٕ تِم تہِ یِم نہٕ ویٛدی أسی۔

مسز ایکس أس کُنی زٔنی لیس نہٕ کہنٛہی کرُن اوس ۔ تہنٛدی کنِٛ گوٚژھ مدنوار ہوأیی اڈس پیٹھ وأتھی ساریے طنابہٕ ژٹُن تہٕ کُنی دَوِ پاگلہٕ سنٛدی

پأٹھی لاران لاران مسز ایکسہٕ نشہٕ واتُن تہٕ اتہٕ أمی سُند کلہٕ پنہٕ نس سینس ستی رٔٹتھ وٕنن ــــــ ''میہ دِژہ معأفی ۔توہہِ لوٗگوٚ میانہٕ ستی کأنی تکلیف''۔

امہٕ پتہٕ گوٚ ژھ سہ مسز ایکسہٕ پانس ستی نٔین تہٕ الگ خبر کتھ جایہٕ گژھن ییٚتہٕ نہٕ یمن دون ٔکہنٛہی زانہٕ ہا ــــ تتہٕ گژھی مسز ایکسہٕ شُری زبوٗنی تہٕ مدنوار مدنوار گوٚ ژھ سوٗرے دنیا مُشرتھ محبت موٚ زوٗری کرُن شُربن پھانپھلاونہٕ باپتھ۔ ــــ مسز ایکسہٕ اوس جنتُک تصور یہوے۔

مگر یہ سپد یا کینہٕ نہٕ ،تہٕ آسہٕ مسز ایکسہٕ خبر ــــ أڈاہ أسس پژھ زِ یِی سپد ، اڈ ڈاہ اوسُس شک ۔ییٚلہٕ پژھ أسس گنان سوٗأس مدنوار سنٛدِس فوٹوہس موٚنہٕ تہٕ میٹھی کران تہٕ ییٚلہٕ شک اوسُس گنان سوٗأس اڈ ش تژ اوان ۔تھدِ تھدِ ودان تہٕ باکہٕ ژھٹان۔

أخر ووت سہ دوہ ییٚمہٕ دوہہٕ مدنوارس جہازس منز واتُن اوس۔ سأرسی شہرس آسہٕ ڈیڈ بناونہٕ آمژ ۔ دشمن أسی جیل خانن منز بند آمتی کرنہٕ تہٕ موٚزوٗر، گرٛہستی تہٕ ملأزم أسی وتہٕ وتہٕ ڈِ پھربن منز جنڈٕ ہے ہے پراران۔

مسز ایکس دژ ایہ ۔تمہٕ کوٚر میک اَپ ۔سُم کٔڈن کھوورِ انٛد ۔زٕ ٹھبن أچھر والن تام کوٚرُن کرٛل تہٕ بتھی لبہ وہ شلاوبن ۔تہٕ آسہٕ باوجوٗ دلوگُن سے سوٗٹ یُس تمہٕ دوہہ نألی اوسُس ییٚمہٕ دوہہ مدنوارس ستی أخری ملاقات کوٚرمُت اوسُن ۔تہنز کریم کلرفیٹ أس ہوأیی اڈس کُن دوران تہٕ توہندِ دل اوس تہندٕ کارِ بروٚنٹھ بروٚنٹھ دوران۔

ہوأیی اڈس پٮ۪ٹھ اوس شأمیانہٕ گنڈنہٕ آمت ۔شامیانس تل آسہٕ کُرسیہ

تہٕ ٹیبل لاگنہٕ آمتۍ ۔ٹیبلن پیٹھ اُسی پوشہ گندی ۔اتہِ سیمیٹنن بڈٕ ن لوٗکن اُسی پوشہِ گندی تہٕ مالہٕ اتھن کبتھ ۔حاکمِ اعلا اوس یانہٕ تہِ پوشہِ مال ہیتھ تہٕ تھنز آشینٛز یوس اکہِ وقتہٕ مسز ایکسہِ کلاس فیلو اُس ،اُس فرکوٹ لاگتھ موصوٗم دبدر ہِش اکس کُرسی پیٹھ حاکمِ اعلاہس کھووِری کنہٕ بہتھ ۔بڈی بڈی لوٗک اُسی یمن برونٹھ کُن گژھان ،نمتھ سلامہٕ کران ،مبارک کران تہٕ زنتہٕ الغاٰیہٕ پوشہ مال یا پوشہِ گوٚندہاوان تہٕ کُرسی پیٹھ بہان۔

شامیانہٕ نیبر کنہٕ اوس لوٗکہٕ سوٚ دُر ۔تم اُسی کھڑ بکل گرہن ہندی پاٹھی اکھ اکس دکہٕ دِوان ،برونہہ پکان ،پتھ گژھان ،نارِ دِوان تہٕ جوش ہاوان یمن اُسی ڈنڈٕ ہے ہے پُلسہٕ وٲلی تہٕ آرگنایزیشنکی کارکُن حسابہٕ سان بہاونچ کوٗشش کران ۔ایکس تہِ اوس لوٗکُٹ کین اتھس کبتھ ہیتھ لوٗکن بہناوان۔

یۍمہِ ساتہِ مسز ایکس ہوٲلی اڈس پیٹھ وٲژ لوٗکہٕ سوٚ درن آسہٕ وَتہٕ بند کری ہِژ ۔یہ اوسنہٕ مسز ایکسہِ ہندِ خاٗطرٕ ممکن زِ سو واتہِ ہا شامیانس تام ،مسز ایکسہِ تھاٗوکار اکس کُن تہٕ ہیوٚتُن برونٹھ پکنہٕ خاٗطرٕ وسیلہٕ ژھارُن ۔تمہِ وُچھ دوٗرِ ایکس لوٗر روایان تہٕ لوٗکن بہناوان ۔سو دِیہ ہا تسی کربکھ زِمیانہٕ بایتھ کڈ وَتھ مگر ایکس بوزِ ہانہٕ ۔سہٕ اوس بڈٕ آوٗرتہٕ دِیان اوسس زیاد پہن شامیانس کُن۔

مسزِ ایکسہِ گو تمہِ ساتہِ پننہِ غلطی ہُند احساس یۍلہِ تمہٕ نینسی ہشین ،چیف صاٗب بیترِ شامیانس تَل وِچھی ۔اُمس توٚر روونی فکر زِشوٗتھِ چھُ ژیری گوٗمُت تہٕ وونی چھُ اوٚ تتھ واتُن محال ۔مگر تمہِ ہاٗرنہٕ ہمت ۔تمہِ کُرکوٗشش

برونٹھ برونٹھ پکنچ ۔ أکِس پُلسہٕ وألِک سٕنِدِ مدِدٕ وأژ سو سمنزس تام تہٕ ووٗنۍ اوُسس شامیانس تل واتنَس کٕمۍ کینژھا پکُن ۔

أتھی منز گو جہازُک ءگس ءگس ۔ لۄکن منز سپٕز کھل بٔلی ۔ کُمی تام دیُت نارٕ ، سارٕوۍ کۄر زندہ باد ۔ سأری ؤتھی تھۄد ۔ مسز ایکس گیہِ لۄکہٕ جمکٹھس منز بند ۔ برٛونٹھ پکنچ آسنہٕ کتھی ، سو آس ووٗنۍ پتھی نیرُن یژھان ۔ تس ہیۆتُن دم گژھُن ۔ سو أس زور کٔری کٔری جمگٹھٕ منز نیرُن یژھان مگر لۄکہٕ ژبلہٕ ژبلہٕ أس ترٛژھ زنتہ سمندر ءگتہِ مسز ایکس پانَس تل تہٕ پانس منز جذب أس کرٛمژ ۔ تس پھٕٹ گمہٕ ۔ زٲوی جو نَر بو چھ پننۍ کنۍ برونٹھٕ کنہِ کٔمن دکہٕ دِوان مگر انداز اوُسنہٕ کیہنٛہی ۔ مسز ایکسہِ اوس وہمہٕ گژھان زِ شوٗٹھ گژھنہٕ دمہٕ سٟتۍ پھٹنۍ ۔

جہازٕ کتنتھ بیۆٹھ ۔ تمہِ منز ءگس دژاو تہٕ تس کتھٕ کٔنۍ سپُد استقبال ۔ یہِ ۆچھنہٕ مسز ایکسہِ کیہنٛہ ۔ سو أس زُو بچاونہِ چہِ کشمکشہِ سٟتۍ آوٕر ۔ سو أس ٲنزی ٲنزی نارٕ بوزان تہٕ بنگولن ہندی صداہ بوزان ۔ امہِ وقتہٕ اوس جمگٹھٕ زیادٕ ہُران تہٕ مسز ایکس أس زیادے لتہٕ مونجہِ گژھان ۔ تس چھنہٕ یہٕ تہِ خبر زیم لۄک کپٲری دژاے تہٕ وارٕ وارٕ ہمیہِ ۔ ییلہِ سو امہِ آولنہِ منزٕ موکلتھ پننہِ کارِ منز وأژ تس أس لتہٕ مونجہِ گأمتِمن کھورن دگ ، تس آسہٕ نرِ زنتہِ پھچمژ ۔ تس اوس مس پریشان تہٕ میک اَپ اوُسن نہناونہٕ آمُت ۔ کارِ منز بہتھ شیشس کُن نظر پنہنہ آو تس پننۍ شکل ۆچھتھ وَدُن ۔ تمہِ کٔر کار سٹارٹ تہٕ کُنی دوِ وأژ پٲنُن گرٕ ۔

سو أسنہٕ کأنسہِ بُتھ دِنۍ لایق تہِ روٗزمژ ۔

گرٕ وأتتھ کھۄت مسز ایکسہِ گوڈ پتھ تہٕ پتہٕ گٔھژس زبردست ءتر ۔ تس

أسنۂ ہسکتھی ۔ سو پیۂ بسترس منز تہٕ ژھاَنڈِن کانگر۔ تس أسنۂ صوٚرتھ تھوٚ دۂ تھتھ کانگر سندارنس سوٚمب یا گرم آبہٕ بوتل تھاونس سوٚ مب ۔ سو پرار ییہِ ایکسس ۔ سو أس ازیژھان زِ گرس منز گوٚ ژُھس بییہِ کانژھا آسُن ۔ مگر اتہِ اوٗسُس نہٕ کہنْہی ۔ ایکس تہِ اوسنہٕ کُنہِ نوٚنے ۔

مسز ایکسہِ کوٚر چیف صاٚبس ٹیلی فون ۔ تتہِ ٹُل کمہِ تام زنانہِ تہٕ زنانہٕ آواز بوٗ زتھ ترٛ وو مسز ایکسہِ یکدم ریسیوٗر پتھر ۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن ڈایریکٹر صاٚبس ۔ سُہ اوسنہٕ گرِ کہنْہی ۔ مسز ایکس بامبر ییہِ تکیا زِ تس آس ساٗرسیٖ پاٗنس تھرتھر، تمہِ کوٚر ایکس منٛزس ٹیلی فون مگر سُہ تہِ اوسنہٕ گرِ مسز ایکس گییہِ پرٛ ژھینٛ گُنی زٔنی تہِ لاچار ۔

مسز ایکسہِ چھنہٕ خبری زِ تمہِ کتھٕ کُنی کٔڈ راتھ ۔ صبحس أس تس رژھ کھنڈ فرق مگر تس أسنہٕ اکھ رژھ تہِ ہسکتھ ۔ تس أسنہٕ تھودوو تھنس تہِ سامرتھ مگر مران زُوان پیوس ووٗتھن ۔ الکیٹرک کیٹلہِ منز آب گرماٗوِتھ بناٗوِن پاٗنس کرٛژھ چاے ۔ گرم چایہِ پیالہٕ جوراہ چیتھ ژایہِ نِو سرٕ بسترس منز، روٗم ہیٹر لوگُن تہٕ ہیوٚتُن شونگُن ۔

یہِ أس وُنہِ ہُشیارٕ رے زِ کٔمی تام دبوونبر درواز پیٹھ گاٗنٹی بوٗٹُن ۔ مسز ایکس گییہِ خوش زِ انسان شکلہِ چھُ کُستام اوہند گرِ یوان ۔ سو وٗژھ تہٕ مژ روٗن درواز ۔ دروازس پیٹھ اوس زیوٗٹھ کرہُن اُورکوٹ لاٗ گتھ بڈٕ اہ اکھ ۔ مسز ایکسہِ کُن نظر پیتھ کٔرتمی سلام تہٕ دوٚ پنس ۔ ''بہٕ چھس سنگیت سمبنْدٕرک ووستاد ۔ بہٕ چھُس ایکس صاٚبس سمکھُن یژھان'' ۔

ووستاداوس یمہٕ کتھ وناں تہٕ مسز ایکسہٕ تھلہٕ تھلہٕ وِ چھان۔ تس تۄ رنظر
ستی فکر زِمسز ایکس چھےٚ بیمار۔ سُہ گوشعۄز دہیۄہ زِ غلط وقتہٕ اوس اور آمُت تہٕ
مسز ایکسہٕ اوسُن تکلیف دِیتمت۔ مسز ایکسہٕ اوسنس وۄنمت۔

''صحب چھِنہٕ ییتہٕ کینہہ۔ تہندِ باپتھ اگر کانہہ میسج چھُو، سو تھٲوِیو۔ ڈِ لیو
أژِ ی یواندر''۔

ووستادٲ دژاو مسز ایکسہٕ پتہٕ پتہٕ۔ مسز ایکس ژاہٕ ببڈ رۄمس منز۔ ووش
تژ أوِتھ کھژ پلنگس پیٹھ۔ سو أس ووستادس یژھان باوُن زِ شوٗہر چھےٚ بیمار تہٕ
چانہِ رفاقتُک چھُم ضرورت مگر ؤنتھ أسنہٕ ہبکان۔ ووستادس تۄ رپٲنی پانے فکرِ
وۄتھ توہہ چھُنہٕ صحت ٹھیک شاید''۔

مسز ایکسہٕ وۄنُس بیمار بتھس پیٹھ کُمجار أنتھ۔ ''اۄمیہ اوس شاید
ایکسپوجر گومُت۔ ٹمپیر چراوسُم''۔

''ووٗنی کیاہ کۄرو علاج'' ووستادن پژ ژھنس رتہٕ جذبہٕ سان۔ تس
أس خبر کیا زِ مسز ایکس پَر ژھینٛی موصوٗم کوٗرہَش باسیمژ۔

''وُنہٕ نہٕ کہنہی''۔ مسز ایکسہٕ وۄن۔ ''صحب چھُ راتہٕ پیٹھ آورِ۔ دواہ
بنیو ونہٕ اَنُن۔ ''اگر میہ دِیو اجازت، بہ اَنہٕ، ووستادن وۄن۔ میہ لگِہ نہٕ کہنہی''۔

''یہٕ گوتوہہ بٔلی تکلیف'' مسز ایکسہٕ وۄن۔

''میہ چھےٚ پانس تہٕ کورِ'' ووستادن وۄن مول بٔنتھ تہٕ مسز ایکسہٕ ژلہٕ ہا
وَدَن کربکھ نیر تھ۔ سو رٹہٕ ہا أمس نالہٕ متہٕ تہٕ وَدِہا ــــ وَدِہا پنہٕ نِس مألس
ماجہِ یہنز نہٕ تس ووٗنی واریاہ کالہٕ پیٹھ کہنہی خبر أس۔ مسز ایکسہٕ کۄر جگرٕ تہٕ

اوٚش رُکوٗ ن۔

ووستادٕ سِندِ زورِ کوٚرمسز ایکسہِ ڈاکٹرس ٹیلی فون تہٕ تس ووٚنُن سورُے کیثہہ۔ امہِ پتہٕ ووٚنُن ووستادس۔ ''توہہِ لگہِ تکلیف ،تتھ چھس بہٕ مأفی منگان۔فلأنی جایہِ چھُ ڈاکٹر اگر تہٕ تس گژھیوسہٕ دیٖو توہہِ اتھ دواہ''۔

ووستاد گوو تہٕ یوٗت مسز ایکسہِ ووٚمیدأس تمہِ کھوتہٕ تہٕ بروٚنٛٹھی آو دواہ ہیتھ۔تٔمی تھأوا کھٕتے مسز ایکسہِ کھورن تل گرم آبہٕ بوٗتل تہٕ یٖمہِ خأطرٕ مسز ایکس ٹھنٛز تژھی مشکلہٕ رروٗزیٖژھ وأری وبو تژ أوہژ کانٛہہ ماجہِ یتیم کوٗرپنہٕ نِس مألکِ سٕنٛز مشکلہٕ رروزِ۔

''توٚہی کتھہٕ کنٛی أسی وٕ آمتیٚ''؟ مسز ایکسہِ پرٛژھ ووستادس۔

''سنگیت سینٹرٕ باپتھ اوس چنٛدٕ ضرورت ،ووستادن ووٚن منٛد چھان منٛد چھان''ایکس صأب چھِ تتھ سرپرست تہٕ اَسہِ چھُ وُنہِ سٹافس تہٕ تنخاہ دِنٛے۔

سنگیت سینٹرُک سورُے سٹاف اوس کنٛے ووستادٕ۔مگر مسز ایکسہِ أسہٕ تہٕ خبر تہٕ نہ باسے لیس ونکبس تہٕ مولوٗم کرنٕچ ضروٗرت۔تٔمس أس ووستادن رفاقت گٔرمژ تہٕ مسز ایکس أس تس امیک بدلہٕ ہورُن یژھان۔مسز ایکسہِ کوٚڈ شانٛدٕ تلہٕ پٔرس۔امہِ منٛزٕ کڈِن ہتہٕ روپیٚنۍ پانٛژ نوٹ تہٕ پکناوِن ووستادس ''رٔٹیو توٚہی یہِ۔یہِ چھُ میانہِ طرفہٕ۔صحب یہِ کیٛژھا دِوان آسن تہٕ سوزن تم توٗری۔

ووستادس توٚر فکرِ زِ مسز ایکس أس أمِس موموٗلی کامہِ ہُنٛد ماوضہٕ دِوان۔سُہ رٹہِ ہانہٕ۔سُہ دار ہانہٕ أمِس کورِ ہندبن پونسن اتھہٕ مگر گرِ اوٗسنہٕ

کہنٛہی ۔ تتہِ اوٚسُس اتھہٕ تنگ تہٕ اوٚے کٔنٛز اوس یہِ ڈٔلۍ زِ تہِ بچھنہِ آمُت ۔
مند چھان مند چھان دورٕ تمی اتھہٕ ، پٲنسہٕ رٔٹِن تہٕ دڑ او۔
ٹیبلیٹ کھبتھ تہٕ دواہ چیتھ ترٛ آو مسز ایکسہِ نیندٕر۔



# XVII

مسز ایکسہِ ییٚمہِ ساتہٕ نیندٕ رلوتییہِ تہٕ حبس ہیوٗ ہ پھیوٗ رتس اوس سوٗرے
پان جوشہٕ ستۍ مشأیل ہیوٗ ہ دزان ۔سو دِیہ ہابڈٕ ہٹہِ تہٕ بے پھرُک پٲٹھی کریکھ۔
''وأے'' تہٕ سینہٕ لوتہِ ہس مگر دڑن نہٕ تکیا زِتمہِ بوٗ زاپارِ کتھ کتھ۔
ڈرائینگ روٗمس منز اوس ایکس تہٕ بیٚیہٕ بیاکھ مرد۔ امہِ علاوٕ اُس نینسی۔
یِم أسی خوش تہٕ اسان اسان تھدِ ہٹہِ کتھہٕ کران ۔امایمن أسہٕ خبر زِ مسز ایکس
چھَ بمار؟ امایمَو اوسہٕ تہِ زأنتھ تہِ سومنسأ وہرٛ؟ ___ مسز ایکسہ ژٕج غنودگی،
کن گأس کھڑاتہٕ چھ کوشش کٔری کٔری یہنز کتھ بوزان۔
ڈرائینگ روٗمس منز اوس ایکس، نینسی تہٕ پرٛنس۔یِم أسی ٲلۍ تفرتح
باپتھ چوان تہٕ کتھہٕ کران ۔ایکس اوس ونان۔'' میہ کتہٕ ہیوٗک تس ستۍ ہینڈ
شیک کٔرِتھ۔ أسی أسی نالوٗک بہنا وٕنس ستۍ مصروف''۔
نینسی ترٛ وواسن کھنگالہٕ تہٕ گبتن منز ووٚنُن ''سٹیم پیڈ''، مائے گاڈ۔مگر
میہ ترٛاوِس پوشہِ مال نٲلی ۔بیٚیہِ کٔرونہٕ توہہِ اکھ کتھ محسوس شاید___''۔
پرٛنسن ژٕٹ أہنز کتھ تہٕ ووٚنُن ۔''میہ أس اکأے فکر۔ میہ

گوٚ ژھنہٕ مالہِ کانٛہہ تھپھ دیُن ۔ ۂتِنٛ وُ ہ نوٹ تہٕ سأسیُن اکھ.........''۔

''گُڈ گُڈ'' ایکسن ووٚن ۔ بہٕ تہِ کرٕ ہا کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ مگر بہٕ لوگس نا آ گنایزشن والیو سُلہِ پتھے کامہِ ۔ بلاک صدرن ووٚن میہ ، ژٕ کرسا ماب کنٹرول کرنس مدد''۔

''ذلیل کُتہٕ'' نینسی ووٚن ظأہر بلاک صدرس متلق تہٕ امہِ پتہٕ ووٚنُن ۔ ''یپٔلہِ میہ مسز مدنوارِ سٕتۍ ہینڈ شیک کران تس یُور ہاے نبس ووٚن ، حأکمِ اعلاہن کُراسنہٕ ہنا''۔

''دیٹ واز ماسٹرسٹروک'' یہ ووٚن پرٔنسن نینسی داد دِوان دِوان ۔ تہٕ نینسی گیہ لوکٹس شُری سٕندی پأٹھی خوش تہٕ کوٚرُن اسان اسان ژرِ پوٚپ ۔ ''سو تہِ گیہ یُور ہاے نبس بوٚ زِتھ خوش___''۔

''بٹ شی از پیس آف بیوٗ ٹی'' ایکسن ووٚن پرٔنس کُن نظر دِتھ یانے یہ ترٲسہِ مردٕنی فکرِ تہٕ پرٔنسن ووٚنُس در جواب:''ماسٹر پیس''۔

'' نظر چھَ أمِس تاون زدس طوٗ فانٛچ '' ایکس اوس مدنوارس متِلق ونان ۔ تہٕ پرٔنس اوس تمہِ اندازٕ گلاسس دام دِوان زنتہٕ أندری ونان اوس ۔

''نصیبہٕ والین چھِ یتھی گون آسان ۔''

نینسی أسنہٕ کہنٛہی ونان ۔ تس أسنہٕ ژکھ تہِ کھسان ۔ تس اوسنہٕ پرٔنس سٕندس خیالن منز راوُس پتھ تہِ کانٛہہ شک یا شکہٕ گرٛھان ۔ سو أس لوٚت پأٹھی چوان۔

کینٛژس کالس گیہ ژھوپہٕ ۔ تہٕ أتھی منز گیہ بڈ روٗمہٕ منز

آواز۔ ''وائے''۔

یہ اوس مسز ایکسہ لرِ پھرن دِوان ہنگہٕ منگہٕ نیرتھ ژۄلمُت۔تَمہِ آسہٕ یہنز کتھ بوزمژ تہٕ تس اوس أندری پننہٕ بد قسمتی پیٹھ وَدُن آمُت۔ساری أسی تس نشہِ وأتی مِتۍ یَس نشہِ واتنہٕ باپتھ مسز ایکس ژۄن ؤرین کریشان أس۔پرٕنسن أسنس مال تہٕ تژ أومژ تہٕ نینسی ہینڈ شیک تہِ کۄرمُت مگر مسز ایکس أس لۆکہٕ ژبلہٕ ژبلہٕ منز تتھ کُنی ہینہٕ آمژ زِ تس اوس سأری انہٕ گۆٹے انہٕ گۆٹ باسیومُت۔اگر ایکس انتظام کرنہٕ بجایہٕ مدنوارسی آسہٕ ہامال تژ اونہٕ گومُت ممکن چھُ سہ پرٕژھہِ ہس مسز ایکسہِ متِلق ــــ مگر؟''شی اِز پیس آف بیوٗٹی''۔ایکسنز یہ، کتھ أس مسز ایکسہِ زنتہٕ مغزن ڈۄکرِ ٹاس تژ اوان۔

''ماسٹرپیس''پرٕنسن یہ وُنن اوس مسز ایکسہِ زنتہٕ بتھس کرہنار پاوان۔

''وأے''مسز ایکسہِ ژۄلِ نیرتھ تہٕ اپارِ گیہٕ ژھوپہٕ۔امہِ پتہٕ کُمس تام سِندِ پکنٕج آواز۔

ایکس ژاو بڈرۆمس منز تہٕ اتہِ وچھن مسز ایکس بسترس منز پیمژ۔

''مائے گاڈ''ایکسس ژۄل وژھہِ وأنجہِ نیرتھ۔''ژٕ چھکہٕ ییتہٕ بسترس منز تہٕ اسہ نہٕ خبری''۔

مسز ایکسہِ وۆنُس نہٕ کینٛہہ۔تمہِ اوس لرِ پھرُن دِتھ بُتھ لبہٕ کُن پھیرُمُت۔ایکس بیوٗٹھ بڈچہِ ڈٕندرِ پیٹھ تہٕ مسز ایکسہِ تھووُن ڈیکس پیٹھ اتھ۔مسز ایکسہِ کھۄراو ہنداتھ۔یہ اوس تژن تیٚز ہیوٗہ مگر مسز ایکسہِ وۆن نہٕ کینٛہہ۔

ژیہٕ چھِے ہاے ٹیمپریچر'' ایکسن ووٚن ۔سُہ ووٚتھ تھوٚد تہٕ دژاو ڈرائینگ روٗمس منز۔ اتہِ ووٚنُن نینسی تہٕ پرٕنسس۔ '' مسز ایکس چھےٚ بیمار تہٕ میہ اُسنہٕ خبری''۔

نینسی آیہِ دوران دوران تہٕ ژایہِ بیڈ روٗم ۔بیڈس نکھہٕ وأتتھ کوٚر رُن مسز ایکسہِ آلو۔مگر تمہِ کُرس نہٕ کتھ، سوٚ اُسنہٕ کانسہ ستیٚ کتھ کرنی یژھان۔ایکس ژاوتہٕ ووٚنُن نینسی کُن '' نینسی پلیز ژٕ کرکھاُمس اٹینڈ، بہٕ انن ڈاکٹر۔''

یہِ ونان ہیوٚت ایکسن نیرُن مگر مسز ایکس ؤژھس لبہِ کُن بُتھ پھرِتھی '' میہ چھُ دواہ انٕنو وُمت۔تھینک یوٗ''۔

ایکسن مائنی نہٕ اُہنز یہِ کتھ۔مسز ایکسہِ کانٛہہ جواب دِنہٕ ورأی دژاو سُہ۔نینسی بیٹھ کُرسی پیٹھ تہٕ پرٕنسن ووٚن۔دروازس تل یتھ'' میہ چھا اندر اژنک اجازت''۔

نینسی ووٚنُس '' اُژیوتام بہوٚ بیٚتی''۔مسز ایکسہِ کُر نہٕ کتھیٖ۔

پرٕنسن ووٚن نینسی کُن۔'' یمن کتھ چھُ تکلیف''۔

نینسی کوٚڈ بزوٚڈ یہ ہاونہٕ باپتھ زِ میہ چھنہٕ خبر تہ نہ چھَم دلچسپی۔مگر بڈِ ووٚنُن '' شاید چھُس فیور''۔

'' یمن چھُ ایکسپوجر گومُت''۔ پرٕنسن ووٚن پننِس کنہِ تسلی دِوان۔

'' پرواے چھنہٕ کینٛہہ۔پگاہ تام آسن ٹھیک''۔

نینسی ترٕ اُونس بٔڈِ بتھس کُن نظراہ زنتہٕ دپان اُ ءسس '' وُچھ کتھ مصیبتس لگی۔مگر بڈِ ہٹہِ ووٚننس '' مگر اُز یک ڈِنر.........''۔

پرٛنسن ہووُنس اورٕ اشارٕ زنتہٕ ونان اوُسس۔ ''یہٕ چھُ آمتٕ ، یم گیہ دہ پندہ منٹ'' مگر زورٕ زورٕ ووٗنس''۔ آ ۔۔۔ ڈِنرس پتھ چھ یہُند آسُن ضرؤری۔ میہ چھےٚ خیال حأکم اعلا ژھانڈن یمن تتہٕ ..........'' ستی ووٗن پرٛنسن زنتہٕ بیا کھ خیال ییتھ۔ یم اُسی نہٕ راتھ رسپشنس تہٕ کینٛہہ۔ کِنہٕ میٚے گیہ نہٕ نظرِ!''۔

''وون ییلہِ تکلیف اوُسس'' ییٚہِ ہا کیتھ کنٛ'' نینسی ووٗنس''۔ گوڈا وسہٕ سُہ رِسپشن۔ سُہ اوس سٹیم پیڈ۔ بہٕ چھس دپان تیتھی لوٗک کتہٕ اُسی آمتہٕ''۔

''مگر ژ یہ کوٗرُتھ کمال'' یہ ووٗن پرٛنسن نینسی''۔ ''یہٕ نا یُو رِہاے نبس'' نینسی آو پننہِ چالاٗ کی پیٹھ اسُن تہٕ پرٛنس اوُسس داد دِوان۔ ''یو آر ویری اِنٹلجنٹ ..........''۔

''پتہٕ اُس تس مسز چیف، مسز ڈپٹی، مسز سکٹری بیترِ یُو رہاے نبی ونان مگر گوڈٕ کوٗر شروع میہ تہٕ تہِ کوٗر حأکم اعلاہن تہِ مارک۔ اکھتے مدنو ارن تہٕ''۔

''تمی چھےٚ صحتہٕ ہن ٹھیک کرٕ مژ ووٕنی'' ووٗن پرٛنسن''۔

''صحتہٕ ہن کیاہ چھن ٹھیک کرٕ مژ'' نینسی ووٗنس ''سُہ ہے چھُ شُر من ٹینک ہیوٗہ گومُت''۔

دوشوٕے تژ وواسُن۔

مسز ایکسہِ توٗ رِیہنٛز وکتھو تلہٕ فکرٕ زِ از چھُ حأکمِ اعلاہن نچوٗس تہٕ نوشہِ ہندِ باپتھ سال کوٗرمُت۔ تس توٗ ریہ تہِ فکرٕ زِ باقی ین ستۍ اوس تس تہِ ساکس

گژھُن ۔مگر سوچُن زِ بیمار آسنہٕ کنٕ ہیکہِ نہٕ شوٗڈ گژھتھ ۔اتھ پٕٹھ کھوٚژس سخ ژکھ ۔تس اوس نینسی ہُنٛد گیتٕ مارٕنی تہٕ روٗحس زن سنان ۔تس اُسی یم دوشوے کھران ۔سو ژھنہِ ہایمن پننہٕ گرٕ منزٕ کڈٕتھ ۔سو لاگہِ ہاکربکھ تہٕ کربکھ دِتھ ونہِ ہایمن___ ''گیٹ اَوے یوٗ بلڈی فوٗلز''۔

مگر کیاہتام رُکاوٹ اٮ۪سس ۔یمن کڈِتھ ژھنِتھ وَدِ ہاسو، سبٹھاہ وَدِ ہا___ تس اوس باسان زِ تس ژلن ساری دٲدی وَدَنہٕ ستٕ مگر وِدِنہٕ باپتھ گژھِہس خلوکھ جایاہ آسنٕ ۔تس آیہِ ژاس ۔ژاس کرنہٕ ستٕ لوٚگس سینس تہٕ ہنگہٕ منگہٕ ژوٚلُس نیرِتھ ''واٮ۪ے''۔

نینسی وُژھ تھوٚد تہٕ گیہِ اٮ۪مس نکھ ۔بیٚیہِ کوٚرن اٮ۪مس آلو ۔تہٕ ییٚلہِ نہٕ امہِ جوابٕ دیُتس نینسی گیہِ کرٛژھتام ہش ۔

پٕرنٛسن ووٚنُس ''یہِ چھِ شایداَن کاٚفشبس''۔

نینسی ووٚنُس نہٕ کہنٛہی ۔ بروٚ ڈ کوٚ ڈُن تہٕ بیٚٹھ ۔سو اٮ۪س ووٚنی کاٚفی بور گاٚمٕژ ۔

ایکس آو ڈاکٹر ہیتھ ۔ڈاکٹرن لوگ مسز ایکسہِ تھرمامیٹر تہٕ پتھ وُچھن اکھ ہتھ ترٛیہ ۔کُر لاج سٹیتھس کوپ تہٕ تہٕ امہِ پتہٕ لیوٚکھُن نُسخہٕ ۔

مسز ایکسہِ پیو امہِ وقتہٕ لرِ پھیرُن دِیُن مگر تمہِ تُجہٕ نہٕ کاٚنسہِ کُن اٮ۪چھ تہٕ تہٕ نہٕ کُرن کاٚنسہِ ستٕ کتھ ۔سو اٮ۪س ڈاکٹر سنٛدس وَنس ماتحت زبو تہٕ ہاوان، تھرمامیٹر اٮ۪سس منزٕ تہٕ رٹان، نبض تہٕ وُچھنہٕ دِوان تہٕ سٹیتھس کوپ تہٕ لاگنہٕ دِوان مگر پانہٕ اٮ۪سنہٕ پننہٕ مرضی کنٕ نہٕ حرکت کران تہٕ نہٕ کتھ ۔تمہِ دیُت نہٕ ڈاکٹر سنٛد بن

سوالن تہٕ جواب۔ تہٕ تہندِ تسلی دِنہٕ پھوٗلس نہٕ وٕٹھن پٔتھ بیمار اُسن تہِ۔

ڈاکٹر دراو۔ ایکس دژ او ڈاکٹرس سٕتیٖ دواہ اننہٕ۔ تہٕ تہندِ نیرنہٕ پتہٕ ووٚن مسز ایکسہِ تالوٗس کُن اُچھ لاگتھ نینسی تہٕ پرٛنس۔ ''بڑیو وونی تہۍ تہِ۔ تھینک یوٗ''۔

تہِ بوزِتھ زنتہٕ نینسی جیلہٕ منز آزاد سپٕز۔ مگر پرٛنسن ووٚن ''بین مسٹر ایکس اور، پرواے چھا''۔

مسز ایکسہِ ووٚن یورٕ بیٚیہٕ جذباتو رواٗے ''تھینک یوٗ، پلیز، اچھا''۔ یہِ ''اچھا'' ووٚن تمہِ تتھ کنٛز زنتہٕ الودِع کوٚرنکھ تہٕ امہِ پتہٕ پھرُن بُتھ نوسرٕ لبہٕ کُن۔ نینسی وژھ۔ پرٛنس تلُن اتھ لٕمتھ تہِ دوشوٕے دژاے۔ نیران نیران ووٚن پرٛنسن۔ ''اچھا ایکسس ژٕنی زبو وونی سپدِ تتھی ملاقات۔ اگر توہہِ تہِ فرق اُس تیٚلہٕ گژھِ تہُند تہِ واتُن''۔

مسز ایکسہِ زننہٕ بوزُے کینٛہہ۔

تہندِ نیرنہٕ پتہٕ ژٕ ژھ مسز ایکس تہٕ بیٹھ بڈس پٔتھ شانہٕ گٔندس سٕتیٖ ڈوٚکھ دِتھ۔ ٹیلی فون تلُن تہٕ پھرُن نمبر ــــ یہِ نمبر اوس تمی کوچھِ ہُند یتہِ تس مدنوارس سٕتیٖ گوڈنیک ملاقات سپدمُت اوس۔ تس اُس راے زاوٕر تلہِ سہ ریسپورتہٕ کرِ ''ہیلو''۔

یورٕ ونبس مسز ایکس ''ژیہ چھے خاندرُک مبارک''۔ امہِ پتہٕ وَدِتہٕ ہِک گژھان گژھان ونبس۔ ''پیڑ تہِ روزِ نہٕ آداٗیی۔ ژون ژٕرین نٔے شیٚچھ پاٗغام سوزوتھ، یوروٗ تتھ ژھاٗنڈی زِہم توتہِ''۔

اوڑ ونہٕ سُہ۔ ''ہابہٕ اوسستھ ژۍ ژھانڈان۔ حأ کمِ اعلاسنز دزٕ ی۔

ہوأ یی اڈس پیٹھ تہِ تہٕ تمہِ پتہٕ تہِ''۔

یوڑ ونبس مسز ایکس'' ژ یہ ماچھے پتاہ بہٕ کمہِ شوقہٕ أ ٔسس ہوأ یی اڈس

پیٹھ ژ یہ بُتھ وُچھنہِ وأ ژمژ مگر تتہِ کیاہ سپدُم تہِ زانم پٔنن پان''۔

ممکن چھُ یہ بوٗ زِتھ تژ اوسٕہ ریسیوٗر پتھر کارِ کھسہِ تہٕ سیٚو ڈُے واتہِ

کالونی منز مسز ایکسہِ ہُنڈ گرِ ژھانڈان ژھانڈان۔ اتہِ رٹن یم اکھ أ کِس

نالہِ متہِ۔ مسز ایکس وَدِ تہٕ مدنوار ونبس ''کوتاہ لول اوس میہ چون آمُت۔

میأنۍ دڑی چھے ژھو یہ نَے کرکھ۔ یم أچھ ٹلکھ نا اکھ رژ ھا میہ کُن''۔

گأ نٹی أ س بجان مگر اوڑ اوسنہٕ ریسیوٗر کھٔنی ٹُلان۔ مسز ایکسہِ أ س

دِلس دُبرارے ہُران۔ سوأ س پننہٕ نوکنو ہوڑ کہِ ٹیلی فونچ گأ نٹی بوزان مگر توڑ

اوسنہٕ ٹلأنی کانہہ۔

یٚمہِ دوٚہ تہٕ تمہِ دوہہ تُل کُم تام ٹیلیفون۔ مسز ایکس وو شلییہِ۔ اوڑ آیہِ

آواز۔ ''ہیلوٗ''۔

یہ أسنہٕ تہنز آواز۔ یہ أ س وٚبھرٕ تہٕ جأہل آواز۔ مسز ایکسہِ ووٚ ن۔

''تہٕ چھوِ ___ نمبرٕ پیٹھٕ بولان؟''۔

اوڑ آیہِ آواز'' اِ یہوے نمبر چھُ''

مسز ایکسہِ ووٚ ن۔ تہٕ کم چھِو؟''۔

اوڑ آیہِ آواز'' بہٕ چھس ارڈلی''۔

''مسز ایکسہِ ووٚ ن'' مدنوار چھا أ تھی''؟

''اورِ آیہِ آواز'' نہ ییتہ چھنہٕ''۔

مسز ایکسہِ وۆ ن۔ تم کتھ نمبرس پیٹھ ہکن سمکِتھ؟''۔

اورِ آیہِ آواز'' اسہِ چھنہٕ کہنہی پتاہ۔ تم چھنہٕ ییتہٕ ٹھہرِتھ''۔

مسز ایکس گیہِ مایوٗس۔ ٹیلیفون ترٛ ووٗن۔ کمبرس کھوٗتس ترِ کوٚنڈ ہیوٚہ تہٕ اوٚش ووہ تھس دٕرایہ۔

مسز ایکس گیہِ ییمہِ خیالہِ زیادٕے مایوٗس زِ از شامس چھُ تہندِ طرفہٕ سال مگر سوٗ اَسنہٕ تو رگژھنٕ لایق تہِ۔ تس اٗس ترِ تہِ تیہِ علاوٕ نربن زنگن دگ۔ تس اوس سینہٕ ترٛبن تہٕ کھورٕ چھا پننٕ لگان۔ تس اٗس ژبلہٕ ژیلہِ منز پان بچاوان ہٕژٕ ی پھِری متۍ ــــــ تس اوس اٗچھن انہِ گوٚٹ ہیوٚہ گژھان تہٕ اوٚش اوٗسس پاٗنی پانے وسان۔

کیاہتام خیال ییتھ تُل مسز ایکسہِ نوٚسرٕ ٹیلیفون تہٕ پھِرٕن حاٗکِمِ اعلا سُند نمبر۔ اورِ کوٚرکٕی تام مردن'' ہیلو''۔

مسز ایکسہِ ژٕ ڈ شرمہِ ہندی ساٗری پرٕدٕ تہٕ وۆ نُن'' مدنوار چھاٗ تھی؟''۔

اورِ آیہِ آواز'' تہٕی کم چھِو؟''۔

مسز ایکسہِ وۆ ن'' بہٕ چھس مسز ایکس تہٕ تِمن ستۍ چھم ضروٗری کتھ کرٕنۍ''۔

اورِ آیہِ آواز'' تہُ ؤ نیو پٹن نمبر۔ بہ ونہٕ تِمن، تیٚلہِ کرن یوٗرٕ ٹیلیفون''

مسز ایکسہِ وۆ ن پُٹن نمبر۔ نمبر بوٗزِتھ ترٛ ووادرکٕ مردن ٹیلیفون۔ مسز ایکسہِ تہِ ترٛ ووتہٕ بیٹھ شانٕ گنٕدس ستۍ ڈوٚکھ دِتھ انتظار کرنہِ۔

واریاہس کالس کوٚرنہٕ اورٕ کٲنسہٕ ٹیلیفون۔ واریاہس کالس اَس مسز ایکس بیٚہِ تہٕ بیٚہِ ٹیلیفون تُلان یہِ وُچھنہٕ باپتھ زِ خراب ما گو۔ واریاہ لٹہِ پھیٖر تمہِ حأکمِ اعلاسُند نمبر یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ سہ ما گو خراب۔ واریاہ لٹہِ آس سہ انگیج تہٕ واریاہ لٹہِ گیہِ تتھ رِنگ۔ تورٕ اوس تمی ہی مردِسُند ''ہیلو'' گژھان تہٕ مسز ایکس اَس یہِ بوزتھ یکدم ٹیلیفون ترٲوان۔

ایکس آو دواہ ہیتھ۔ ڈاکٹرن اوس مکمل آرام تجویز کوٚرمُت۔ کھینہٕ رٕنگی صرف دود تہٕ بیٚہِ دواہ ـــــ ٹیبلیٹ تہِ تہٕ مِکسچر تہِ۔ ایکسن ونہٕ یمہٕ سارےی کتھہٕ مسز ایکسہِ۔ مسز ایکسہِ لوگ تیتھ وٕطیر زنتہٕ باوان اَسس زِ شوٹھہِ چھُنہٕ بلکل یمن چیزن ہند ضروٗرت تہٕ ژٕ چھُک بٔلی وق ضایع کران۔ ایکسن وۄنُس ''دواہ گوترٕ یہِ ترٕیہِ گأنٹہِ پتہٕ۔ دودتھاوِ بہٕ تھرماسس منز گرم کٔرتھ۔ نینسی تہٕ پرنس کوٚت گیہِ؟''۔

مسز ایکسہِ وۄنُس ''بیٚتہٕ کیاہ کرٕہن۔ میہ دیُت ملِہ اجازت''۔ ایکسن وۄنُس۔ نہ۔ اسہِ اوسنا سہی کوٚرمُت یکوٹہِ سالس گژھُن۔ وون گژھٕ ہانہٕ بہ مگر چارٕ ماچھُ۔ اکھُتے اوٚن میہ یہِ سبٹ تہِ پرٕزنٹ کرنہٕ باپتھ''۔ ایکسن کوٚڈ سوٗنہٕ سُند زیور سبٹ تہٕ ہوٗون مسز ایکسہِ۔ تمہِ تُجِہ نہٕ اتھ کُن اَچھ تہٕ صرف وۄننس ''جان گو گژھیو تُہی۔ تیٚلہِ گژھی ژٕیر''۔

ایکسن وۄٹ سبٹ تہٕ تھوٗون چندس۔ یہِ کران وۄنُن۔ ''یکیاہ بہٕ انےٚ دود گرم کٔرِتھ''۔

مسز ایکسہِ وۄنُس۔ ''بہٕ چمہٕ تمہِ ساتہٕ پانےٚ ییٚلہِ مأل آسم۔ گژھ نیر

ژ"۔ ایکس وۄتھ تہٕ دژاو۔

سُہ اوس پننہِ کنہِ مسزا ایکسہِ ستہِ نیکی ورتاوان مگر یاسان اوُسس تس چھنہٕ وَیان۔ امہِ کنہِ تنگ یتھ کوٚرنہٕ تمہِ تس زیادٕ زورتہِ۔ لوتی دژ اوتہٕ گوسالس۔

مسزا ایکسہِ آونہٕ اوِر کانٛسہِ ہُند ٹیلی فون۔ تس پیٚہِ نیندرتہٕ پتہٕ روٗزس نہ پتاہ زا ایکس کرآیو وسالہٕ پیٹھ۔



# XVIII

سال اوس حاکمِ اعلاسندِس نٔوس بنگلس منز۔ اَکس ہالس منز اوس مردن ہندِ خاطرِ انتظام تہٕ دٔیمس ہالس منز زنانن ہندِ باپتھ۔ ہالس اَسی لبن ستہِ صوٗفہٕ سجاوِتھ تہٕ سالرٕ اَسی یمن صوٗفن پیٹھ بہتھ مگر بوٗٹ اَسی سارِوی وِزس منز کڈی متہِ۔ یم خدمتگار سنبالتھ تھاوان اَسی۔

ہالس اَسی منزس دوشوٚی اندو سفید شیٖن ہی زٕ تھٕکی دسترخانہٕ وٗہرِتھ تہٕ تالوس الأندی جارن ہنزٕ سارے بتہٕ آسہِ شولان۔

ییٚمہِ ساتہٕ ایکس اورژاوا تہِ اَسی منسٹر، تھدی سِول افسرتہٕ سبٹھاہ تھدی غأر سِول افسر بہترین سوٗٹ لاگی لاگی صوٗفن پیٹھ بہتھ اسان تہٕ کتھٕ کران۔ یموٗ علاوٕ تہٕ اَسی وارِیاہ لوٗک۔ ایکس منسٹرتہٕ اوس۔ شیٖن اوس تھدِ تھدِ کتھٕ کران تہٕ ونان۔ "میأنی کأم چھ صرف کورپشن ایکسپوز کرُن"۔ پرٕنس تہٕ اوس۔ تس اَس أندی أندی پننہِ ڈٕ پھر۔ چیف صأب، ڈپٹی چیف، ڈایریکٹرتہٕ ایکسایز

صحب بیترِ اٚسی سأری۔ تَم افسرتہٕ اٚسی یہنذٕ آوازٕ ایکسن ٹیپ آسہٕ کرناوی مژ تہٕ تَم تہِ اٚسی یِم کرٛژن تام پونسن پٮ۪ٹھ کأم بنأوان اٚسی۔ سُہ نفرتہِ اوس یُس ایکسن کاہ شتھ رو پیہ دِتی متۍ اٚسی۔ سُہ اوس نوٚ وسوٚ ٹ لأ گتھ پٔنٕنۍ ڈِ پھر ہیتھ تھدِ تھدِ اسان تہٕ سُہ نفرتہِ اوس یُس ایکسن صرف تمہِ وزِ وچھمت اوس ییلہِ سُہ ژادر وٚلتھ پرٛنس سنٛدِ طرفہ رو پیہ ہیتھ آس۔ سُہ اوس پٔنٕنۍ ڈِ پھر ہیتھ تہٕ تس ہی اٚسی بیٚیہٕ تہِ کینٛہہ یمن نہٕ ایکس زانہِ ہا مگر تَم اٚسی خبر ِکتھٕ کٕنۍ ایکس، پرٛنس تہٕ ژادرِ وٲلس ستۍ رلان۔ ایکس اوس اٚکس اٚکس ستۍ ہینڈ شیک کران، اسان، سگریٹ چوان تہٕ سونچان ـــــ

'' گٹہٕ کارِ کس ییتھ کہکشانس منز کأتیاہ نظام شمسی چھِ تہٕ پرٛ ہتھ آفتابس چھِ پٔنٕنۍ الگ الگ تہٕ بیٚ ن بیٚ ن سیارٕ گتھ کران''۔

حأکم اعلا ژاوتہٕ سأری گےتھوٚ دوٚتھتھ۔ ساروٕ کوٚ رمبارک مبارک۔

حأکمِ اعلا ہن کوٚ ر اسوٕنہِ ہونجہِ اٚکس خأرپأٹھ، بیٚیس اتھٕ واس، ترٛیمس اسوٕنۍ نظر تہٕ ژوٚ رِمس آلو۔ '' ہے ایکس، وارے چھکھٕ''۔

یَس حأکم اعلا آلو کرِ ہا سُہ اوس ساروٕی کھوتہٕ خوش نصیب۔ باقی اٚسی تس کٕن رشکہِ چونظر وٚ چھان تہٕ پتہٕ اٚکس اسوٕنہِ ہونجہِ نوٚ و خأر پأٹھ پرٛژھان۔ زنتہٕ سے اوس یمن سارنی ہُند بچاون ہار آسان۔

حأکمِ اعلا بیوٚ ٹھ پیٚٹھمہِ انٛدٕ اٚکس صوٚفس پٮ۪ٹھ۔ خدمتگار وتھٲوس ٹی پاے بروٚنٹھ کنہِ تہٕ سالرٕ وہیوٚ ت اکہِ اکہِ وٚتھتھ تس بروٚنٹھ کٕن گرٛشن۔ تس ستۍ اتھٕ واس اٚ رتھ ٹیبلس پٮ۪ٹھ پرزنٹ ترٛ اوٕنۍ۔

تیمہِ ساتہٕ ایکسہٕ سبز وٲری وٲژ تمہِ ساتہٕ اوس ٹیبل برٕتھ آمُت۔ ایکسن وُچھ زِ تو ہند پرزنٹ اوسہٕ باقی ین کانٛسہِ مقابلہ کھسِتھ یا ٔ قیمتی۔ بوز وٕ ہے کینٛہہ پرٛزنٹ ٲسی تتھی خوبصورت تہٕ تتھِ داتکی زِ ایکسس تورنہٕ فکرِ تہٕ زِ یم کمکی چھِ۔

یہٕ رسم موکلِتھ بیٹھی سٲری صوفس پیٹھ۔ ایکس منسٹر آوتہٕ بیوٗٹھ ایکسس نشہِ۔ سُہ اوس خوش۔ سٲری ٲسی خوش۔ سارنی ٲس راے زِ ووٚنی یِیہِ مہرازتہٕ اِد گرٛژھ کھنہٕ چنک انتظام شروع۔ مگر مہراز آو نہٕ کینٛہہ۔ کمی تام غارٕ سِول افسرن پرٛژھ تہِ حاکمِ اعلاہس تہٕ تمی ووٚنُس تورٕ بڈٕ ہٹہِ ''تس ٲس تھکاوٹ، سُہ چھُ آرام کران''۔

امہِ پتہٕ ووت دسپاک۔ حاکمِ اعلاہس برونٛہہ کنہٕ آے سٲری پرٛزنٹ ٹلنہٕ تہٕ تم آے پتٔی مہِ درواز کنٕ نِنہٕ۔ ٹی پاے تہٕ آیہٕ ٹُلنہٕ۔ امہِ پتہٕ وۄتھ حاکمِ اعلاتہٕ بیوٗٹھ ڈائینس پیٹھ دسترخانس نشہِ۔ سٲری بیٹھی تتھے کٕنز دسترخانس أندیٔ أندی تہٕ دسپاک موکلِتھ ووت بتہٕ تہٕ بیٚیہِ رنگہٕ رنگہٕ ضیافژ۔

کھبتھ چینتھ وۄتھ تہٕ ژاو حاکمِ اعلا پتٔی مہِ درواز کنی اندر۔ سٲری وٲتھی تہٕ ہیوٚتُکھ نیرُن۔ خدمتگار ٲسی ڈبن منز سگریٹ ہتھ پھیران تہٕ أکس أکِس مہماس برونٛہہ کُن گژھان۔ ڈھرِ آسہٕ پانہ وٲنی اسن کھنگالہٕ ماران تہٕ کتھ کران۔ ایکس منسٹر اوس ایکسس ستی کتہٕ پکان۔ أکِس بیٚیس نشہِ نوان تہٕ سگریٹ چوان۔ یی کران وٲتی یم صحنس منز۔

زنانہٕ تہِ آسہٕ کھبتھ چتھ موکلیمژٕ تہٕ ووٚنی آسہٕ نیران تمہٕ آسہٕ اکہِ اکہِ

پنہٕ نبن رٕنبن یا یارن ستۍ کارن کھسان تہٕ اکھ اکھ کار اُس نیران ۔ ٹریفک پُلسہٕ وول اوس سایڈ ہاوان، کھورہن ٹاس کڈان تہٕ سِلوٹ کران تہٕ وِسَل وایان۔

شپنس اُس آشینٛژ ستۍ ۔نینسی کھرٕ پرنس ستۍ تہٕ دژ ایہٕ ۔ایکس منسٹر اوس ایکسں پرٛژھان ''ونہٕ ؤژھ نا مسز ایکس؟''۔

''سو کتہٕ اُس آمٕژ'' ۔ایکسن وۄنُس ڈٕندی مِش کران۔ ''تس اوسنہٕ صحت ٹھیک'' یڈٕ برٕتھ اُس ایکس منسٹرس مسز ایکسہٕ ستۍ ملاقات کرنٛچ کل گنیمٕژ۔ ایکسنٛی یہٕ کتھ بۄزتھ گوتس مزاز خراب۔مگر امہٕ باوجوٗد ہوٗ ن تشیو یش۔

''کیاہ دلیل۔وارے چھا؟''۔

''تس اوس ایکسپوجر گومُت'' ایکسن وونس کتھ ژٕٹہٕ وِنٛ۔

''اوٚہ۔تیٚلہِ پیٚہ تس خبرِ ین'' ایکس منسٹرن وۄ ن۔

''وول گو صبحس ۔وُنکبس آسہِ سو شۄ نچمٕژ''۔ ایکس اوس یژھان زِ ایڈیٹ گۄ ژھ تچھ ٹلنٛ۔

''وُنہٕ گونہٕ تیوٚت ژیر کینٛہہ'' ۔ایکس منسٹرن دِژ گرِ گُن نظر تہٕ اتہٕ وِچھن رأژہنٛز کاہ بچیمٕژ ۔یُدوَے یہِ وندٕچ نصف راتھ گٔیہِ مگر تس باسیو خبر کیا زِ وُنہِ گونہٕ ژیر۔

''نہ جناب ۔ژیر ہے گو سبٹھاہ'' ایکسن وۄنُس تمہِ طریقہٕ یُتھنہٕ ہُمس دَیم کتھ کرنس وار روزِ۔تہٕ ستی وۄ ننس۔ ''اچھا___ تیٚلہِ گو پگاہ''۔

''مگر ڈاکٹر گژھبس جان پہن انُن'' ۔ایکس منسٹرن وۄ ن ایکسس

پتہٕ پتہٕ پکان۔

ایکس کھوٚت گاڈِتہٕ دڑاو۔

گرِ وأتتھ ؤچھ ایکسن مسز ایکس کوٗتھٕل کرِتھ بہٕڈس پیٹھ شُنگتھ۔ تمہِ اوسنہٕ دواہ کھیوٗمُت تہٕ نہ دود چوٗمُت۔ ایکسن کوٚرنہٕ تس شکیٖ تہٕ شوٚنگ صوٗفس پیٹھ۔ تس آیہِ نہٕ ژیرتام نیٖندر۔ سونچان اوس حأکمِ اعلاہس کأژاہ بٔڈ یڈ چھَ۔ کوتاہ چھُ أمِس واتان تہٕ شرٕ پان۔ تس اوس نہٕ باسان ییٚتھ کہکشان ییٚمہِ چہٕ یڈ منز واریاہ ستارٕ تہٕ سیارٕ گردشس منز چھِ تہٕ سارنٕی ہندِ باپتھ کھلہٕ ڈُلہٕ جاے چھَ۔



# XIX

صُبحس ییٚلہِ ایکس ہُشارٕ گو مسز ایکس أسنہٕ بہٕڈس پیٹھ کینٛہہ۔ یہِ زأنِتھ زِ سو آسہِ باتھ روٗم گأمژ وۄتھ ایکس تہٕ ژاو بہٕڈس منز۔ سُہ اوس ازمسز ایکسہِ ستۍ دِل ہمژ رِتھ کتھ یژھان کرنہِ۔ تس اوس ازپٔنن پان ماوٕ تہٕ شانہٕ باسان تہٕ محسوس اوسُس سپدان زِ تس چھُ ووٚنۍ سورُے کینٛہہ فکرِ تورمُت تہٕ ووٚنۍ پزِ تس مسز ایکسہِ تہٕ مایہِ تہٕ محبتہٕ سان تہٕ کینٛژھا فکرِ تارُن یہِ أخری، حتمی تہٕ اصلی حقیقت چھَ۔

کالہٕ ییٚمہِ ساتہٕ سُہ سال کھبتھ گرِ اوس آمُت تہٕ گرِ أہِن صوٗفس پیٹھ لرِ ترأوِمژ تس أسنہٕ واریاہس کالس نیٖندرٕ آمژ۔ وُنۍ سنٛگتھ أس تمۍ ختم بند تالوس

کُن مُدَ ے گنڈٕ مژ تہٕ پأنٕی پانٕے اوُسس خیال آمُت۔

''اتھ یتیٚس کہکشانس منز چھُس بہٕ تہٕ اکھ تارُکھ۔ یُدوَے بہٕ شنیاہ بُزی گژھت راوِ تہٕ، کانہہ بیا کھاڈلہِ نہٕ میزانہٕ۔ سأری چھِ پنہٕ نِس پنہٕ نِس مدارس پیٹھ کشِشہٕ ہنزن رزن منز بند دَوان تہٕ دوران۔ سأری چھِ اسان گِندان تہٕ شادکران تہٕ سارنٕی چھُ پنہٕ پنہٕ جایہِ غلط فہمی زِ میانی نہٕ میانی وجوٗدٕ ستیٚ چھُ یہِ کہکشان ناپہٕ وُن تہٕ زوتہٕ وُن۔ مگر حقیقت چھُ بلکل بدل''۔

ایکس اوس دوہہ اکہِ مصنوٗعی تاریکی پأٹھی شُنس منز لاینہٕ آمُت تہٕ تہٕ أسی تمی کمہِ تام کنٹرول روٗمہٕ پیٹھ سِگنلہِ تحت تم سأری کارگری متیٚ یم تس از أچھن ڈیلیشمان أسی۔ یہِ چھُ پوٚز زِ از چھِ تس بنکس منز ساسہٕ وادروہ پیہ، سیفس منز سونہٕ ترلہٕ، المارِ ہندِ بن ''بی، تہٕ سی'' خانن منز ٹیپ۔ یہِ تہِ اوس پوٚز زِ تس أس منز ایکسہٕ ژوٗرِ تہِ سبٹھاہ دولت تہٕ ممکن چھُ منز ایکسہِ تہِ آسہِ تس ژوٗرِ خبر کوتاہ۔ مگر کمہِ باپتھ ــــــ؟۔

اگر یتھ مکانس منز بأژزٕ روزان آسہن، اگر یمن بأژن دون انگ أشناو آسہٕ ہن، گرس منز موہنیو یا دا ے آسہِ ہا، شُرِ زٕ ترٕ یہٕ آسہن تہٕ سوٗرے کینٛہہ توٗن تہٕ ٹاکارٕ آسہِ ہا ـــــ زندگی کأژاہ مُدرتہٕ میٹھ باسہِ ہا۔ شراب چنبس تہِ آسہِ ہالطف، انگن أشناون ستیٚ شادِ غمچ کتھ باتھ کرنس تہِ آسہِ ہامزٕ، شُر بن ہندِ دادِ وأنجہِ منز مُدرمُد ردگ تہِ آسہِ فرحت بخشان تہٕ موہنِوس یا دایہِ حکم کرنس منز تہِ آسہِ ہا بجرُک احساس۔

تس اوس از باس زِسہ (ایکس) تہٕ منز ایکس چھِ زٕ بھوٗت یم پٔنن

مۆرتر اُوِتھ آوارِ چھِ گاٚمتۍ تہٕ اُکی جِنہٕ پیٚرن قوبو کرِتھ پنہٕ نِس حُکمس تابع چھِ کرمٕتۍ ۔ تس آسہٕ پانس اُندی اُندی جاٚدی ہانکلہٕ باسان تہٕ سُہ اوس لاچار ۔ تس اُس وومید زِ یم جاٚدی ہانکلہٕ ژھٔبن صرف مسزا ایکسہِ ہندِ اسنہٕ کِندنہٕ سۍتۍ، شُری پاٚدِ کرِنس پیٹھ آمادِ گژھنہٕ سۍتۍ تہٕ امہِ مدارِ منزٕ نیرِتھ شنہاہچہِ کُنہِ کھوژِ منز قرار کرنہٕ سۍتۍ۔

سُہ اوس یمہٕ کتھِ از مسزا ایکسہِ سۍتۍ کرنہِ یژھان ۔ سُہ اوس تس کتھَو سۍتۍ، اشاروسۍتۍ، محبتہٕ سۍتۍ تہٕ سارٕوی جٕبوَ تہٕ جذبوٚ سۍتۍ فکرِ تارُن یژھان زِ وقتن یُس اسہِ یئڑ واٹھ کۆرمُت چھُ تتھی پیٹھ بناوَو اُسی دِلَن ہندِ مُیل گژھنٕچ عمارت ۔ کوشش کرَو تہٕ یؤت پلہِ تیٚیتۍ جتن کرَویہِ مُیل نارمَل تہٕ فطری بناونہٕ ، سُہ اوس از وونہٕ مژ رِتھ مسزا ایکسہِ ہندبن پادن تل کلہٕ یژھان تژ اوُن تہٕ تس تہِ تہِ باوُن یہِ نہٕ از تام بووُمت اوسنس۔

تس اُس خبر زِ مدارِ منزٕ نیرِتھ تہٕ شیناہچہِ کھوژِ منز قرارِ بہنہٕ کِنی یہِ نہٕ تس سو دولت کانٛہہ یوس تمو جماہ اُس کرمژ ۔ تس اُس یہِ تہِ پتاہ زِ وجۍ دلبنہٕ کِنی ہیکِن تم جنہٕ پیرِ سۍنزٕ وجاٚدی ہانکلو منزٕ کُنہِ تکلیفہٕ ورأے نیرِتھ تکیا زِ جنہٕ پیرس اوسنہٕ دولت مُدعا بلکہ کردار ۔ سُہ اوس کردارس تھِتھ ژھینان تہٕ یُدوَے کانٛہہ نوِ سرِ زندگی پاٚوِتھ پٔنن کردار تٔہندِ غلبہٕ تلہٕ کڈنس منز کامیاب سپدِ ہاتیٚلہِ اوس جنہٕ پیر بے اثر۔

یمَے تہٕ تتھی خیال سونچان سونچان اُس ایکسس خبر کر نیندر پیمژ تہٕ صُبحس ییٚلہِ سُہ ہُشارِ گو مسزا ایکس اُسنہٕ ببڈس پیٹھَ کُنہِ ۔ ایکسن سۆنچ زِ سو

آسہِ باتھ رۄم گامٕژ تہٕ یہِ زانٛتھ زِ تھُے سواو ِ یتھ بیٚہِ بسترس منز اَژِبہٕ کرس زارٕ پارٕ، مائے برٕس تہٕ محبتہٕ سان وَنس سارِیے کتھٕ۔ یہِ تہِ ونس ''یَس ہنزٕ ژیہ راے اٰسِی، زانتہٕ سُہ مۄ دتہٕ ژٕ ترٛ اۄنکھ سہ منزوتہِ۔ یٚیمہِ یور چھے میٚے سَتہ زندگی برٕنٛ''۔

بسترس منز اٰژتھ سینوِلتس کیاہتام کاغذ ورُق۔ تُمۍ کوٚڈ رضایہِ نبر تہٕ چھُ وٕ چھان۔ یہِ اوس حاٰکِمِ اعلا سنٛدِس مدنو ار نِچوٚ ی سُند فوٹو۔ ایکس گیہِ اٰمس کُن وٕچھِتھ نفرت۔ تُمۍ ژوٚٹ یہ فوٹو تہٕ ژٕٹتھ ژٕھنُن ببڈس تل کُن۔ تس گیہِ مسز ایکسہِ ہنز تہِ نفرت مگر ییتی دبأون یہِ نفرت تہٕ وۄنُن پانَس ______ ''یہِ پزٕ میہ ایجوکیٹ کرٕنٛ۔ اٰمس دنیا ہُک ژوٚک مۄ دُرفکرِ تارُن''۔ ایکس اوس بسترس منز پراران۔ سُہ اوس وار یاہس کالس پراران مگر مسز ایکس آسنہٕ نٔی گُنہِ۔ ایکس گو پریشان۔ سُہ وۄتھ تہٕ گو باتھ رۄمس منز نظر دنہِ۔ تتہِ اوس درواژِ یلَے تہٕ مسز ایکس اٰسنہٕ کینٛہہ۔ سُہ ژاو کچنس منز تمۍ دِژ صحنس کُن نظر۔ اتہِ اٰسنہٕ کرٛیم کلرکار تہِ۔ مسز ایکس اٰس کوٚتتام دژ امٕژ۔ مگر کوٚت ______؟ ایکس اٰسنہٕ کینٛہہ تہِ پتاہ۔ تس اوسنہٕ فکرِ تہِ کہنٛہی تران۔

واپس بٕڈس رۄمس منز اٰژِتھ ہیٚژ ایکسن ژبتھ دِنٛی۔ سُہ اوس زانُن یژھان زِ فاقے تہٕ پھُکر ے بمارِ دژ او مسز ایکس کوٚت آسہِ گامٕژ۔ تمہِ اوسنہٕ کہنٛہی دواہ تہِ کھیومُت، تمہِ اوسنہٕ پَے پتاہ تہِ کانٛہہ تھومُت یا کانٛہہ اِشارٕ دیتمت۔ ایکس اوس وُنہِ یمنٔی گوتن منز ٹیلی فونس بجیٚہِ گاٰنٹی۔ ایکسن ٹُل ریسیور تہٕ کوٚرُن۔ ''ہیلو''۔

اوٗر اوس ایکس منسڑ ۔ سُہ اوس مسز ایکسہِ متلق پرژھان زِ کیاہ خبر چھس ۔ سُہ اوس بڈٕ پریشان روٗ دمُت تہٕ ووٗنی اوس اوٗرئی یژھان یُن ۔ ایکسن ووٗننس ــــــ ۔

''ووں چھس خأری ۔ اِو ۔ دواہ چھ کھوان ۔ ؤنکبس چھ ڈاکٹرس گأمژ ۔ تتھے واپس ییٚہ تو ہہِ کرِ یورٕے ٹیلیفون ۔ پتہٕ اگر تہٕ مناسب زأنیٚو اِدٕ أنی تو تشریف ۔ مگر سو وأتن گوڑٕ واپس'' ۔

ٹیلیفون تژ أوتھ اوس ایکس زیادے پریشان گومُت زِ امایہ گیہ کوٚت! وق تہِ اوسنہٕ سُل کینہہ ۔ صبحچہ کاہ آسہٕ بجیمژ مگر تو تہِ کوٚت زن گرژھہِ ہاسو تتھس حالتس منز ۔ ایکس ووٚتھ ، شیو بیترِ کوٚرُن ، بریک فاسٹ کھیون تہٕ دژ او ۔ سُہ گو گوڑٕ چیف صاب سُند دفتر ، تتہِ نیرِتھ گوڈپٹی چیفہٕ سُند دفتر تہٕ امہِ پتہٕ تِمن سارنۍ دفترن یمن سُہ مال سپلاے کران اوس ۔ سُہ اوس مسز ایکسہِ ژھاران مگر سو أسنہٕ کُنہِ تہٕ نہ اوس کانہہ تِہنز شێچھ ونان ۔ ایکس اوسنہٕ یورٕ ہبکان پرٕ ژھتھ ۔ راے أسس زِیم ونم اورٕے ۔ یُد وٕے مسز ایکس کأنسہِ افسرس ستٕگ تہِ گأمژ آسہِ ہا تیٚلہِ آسہٕ نہٕ سُہ افسر دفترس منز ۔ مگر دفتر أسی جان پأٹھی چلان ۔ میٹنگہٕ آسہٕ سپدان ، ۔ پلان أسی مرتب سپدان ۔ نوٚی سامانہ منگناونچہٕ سکیمہٕ آسہٕ بنان ــــــ تِمہٕ سکیمہٕ یمن ہندِ برکتہٕ ایکس ، مسز ایکس تہٕ بییٚہ تہٕ واریاہ یمن ہی لوٗک آباد گرژھان أسی ۔

ایکس تھوٚک سأرسۍ پھیرِتھ ۔ سُہ آو ییمہِ بژأنژ واپس گرِ زِ مسز ایکس آسہٕ وأژمژ ۔ وَتہِ وَتہٕ اوس تس اکھُے پٹن پان بیقل ہیوٗ ہ باسان زِ سو أسی تن

آسہِ باتھ روٗم گامژ تہٕ یہِ زانٔتھ زِ تِتھٕے سو اوٚرِ یِتھ بیٚہِ بسترس منز اَژِبۂ کرس زارِ پارٕ، ماے برٚس تہٕ محبتہٕ سان وٕنس سارِیے کتھ۔ یہِ تہِ وٕنس ''یَس ہنزٕ ژیہ راے آسِ، زانتہٕ سُہ موٗدتہٕ ژٕ ترٕ آوٚنکھ سبہ منزوتہِ۔ یٚیمہِ یور چھےٚ میٚے ہتہٕ زندگی برٕزٕ''۔

بسترس منز اژتھ سینیولتس کیاہتام کاغذ ورُق۔ تٔمۍ کوٚڈ رضایہِ نبر تہٕ چھُوٕ چھان۔ یہِ اوس حأکمِ اعلاسندِس مدنوار نیٚچوٕ ی سُند فوٹو۔ ایکس گیہِ أمِس کُن وٕ چھِتھ نفرت۔ تٔمۍ ژوٚٹ یہ فوٹو تہٕ ژٕٹِتھ ژٕ ھنُن بٔڈس تل کُن۔ تس گیہِ مسز ایکسہِ ہنزِ تہِ نفرت مگر ہتی دبأوِن یہِ نفرت تہٕ ووٚنُن پأنس ___ ''یہِ پزِ میہ ایجوکیٹ کرٕنٕ۔ أمِس دنیا ہٕک ژوٚک موٚدُر فکرِ تارُن''۔ ایکس اوس بسترس منز پراران۔ سُہ اوس واریاہس کالس پراران مگر مسز ایکس آسہٕ نٔنی گُنہِ۔ ایکس گو پریشان۔ سُہ ووٚتھ تہٕ گو باتھ روٗمسِ منز نظر دنہِ۔ تتہِ اوس درواژِ یلَے تہٕ مسز ایکس آسہٕ کیٚنہہ۔ سُہ ژاو کٕچنس منز تٔمۍ دِژ صحنس کُن نظر۔ اتہِ آسہٕ کرٔیم کلر کارتہِ۔ مسز ایکس أس کوٚتام دژ اہمژ۔ مگر کوٚت ___؟ ایکس آسہٕ کیٚنہہ تہِ پتاہ۔ تس اوسہٕ فکرِ تہِ کہٕنہی تران۔

واپس بٔڈس روٗمس منز أژِتھ ہیوٚ ایکسن ژبتھ دِنٕ۔ سُہ اوس زانُن یژھان زِ فاقے تہٕ پھُکرے بمارِ دژ او مسز ایکس کوٚت آسہِ گامژ۔ تمہِ اوسہٕ کہٕنہی دواہ تہِ کھیوٗمُت، تمہِ اوسہٕ پَے پتاہ تہِ کانٔہہ تھووٗمُت یا کانٔہہ اِشارٕ دیتمت۔ ایکس اوس وُنہِ یمنٕ گوتن منز ٹیلی فونس بجیٚہِ گأنٹی۔ ایکسن تُل ریسیور تہٕ کوٚرُن۔ ''ہیلو''۔

اُوڑ اوس ایکس منسرٛ ۔ سُہ اوس مسز ایکسہِ متلِق پرٛژھان زِ کیاہ خبر چھس ۔ سُہ اوس بڑٛ پریشان رُوٗ دمُت تہٕ ووٗنی اوس اُوٚ رِی یژھان ییُن ۔ ایکسن ووٗننس ـــــــ ۔

"ووں چھُس خاٗرِی ۔ اِوٕ ۔ دواہ چھُ کھوان ۔ وٕنکِبس چھُ ڈاکٹرس گاٚمژ ۔ تِتھے واپس ییٚہ توٗ ہہ کرِ یورٕے ٹیلیفون ۔ پتہٕ اگر تُہۍ مناسب زاٗنیوٗ اِدٕ أنی توٚ تشریف ۔ مگر سو واٗتِن گوڑٕ واپس" ۔

ٹیلیفون ترٛاٗوِتھ اوس ایکس زیادے پریشان گومُت زِ امایہ گیہِ کوٚت ! وق تہِ اوسنہٕ سُل کینٛہہ ۔ صحیح کاہ آسہٕ بجیمژ مگر توتہِ کوٚت زن گرژھِ ہاسو تِتھس حالتس منز ۔ ایکس ووٚتھ، شیو بیترِ کوٚرُن، بریک فاسٹ کھیون تہٕ دژاو ۔ سُہ گو گوڑٕ چیف صاٚب سُند دفتر، تتہِ نیٚرِتھ گوڈپٹی چیفہٕ سُند دفتر تہٕ امہِ پتہٕ تِمن سارنۍ دفترن یمن سُہ مال سپلاے کران اوس ۔ سُہ اوس مسز ایکسہِ ژھاران مگر سو اٚسنہٕ کُنہِ تہٕ نہ اوس کانٛہہ تِہنز شیٚچھ ونان ۔ ایکس اوسنہٕ یوڑ ہبکان پرٛژھتھ ۔ راے اٚسس زِیم وٕنم اورٕے ۔ یِدوٕے مسز ایکس کاٚنسہِ افسرس ستۍ تہِ گاٚمژ آسہِ ہا تیلہِ آسہِ نہٕ سُہ افسر دفترس منز ۔ مگر دفتر اٚسۍ جان پاٚٹھۍ چلان ۔ میٹنگہٕ آسہٕ سپدان ، ۔ پلان اٚسۍ مرتب سپدان ۔ نوٚی سامانہ منگناوٕنچہِ سکیمہٕ آسہِ بنان ـــــ تِمہٕ سکیمہٕ یمن ہندِ برکتہٕ ایکس ، مسز ایکس تہٕ بییہٕ تہٕ واریاہ یمن ہی لوٗک آباد گرژھان اٚسۍ ۔

ایکس تھوٚک سأرسی پھیرِتھ ۔ سُہ آوٚ یمہِ بزاٚرژ واپس گرِ زِ مسز ایکس آسہٕ واٚژمژ ۔ وَتہِ وَتہِ اوس تس اکھُے پٔنن پان بیقل ہیوٗہ باسان زِ سو اٚسۍ تن

پننہِ گرِ مزس منز بہتھ تہٕ اُمس ژاوبُلۍ وسواس۔ مگر گرٕ وٲتتھ ؤ چھنہٕ تمۍ مسز ایکس اتہِ کہنٛہی ــــ ووں ہیوٚت ایکسن بامبرُ ن۔

بُلۍ وق کھنچاونہٕ باپتھ کوٚرتمۍ پربشر ککرس منز سیٖن تیارتہٕ کچنسیٖ منز کھیون لنچ۔ اوتام آسہٕ ژ ہشہِ بجہِ ژتہٕ مسز ایکس اُسنہٕ گنہِ۔ ایکس گوٚتس نسبت ووٗنی لا پرواہ ہیوٚ ہ۔ لنچ کھبتھ چوٚ تمۍ سگریٹ تہٕ سگریٹ چبتھ دڑ او کافی ہاوس کُن۔

کافی ہاوس منز اوس تیھتُے کربکہِ نا دتہٕ اسن کھنگالن ہُنٛد شور یُتھ دوہے آسان اوس۔ شیٖن اوس سمنز ہالس اَکس ٹیبلس پیٹھ بہتھ تہٕ تس سِتۍ اُسۍ نینسی تہٕ پرٛنس۔ نینسی اُس اسان تہٕ گِتِھن منز ونان۔ ''میرتج چھ پری می ٹیو انسٹی ٹیوٗشن۔ میہ چھ پرٛنس سِتۍ انڈرسٹینڈنگ، اوٚے چھُس اُمس فیانسی ونان''۔

شیٖن اوس ونان۔ ''یوتام نہٕ اُسۍ ایجوکیشن عام کرنس کُن توجہ دِمَو توٚتام روزِ پرون سماج بدستور زندٕ۔ اسہِ چھُ مغربس نشہِ واریاہ ہیٚچھُن''۔

پرٛنس اوس ونان۔ ''دراصل چھُ پرون سوٗرے پرتجوٗ ڈِسس پیٹھ قایم سُپدمُت۔ تہٕ یوتام نہٕ یم پرتجوٗ ڈس مرَن م توٚتام روزِ انسان اَندرٕ اکھ تہٕ نبر بیاکھ''۔

''یہاے ڈیوٗل پرسنالٹی چھَ دراصل سانٮن لوٗکن ڈوارف بناوان'' شیٖن اوس ونان۔ ''میہ چھُ پننہِ نس سماجس منز اَکس عظیم ہیروسُند تلاش''۔

''سائنس سماجس چھنہٕ ہیرو پاٚدِ کرنچ ہمّتی''۔ نینسی وٚون تہٕ سواُس پزی پاٚٹھی سنجیدہِ ہش۔ اتھ پیٹھ چارِ پرنسن بمہٕ تہٕ تس ہووُن خشم ہیوٚ ہ۔ یہِ

ژٕپنتھ وۆ ن تمہِ یکدم۔ ''آ___ مگرحأ کمٕ اعلاہس منز چھِ ایپک ہیروسنِدی گوٚن''۔

''تتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک'' یہ اوس شین ونان۔ ''مگر سہٕ چھُ یمہِ سوسایٹی اَبو......'' امی ساتہٕ ژاوا ایکس اورتہٕ سہٕ آو سیٚو دُے اُتھی ٹیبلس کُن۔ پرٛنسن کوٚرتس ستیٚ اتھہِ واس۔ نینسی ترٛوٲنس اسوٕنی نظراہ تہٕ شینن وۆنُس۔ ''ہیلو''۔ تہٕ ستی پلنو ونس اتھہٕ۔ ایکسن روٗٹ شین سُند اتھہٕ اتھس منز تہٕ شینن وۆنُس۔ ''ہے واریاہ کال گوژ یہ ستیٚ ملاقات کرنَس''۔

پرٛنس وۆتھُس۔ ''کیاز ِراتھ ہے سال یکوٹہٕ کھیوٚ و؟''۔

شینن وۆ ن۔ ''ہانہ ساسہِ چھَ الگ انڈرسٹینڈ نگ''۔

نینسی وۆ ن گرٛ گرٛ ژھان۔ ''یئلہِ نوٚ وسماج تہِ تأمپر سپدِ تمہِ ساتہٕ تہٕ آسن مردن، زنانن تہٕ مردن، زنانن تہٕ زنانن الگ الگ بِسر۔ تمہِ ساتہٕ تہٕ آسن توہہِ دون بلکل الگ بِسر''۔

سارو ی ترٛوٚ واسُن۔ ایکسن تہٕ اوٚس حالانکہِ سہٕ اوسنہٕ اسُن یژھان۔ سہٕ اوس اتنبتھ عسیمیتمن سارٕنی پرٛژھُن یژھان۔ ''ہے توہہِ ماوٕ چھوأن منز ایکس؟!''۔

گرِنیرٛن چھُ پانٛس تام مگر واپس پھیرُن چھُنہٕ پانٛس تام۔ ایکس اوس اتہِ نظراہ گذراہ دِتھ نیرٛن یژھان تہٕ بیٚیہ کُنہِ جایہِ منز ایکسہِ ژھانڈُن یژھان۔ مگراتہِ گو بند۔ کانی چبتھ تہٕ اورٕ یورٕ چ کتھا کرتھ وۆتھ شین۔ ''اچھا وٕتھیوٚ تیٚلہِ''۔

نینسی تہٕ پرنس ؤتھی ۔ ایکس تلکھ زور، یمو اوس کلب گژھتھ از شام گذارنک پروگرام بنوومُت تہٕ ایکس سُند اتھ انکار کرُن بناوِہاتھندِس وطیرس مشکوٗک۔ سُہ تہٕ ووٗتھ۔

بوٚنہِ کنہِ بیوٗٹھ پرنس پننہِ کارِ منز، ایکس بیوٗٹھ پننہٕ کارِ منز تہٕ نینسی بہناؤ شینن پانس ستیٚ پننہِ کارِ منز تہٕ دژاے کلب کُن۔ پارٹی اُس پرٛنس سٕندِ طرفہٕ تہٕ بہرٕ تہٕ وبٹر اُسی ویڈی۔ آرڈر دِنٕچ اُسنہٕ کانٛہہ ضرورت تکیازِ بُہرن اُس خبر شینس کیاہ چھُ پسند، ایکس کیاہ گژھِ آسُن، نینسی کیاہ چھُ خوش کران تہٕ پرنس کتھ چھُ مأل بران ـــــ پارٹی روٗز شامس ژیر تام۔ شینن ڈوٚل تہٕ رژھِ ہناتہٕ تمِ کر نینسی ستیٚ ایکس تہٕ پرنس ڈیشمان زیادتی۔ نینسی اُس امہِ ستیٚ پریشان گژھان مگر ؤنتھ اُسس نہٕ کینٛہہ ہبکان۔ مند چھہ ملساونہٕ باپتھ اُس سواسان تہٕ تُہندس اسنس اوس شینن آنکارُک مانے نِوان۔ ویسے تہٕ اُس سوشینن سٕنزی کتھِ ''مُلکہٕ مسٹرس'' مگر ونکبس اوس ناپرٛنس اُتی ــــــ انسان ہے موٚکُر کھیٚنہٕ، سُہ کھیٚنہٕ پرٕدأری سان۔

ژیری دژایہٕ یم کلبہٕ منزٕ تہٕ ایکس آولارِ ہوٚتے گرٕ۔ تس اُس وومید زِ منز ایکس آسہِ آمٕژ تہٕ ووں کربس سُہ زارٕ پارٕ۔

گرٕ وأتتھ وٕچھ ایکسن کرٛیم کلر کارگراجس منز بند۔ سُہ گو خوش۔ تمی تھأو آرامہٕ سان پٕنٕنی کار اُکس کُن تہٕ اتھ لاک کرٕتھ ژاو اندر۔ بیڈ روٗمس منز وچھن مسز ایکس کھورٕ شور رضائے ہیتھ شنگتھ۔ ایکس گو سبٹھاہ خوش۔ پلو بدلأوِن تہٕ ژأو بسترس منز۔ مسز ایکسِ نہٕ کوٚر ژھِد تہٕ نہ بِد۔ ایکس اُس

راے یہِ آسہِ چھِتھ ۔ تٔمی ہیوٚت تس مشک مگر تمہِ سٟتؠ تو رُس نہٕ کینٛہہ فکِر ۔ ایکسن سوٚنچ زِ امہِ آسہِ از کھیوٚ مُت چوٚمُت کینٛہہ تہٕ اِ کنؠ آسبُس دبہٕ نیندر پیمٕژ ۔ سُہ اوسنہٕ أمِس آرامس خلل یژھان کرُن تہٕ یہِ سوٚنچِتھ زِ صُبحس بنہِ نا کتھ کرٕنؠ ، ترٛأوِن پانہٕ تہِ ننِدر ۔



# XX

یہِ شہر چھُ آفاہن ہُند شہر ۔ یِتِکؠ لوٗک چھِنہٕ اخبارس پٔرتھ کران تہٕ نہ چھِ ریڈیو پیٹھٕ ونہٕ مژ نیوز زِ کنؠ تھاوان ۔ یِم چھِ اخبارتہِ پران تہٕ نیوٗزتہِ بوزان مگر پٔرتھ چھِ تِتھی یوت کران یہِ لوٚت لوٚت کنہٕ پھسرایہِ بوزن ۔ حأکمِ اعلاہس أس لوٚکن ہندِ امہِ عادژ خبر ، اوے اوس أمؠ اکھ محکمہٕ بنوومُت یتھ منزملأزمن ہنز کأم أس کُنؠ پھسرایہِ تہِ وَنُن یہِ حأکمِ اعلاہس وَیہِ وُن آسہِ ہا تہٕ تہندہن دشمنن خلاف گٔژھِ ہا ۔ اتھ محکمس منز تہِ أسؠ تِتھؠ کُنؠ بے شمار افسر یتھٕ کُنؠ باقی محکمن منز آسان أسؠ ۔

آفاہ پھألیہِ زِ بُنیل ہسا آو تہٕ یہِ بُنیل آوژینہٕ صرف سرکأری بالاخانن منز ۔ دپان سأری بامبر یہِ ۔ چیف صأب ۔ ڈپٹی صأب ، سکٹری صأب ، ڈایریکٹر صأب ، ایکسایز صحب بیترِ أسؠ سأری دفتر ترٛأوی ترٛأوی ژٔلی مٔژ ۔ دپان شین صأبنس اخبار دفترس تہِ اوس بُنیل آمُت ، ایرپورٹس تہِ تہٕ یمن شہرِکس میوزک سینٹرس تہِ ۔ لوٗک أسؠ پھہہ پھہہ کران اچھِ حقیت بوزنہٕ

باپتھ ۔ تِم اُسی اخبار والین ہندِ بن دفترن منز بٔلی ہنجٲری گرٕھان زِ نیر ما کینٛہ
نۆن ۔ تِم اُسی ژھو پہ ژھو پایہٕ اُکس بیٚیس کتھ ہوان مگر نۆن اوسنہٕ کینٛہ
نیران ۔ شین سُند اخبار تہٕ دژاو ۔ اتھ منز اوس روڈیشیا ہس منز گورن ہندِ س
جبرس خلاف زبردست مضمون ۔ ریڈیو نیوزِ منز اوس ''سبز انقلابک'' زبر
دست شور ۔ مگر یوس آفاہ لۆکو بوٗ زمٕژ اُس تمیک اوسنہٕ تذکرٕ کُنہِ ۔
یتھ شہرس منز چھنہٕ کانٛہہ تہٕ آفاہ بے بنیاد آسان ۔ لۆکن اُسنہٕ خبر زِ از
اُس وجلنس دفترس منز اکھ چٹھی وٲژمٕژ ۔ امی چٹھِ ہُند نقل اوس سارنٕ
اخبارن ڈاکہٕ کہِ ذریعہ ووتمت ۔ ممکن چھُ امیک کانٛہہ کانٛہہ نقل آسہِ ہا اورٕ یور
تہِ گومُت ۔ وجلنس افسرن اوس لفافہ مٕژ رووُمت تہٕ چٹھی اُسن پٔرمٕژ ۔
اُمِس اُس اکھ اکھ لٲن پرٕان وٲنجہِ تھرٕ تھرٕ وژھمٕژ ۔ یہِ اوس
وۄشلیومُت تہٕ پننہٕ کورِ آسس یاد پیمٕژ ۔ تمی اوس خبر کیازِ ٹیلیفون ٹلتھ پننہِ گریک
نمبر ملنو ومت تہٕ اتہِ اوسُس آشنہِ کۆرمُت ـــــــ ''ہیلو''۔
''یمہٕ آیا کورِ مدرسَو پیٹھٕ؟'' وجلنس افسرن اوس زنانہِ پرٛژھمُت ۔
''نہ ۔ وُنہِ نہٕ ، ادٕ ژٕ کیازِ بامبر یومُت ہیؤہ''۔ آشنہٕ اوسنس اورٕ
پرٛژھمُت تکیازِ سو اُس اُہنز تھرتھرِ لد آواز بوٗزتھ پانہٕ تہِ بامبر یمٕژ ۔ ''خٲرٕ
چھا ـــــ ؟''۔
''ژیہِ چھے گوڈٕ نبرٕ آسان پیمٕژ''۔ وجلنس افسرن اوسُس ژکھِ
سان ہوٚ نمُت ۔ تکیازِ تس اوس زنانہِ ہنز آوازِ تلے پرزناوُن تۆ گمُت زِ یہِ آسہِ ہا
دوہلی شنگتھ ۔

وِجلنس افسرن اوس ٹیلی فون تژ وومُت ۔ امی ساتہٕ اوس جیپہٕ منز نیرتھ سکوٗلہٕ پتھ سکوٗلہٕ پھیوٗرمُت ، یموٚ منزٕ آسن پننہٕ تژ یہ کورِ انٕی ہژ تہٕ تمہٕ گرِ پننہٕ تژ اوی ہژ ۔ تمہٕ آسہٕ نچہٕ نچہٕ روٗسی کچہٕ ہشہٕ موصوٗم اُچھومائلس وٕچھان زِ یہ کیازِ چھُ پاگل ہیوٗہ گومُت ۔

وِجلنس افسرن آسہٕ کورِ گرِ تژ اوی ہژ تہٕ امہٕ پتہٕ اوس دفتر واپس آمُت ۔ اُمی اُس پُلسہٕ چھوک ستی تُجمژ تہٕ سیٚودے ایکس سُندگرٕ وومُت ۔ اتہٕ اوٚسن دروازس کلُف وچھمُت ۔ کلف پھٔٹرِتھ اُسی اُمی اتھ گرس تلاشی کٔرہژ ۔ اُمی اُسی کاغذات نیمتی ۔ کُنزٕ ہمژ تہٕ ٹیپ رکارڈر تہٕ ٹیپ نیمتی ۔ اُمی اُسی ٹیپ المارِ ہندی تژبشوے خانہٕ دٔونژھر اُوی متی تہٕ یہ سوٗرے کٔرتھ اوس واپس دفتر آمُت ۔

دفترِ پیٹھٕ اُسی اُمی بے شمار ٹیلیفون کٔری متی ۔ مختلف جاین آسن پُلیس چھوکہٕ سوزہژ تہٕ پانہٕ اوس نصف راتژ تام دفترَ ے بیوٗٹھمُت ۔ دفترس اوس دروازٕ بند تہٕ اندرٕ اُسی جرح یِوان کرنہٕ ، بیانہٕ یِوان لیکھنہٕ ، منزٕ منزٕ اوس کانٛہہ کانٛہہ ملازم نیران ، دورِ دورِ کوٚت تام گژھان ، اورٕ واپس یِوان تہٕ بامبرٕ ہوٚت اندر اژان ۔ ٹیلیفونس اُس رژھہِ پتہٕ رژھہِ گانٹی بجان ۔ اورٕ یور آسہٕ کتھٕ باتھٕ سپدان تہٕ بیٚیہٕ اُس دٔودٔولگان ـــــ اُخرس گیہ ژھوپہٕ ۔

بُنیل یِوان ژٕہس کھنڈس ۔ امہِ ساتہٕ تأجلی منزلوٗک ژلان ، لاران ، بامبران ، کھوژان تہٕ تھاران ۔ ژٕہی کُھنڈی بُنیل بہان ۔ ژٕہی کُھنڈی لوٗک بیٚیہٕ اسان ۔ بیٚیہٕ کتھٕ کران ۔ بیٚیہٕ آرامہٕ سان پنہٕ نٔبن کارن بہان ـــــ بُنیل ما

باپتھ ۔ تِم اُسی اخبار والین ہندٮ۪ن دفترن منز ٲلی ہنجٲری گرٕ ھان زِ نیر ما کینٛہہ نوٗن ۔ تِم اُسی ژھو پہ ژھو پاپہِ اُکس بیٛیس کتھ ہوان مگر نوٗن اوسنہٕ کینٛہہ نیران ۔ شین سُند اخبار تہِ دژاو ۔ اتھ منز اوس روڈیشیاہس منز گورن ہندِس جبرس خلاف زبردست مضمون ۔ ریڈیو نیوزِ منز اوس ''سبز انقلابک'' زبردست شور ۔ مگر یوس آفاہ لوٗکو بوٗزمٕژ اُس تمیک اوسنہٕ تذکرٕ کُنہِ ۔

یتھ شہرس منز چھنہٕ کانٛہہ تہِ آفاہ بے بنیاد آسان ۔ لوٗکن اُسنہٕ خبر زِ از اُس وِجلنس دفترس منز اکھ چِٹھی وٲژمٕژ ۔ امی چِٹھہِ ہُنٛد نقل اوس سارنٕی اخبارن ڈاکہٕ کہِ ذریعہ ووتمت ۔ ممکن چھُ امیٛک کانٛہہ کانٛہہ نقل آسہِ ہااورٕ یور تہِ گومُت ۔ وِجلنس افسرن اوس لفافہ مٕژ رووُمت تہٕ چِٹھی اُسن پرٕمٕژ ۔ اُمس اُس اکھ اکھ لاٗن پرٲن وأنجہِ تھرٕ تھرٕ وژھمٕژ ۔ یہِ اوس وو شلیو مُت تہٕ پننہٕ کورِ آسس یاد پیمٕژ ۔ تِمی اوس خبر کیازِ ٹیلیفون تُلتھ پننہِ گرٕیک نمبر ملنو مت تہٕ اتہِ اوسُس آشنہِ کوٗر مُت ــــــ ''ہیلو'' ۔

''یمہٕ آیا کورِ مدرسو پیٹھٕ؟'' وِجلنس افسرن اوس زنانہِ پرٕژھمُت ۔

'' نہ ۔ وُنہِ نہٕ ، ادٕ ژٕ کیازِ بامبر یومُت ہیوٗ ہ'' ۔ آشنہٕ اوسنس اورٕ پرٕژھمُت تکیازِ سو اُس اُہنز تھرتھرِ لد آواز بوٗزتھ پانہٕ تہِ بامبر یمٕژ ۔ ''خٲرٕ چھا ـــــ؟'' ۔

'' ژیہِ چھے گوڈٕ نہٕ آسان پیمٕژ'' ۔ وِجلنس افسرن اوسُس ژکھِ سانٕہوٗ نمُت ۔ تکیازِ تس اوس زنانہِ ہنز آوازِ تلے پرزناوُن توٗ گمُت زِ یہِ آسہِ ہا دوہلی شنگتھ ۔

وِجلنس افسرن اوس ٹیلی فون تڑ وومُت ۔ امی ساتہٕ اوس جیبہِ منز نیرتھ سکوٗلہِ پتھ سکوٗلہٕ پھیوٗ رمُت ، یمو منزٕ آسن پننہِ تڑ یہ کورِانی ہڑ تہٕ تمہٕ گرِ پننہِ تڑ اوی ہڑ ۔ تمہٕ آسہٕ نچہِ نچہِ روٗسی کچہِ ہشہٕ موصوٗم اُچھومائلس وِ چھان زِ یہ کیازِ چھُ پاگل ہیوٗہ گومُت ۔

وِجلنس افسرن آسہٕ کورِ گرِ تڑ اوی ہڑ تہٕ امہِ پتہٕ اوس دفتر واپس آمُت ۔ اُمی اُس پُلسہٕ چھوک ستیٚ تُجہڑ تہٕ سیٚو دے ایکس سُند گرٕ ووتمُت ۔ اتہِ اوسُن دروازس کلُف وچھمُت ۔ کلف پھٹرِتھ اُسی اُمی اتھ گرس تلاشی کُرٕ ہڑ ۔ اُمی اُسی کاغذات ہٕمتی ۔ کُنزٕ ہٕمڑ تہٕ ٹیپ رکارڈر تہٕ ٹیپ ہٕمتی ۔ اُمی اُسی ٹیپ المارِ ہندی تڑ بشوے خانہِ دَونژھر اُ وی مٕتی تہٕ یہ سوٗرے کُرتھ اوس واپس دفتر آمُت ۔

دفترٕ پیٹھ اُسی اُمی بے شمار ٹیلیفون کُری مٕتی ۔ مختلف جاین آسن پُلیس چھوکہٕ سوزٕ ہڑ تہٕ پانہٕ اوس نصف راُتس تام دفترَ ے بیوٗٹھمُت ۔ دفترس اوس درواز بند تہٕ اندرٕ اُسی جرح یِوان کرنہٕ ، بیانہٕ یِوان لیکھنہٕ ، منزٕ منزٕ اوس کانٛہہ کانٛہہ ملازم نیران ، دورِ دورِ کوٚت تام گژھان ، اورٕ واپس یِوان تہٕ بامبرِ ہوٚت اندر اژان ۔ ٹیلیفونس اُس رژھہِ پتہٕ رژھہِ گانٛٹی بجان ۔ اورٕ یور آسہٕ کتھ باتھٕ سپدان تہٕ بیٚیہٕ اُس دَودَولگان ـــــ اُخرس گیہ ژھوپہٕ ۔

بُنیل یِوان ژِہس کھنڈس ۔ امہِ ساتہٕ تاجلی منز لوٗک ژلان ، لاران ، بامبران ، کھوژان تہٕ تھاران ۔ ژہی کُھنڈی بُنیل بہان ۔ ژہی کُھنڈی لوٗک بیٚیہٕ اسان ۔ بیٚیہٕ کتھٕ کران ۔ بیٚیہٕ آرامہٕ سان پننہٕ نبن کارن بہان ـــــ بُنیل ما

چھُ روزُن چیز اہ___؟ ووں گو قیامت، سو چھَ بدل کتھ، دپان تتھ چھَ وُنہِ سُل۔

پگاہ گیہِ گوڑٕ آفاہ تہٕ پتہٕ دژ اواخبارن منز زِ لیس پی صأبن دِژ پانس پانے پھانسی۔ تمی اُس تالوس بجلی تار گنڈمٕژ تہٕ پان اوسن اُتھی پھٔہہ دیتمت۔

پتہٕ گیہِ آفاہ تہٕ بیہِ دژ اواخبارن منز زِ وجلنس افسر آو معطل کرنہٕ تکیا زِ تمی اُس پننہِ ڈیوٹی منز زیادٕ پہن سرگرمی ہأوِمٕژ۔

مگر یہ دژ اونہٕ کُنہِ جایہِ نوّن زِ پیٚلہِ مسز ایکس کلبہٕ پٔتھٕ واپس گرٕ آیو وتمی اُس مسز ایکس بیڈس پٔتھ نیندرِ پیمٕژ وچھمٕژ۔ رأتی راتس کوٚرنہٕ تمہِ ژھدبِد تہٕ تہٕ صبحس پیٚلہِ نہٕ سوژ یرِ تام وُژھی ایکس گوتس ہُشار کرنہِ۔

ایکس سند ہشار کرنہٕ ہٕکہِ مژراوِ نہٕ تمہِ اُچھ۔ تمہٕ اُس ہمیشہ خأطرٕ نیندرتژ اُومٕژ۔

ایکس گو پریشان۔ تس اوسنہٕ تگان کینٛہہ وَنُن۔ سُہ کرِ ہا کانٛہہ ژھل بل مگر لاش کتہِ تھاوِہا۔ تمی لگوو مکانس کلف تہِ پانہٕ دژ اوِ۔ تس اُس رائے زِ حأکم اعلا ہس سمکھہِ۔ سُہ درریوسیٚو دُے توٚری۔

یپأری اوس وجلنس افسر او ہندگرٕ پیومُت وأتتھ تہٕ اتہِ أُسن کلف پھٹرتھ تلأشی کرمٕژ۔ اتہِ أُسن ضرُوری کاغذات تہٕ بیٚہِ تہِ واریاہ چیز ضبط کٔرِ متہٕ تہٕ مکانس سرکأری کلف کٔرتھِ اوسُن اتہِ لاشہِ ہنزِ حفاظتہٕ باپتھ پُلیس پہرٕ تھوومُت۔ تمی اوس واپس دفتر گژھتھ باقی مُلزمن پُلسہٕ سوٗزمُت تہٕ تم أُسن گرفتار کٔرِمتٕ۔ تمی اوس چیف صأب، ڈپٹی صأب بیترِ سأری اکھٹے

ایکس منسٹر ہبتھ پر بتھ کانٛہہ پٹن دفتر طلب گری متےٚ تہٕ یمن اوس وٕنھتی تہٕ ولٕٹہٕ سوال کران۔

ییمہِ ساتہٕ ایکسن حأکم اعلاؤ چھ، اُمِس ژایہِ نٹھ۔ مگر حأکمِ اعلاہن گرس اورٕ ے اَسنہٕ ہناتہٕ ووٚننس۔ ژکیازِ بامبر یومُت ہیوٚ ہ۔ میہ بوٚ زسورٕ ے ژہندی آخری رسوم گرژھن أزی کرنٕ۔

تہٕ بوٚ زِتھ اوس ایکسن پھربک تژ وومُت۔

ژپری آوشتین۔ بیہِ آوپژنس تہٕ بیہِ سُہ نفریُس پرنس سِنٛدِ طرفہٕ ایکس پوٚنسہِ ہبتھ آمُت اوس، تہٕ بیہِ سُہ نفر تیمس ایکسن حأکم اعلاسِندِ وننہٕ کاہ شتھ روپیہٕ دِتی متےٚ أسی، بیہِ آوبلاک صدرتہٕ بیہِ تہٕ وایارہ نفر____ تم نفریم نہٕ ایکسن اتھ دوہس تام زانٛہہ وٕچھمتےٚ أسی یاوٕچھمتی تہِ ہے أسن مگر اہم أسن نہٕ زأنی متےٚ۔

یموٚلوٚکوتُج بڈٕ احترامہٕ سان مسز ایکسہِ ہنٛز لاش تہٕ گری ہس أخری رسوٚم ادا۔

پگاہ اوس ایکس بارس منز کنٛہ زوٚن بہتھ وِسکی چوان تہٕ سونچان۔

''کتہِ ہیکہٕ بہٕ حق نکھِ وألِتھ۔ یتھ ماتمس منز تہِ لوٚگُم یہوٕ ے بب بکار''۔

____اند



# اختر محی الدّین

(۱۷/اپریل ۱۹۲۸ء ـــــ ۲۲/مئی ۲۰۰۱ء)

## اعزازات



1) ساہتیہ اکیڈیمی ایوارڈ 1958ء

2) پدم شری ایوارڈ 1968ء

3) Best Writer Prize

(بہلہِ پایہِ لِکھأری آسنگ اعزاز)

4) Kala Kendra Shield

(کلا کیندر شیلڈ) 1975ء





# اختر محی الدین

(۱۷ر اپریل ۱۹۲۸ء ــــ ۲۲ر مئی ۲۰۰۱ء)

## مطبوعات

- ست سنگر (افسانہٕ)
- سونزل (افسانہٕ)
- دوددگ (ناول)
- زُوتہٕ زولانہٕ (ناول)
- سلاوِامر (سفرنامہٕ)
- ژھاے (ترجمہٕ)
- پزر پرکھاونس منز میانئن تجربن ہنز داستان (ترجمہٕ)
- گاڈہانزٕنی (ترجمہٕ)
- سون ادب (ترتیب)
- شیرازٕ (ترتیب)
- شیشہٕ تہٕ سنگستان (ڈراما)
- نستہٕ ہُند سوال (ڈراما)
- آپن ہوٚر جنگ (افسانہٕ)
- أسی أسی تہٕ أسی آسو (ڈراما)
- ژ تجیہ ریڈیو ڈراما
- سیٛوٚن وٚن نیٛن سیٛوٚن نیٛن (افسانہٕ)
- جہنمک پٔنن پٔنن نار (ناول)